نہِنٛز ٹھوٚر دِنہٕ باپتھ چھہٕ یتھ کالہٕ پیٚٹھ انسان کامِل سوزنہٕ آمت،
ییٚم باپتھ تہٕ پوٚز نیس، تھواپس تہٕ گوزہٕ ہٮ۪س چھہٕ یمہٕ بدٕی کڈان[۱]۔ امہٕ پزٕرچ
وٕچھنے کرٕ لل دیدٕ یہ بانگ دِتھ سے

شِو چھُے تھٔلہٕ تھٔلہٕ روزان
موزان ہیٚوٚنٛد تہٕ مُسلمان[۲]

یہ شِو یتھ لل دیدٕ ژھاران تہٕ گاران[۳] روز چھُ تنترو مُطابق عٔلمہ
کاینات نِنٛز سَہ ژینہٕ ون یوسہٕ اختلافہٕ منٛز وحدتِچ خود آگہی[۴] چھُے دِوان
یہ شِو گوٚ پنٕنی زان۔ یہ چھُے سَہ اعلا ترین حقیقت یوسہٕ خالص
باطنِچ وٕزِنی چھُے، اندرِم خبر چھُے، پانے زو توٚنی تہٕ سَراسَر عالمگیر چھُے[۵]
یہ چھُے سَہ افضل ترین خود شناسی یتھ منٛز کثرت تہٕ وحدت رٕچھ
تہتھے پاٹھو پیوست، ییتھ پاٹھو سمندرٕکی آبس منٛز نوٚن چھُ۔[۶] امہ
ذہنی کیفیتُک انتہأیی منزل چھُ "آنند" اطمینانِ قلب تہٕ دأیمی خوٚشی
کشیرِ منٛز چھُ قودرتِچہ بے پناہ رنٛگینی سیتی سیٹھاہ باطنی
حُسنُک لاثانی امتزاج اوسمُت۔ یہِ تہِ کالہٕ پیٚٹھ چھُے یہ رٕیشن وأر
اِنسانس پنُن اصلی تہٕ مُناسب مُقام دِنہٕ باپتھ کوشان روزمِژ۔ ناگہ

---

۱۔ بھگوت گیتا ادھیاے ۱۸ شلوک ۶۰۔ قرآن شریف ۵۴، ۲۳ کتاب الام
جلد ۳، صفحہ ۵۰۵۔ ۲۔ لل دید۔ مرتبہ پروفیسر نند لال کول طالب صفحہ ۴۳
۳۔ لل دید۔ مرتبہ پروفیسر نند لال کول طالب صفحہ ۲۹۔ ۴۔ تنترا لوک، جلد
اول، باب اول، شمار ۱۰۸۔ ۵۔ وحی ۶۔ تنترا لوک باب ۱۱۔ شمار ۱۹۲

پروفیسر کاشی ناتھ دَر

# تنتر ۔ ترکہٕ شاستر تہٕ لل دید

سمے چھُ نہٕ زانہہ تہٕ اَکی ڈٲنچہ روزان۔ امیُک ہزانہٕ چھُ گاہے تیچھر تہٕ گاہے کریچھر پراوان۔ انسانی تاریخ چھےٚ اَمہ حدا حقیچ زندٕ ثبوت ییتھےٚ پاٹھۍ چھےٚ انسان پنٕنہِ بالغ نظری پٲٹھۍ وزٕ وزٕ تس رٔژ نہٕہج دینہٕ باپتھ کوشش روزان ہُش۔ لل دید ییلہ پٲٹھۍ یتھ وقتس منز راژ ییتھ، تتھ وزِ ادس زمانہٕ پہور تنترٕ تہٕ منترٕ لبنہٕ یوان۔ انسان اوس گدامہ رٔوس پوش بُننتھ پننہٕ زھایہ سیتۍ ہنگتن میٚژلُبتھ ہٹولہ ہٹول کران۔ تراینہ قدر آسہ زحمتہ کنہٕ ہوان نہٕ تو قدرٕ جہارس گژن لمان یہ۔[1] قدیم تہٕ جدید ییلہ ییلہ یژھ دیدہٕ ہنرٕ آورنہٕ آمت چھُ، تیلہ تیلہ چھُ اتحاد چھوکہ لد گژھتھ انتہالس سگوان رٔوذمت۔ دِل تہٕ دماغ چھُ ییتھس جوٗنو مشق گردہٕ روزان تہٕ زنگہٕ وٲلتھ۔ ییتھس کرہٕ ہٹس ہوا نوا ییلہ ییژن لوادُن رفتار نتہٕ پشون وقار دِنہٕ باپتھ دیٚنت ییدان یورچہ للہ دیوان ودٕرہ[2] شیطان ییلہ غالب چھُ سیدان۔ اَتھ غار موافق

---

[1] جونہ راج ترنگنی۔ شار نمبر ۵۷ء۵ ۔[2] حضرت علمدارِ کشمیر۔ نور نامہ مرتبہ شری امین کامل۔ شرک ۲۳

خالق چھُ آچاریہ وسوگپت مانتہٕ یوان۔ اَمیُک گوڈنیُک سوتر چھُ غانٛڑمیم
پانٛٹھ دَرس دِوان کہ "آتما چھُ خود آگہی"۔ انسانی قابلیتس مُتحرک کرُن
وۄجینہٕ قوہ وۄتہ چھےٚ خود آگہی ہینٛہ زان۔ یِہاے چھےٚ ذات اعظم
تھزرِچ تہٕ بجرِچ ضمانت دِوان۔ یوٗہے گوٚ 'شِو'۔ یُس پانہٕ اعلاترین حقیقتھ
آسِتھ تہٕ چھُ "شکھتی" ہُند اَتھہِ واس حاصل کٔرِتھ مجازس ظہور پذیر
کران[۱]۔ دُنی ہینٛک لوہ لنگر وُہہ پداوان۔ گُنہ آسِتھ وارادہ بنان 'شکھتی'
یوس کُنہِ زوٗل چھےٚ پادٕ کران' اَتھ چھُ 'مایا' ناو دِنہٕ آمُت۔[۲] یِتھےٚ خود
شناسی (گیان) چھےٚ وُتش لبان یہ کُنہِ زوٗل چھُ لوٚت ہیوان تہٕ شِو
تہٕ شکھتی چھِہ ہم آہنگ سپدان' گُنہ سپدان۔ مجاز تہٕ حقیقتھ، مخلوق
تہٕ خالق، ظاہر تہٕ باطن، بندہ تہٕ خودا، آتما تہٕ پرماتما، کثرت تہٕ وحدت
چھِہ یکسانیت پرٛاوان[۳]۔ یہاے گیہِ 'شِو دشا' یا 'شِو' آسنٛچ ذہنی
حالتھ۔ یتھ منزِ لسن وأنتھ چھُ انسانس ابدی سوکھن (آنند) تُمہ نُسر
سپدان[۴]۔ اَوے چھُ تنترن ہُند فرمان کہ دُنیاوی ہانکلہٕ لاگِتھ گوٚ 'زیو'
(فانی ذات) ییمہ ہانکلہٕ ژٔنڈِتھ ییلہٕ ژھینہٕ تہٕ یہاے ذات فانی
(زیو) چھُ 'شِو' بنان۔ لافانی مرتبہ حاصل کران[۵]۔

---

۱۔ شِو سوتر ۱۹-I، تنترالوک ۱۔۷، [۲] تنترالوک ۱۱۶۔VI، ایشور پرتی
بِگیا ومرشنی ۳۵، I، وہی ۷، III [۳] ڈاکٹر کرشٹ ایف، لیڈ کرِپرتی
بگیاہردیم صفحہ نمبر ۲۰ - مہا نِروان تنتر باب اول، شارہ ۴۳ - آنند سوترم
شارہ ۲۔ سوندریہ لہری شمار ۶۵، ۷۴، ۸۴، ۹۰، تیچیستوی ۱۸، I۔ ۵، II،
۱، VI وغیرہ وغیرہ [۴] شِو سوتر ۵، II ۵، کلارو تنتر صفحہ نمبر ۲۴۱۔

سہ پٕرا وِ خود اعتمادی تہٕ پٕزرٕ زانہٕ وِ پانسے منٛز سعہ ذاتِ حقیقی، یِتھ بگوان
شِو۔ اللہ بیتر ناو دِنہٕ چھہٕ آمتی۔ یِوہسہٕ موٚحدٕ وُدٕ اُسِتھ تہٕ چھےٚ
لا موٚحدٕ وُد۔ یِوہسہٕ بٕیُون بٕیُون اُسِتھ تہٕ چھےٚ اکُنی۔ یِوہسہٕ آرٕ کوٚہ لٕن
ہمشد شور و شرٕ پادٕ کرٕ تھ سُد رس نالہٕ رٕٹِتھ اَکھ پُرٕ سوٗکوٗن سٔنیر
پٕرادان چھےٚ۔ اَکھ منٛزٕ لَس وٕ اٚتِھ چھہٕ اِختِلاف اِتحاد بٔنان۔ اَوٕے
تہٕ چھہٕ کلہن پنٛڈِتن کاشرِ منٛتلق یہٕ حرف بحرف پُرٕ پیشین گوٗئی کٔرمٕژ
"میشانہٕ مُلکٕکو لوٗکھ ہیکن حرف شوژرٕ تہٕ پارسائی سیتھ
زِینتھ ہیتھ۔ طاقتِ شمشیرٕ پٕراوِنہٕ ہتمَن پیہہٕ ٹ کانٛہہ تہٕ اَثر۔" یِوٚہے صحتمند
زاوِیہ نظر چھہٕ کاشرِ ن ہنٛزٕ وِرا ثتھ، یِتھ اَز تام نہٕ چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ گیٚتھ
ژامژٕ رٔچھتھٕ آمٕت۔ اَمیُک داٚئیم چھہٕ اَز تام تہٕ سادٕر وار۔ تِمژٕ شاسٕتر
تہٕ تمکیہ فلسفن چھہٕ یہٕ میراث سارِوے برٕوٚنٛہہ ٹ سیرٕ میچھہٕ ٹ سیرٕ نقاوٕ تھ
اِستادٕ کرٕ مژ۔ ژوماٚہی مہ ھندی منٛزٕ کرٕ ٔلل دیٚدِ اَکھ لوٗکہ زبانہٕ منٛزٕ نوٗی
آیہٕ وٕکھتے۔

ترِک شاستر یَتھ شِو مَت تہٕ وَنٛنہٕ چھہٕ یِوان چھہٕ تنٛترن ہنٛز اَکھ
لَنٛڈ۔ اَوٕسے تہٕ کرٕ شِو فلسفٕکو عظیم ترین عالِم اَبھِنو گُپتن باہن
جلدن منٛزٕ تنٛترالوک تصنیف، یَمیُک مطلب چھہٕ تنٛترن ہنٛد پٕرکاش
تہٕ روشنی۔ حالانکہ اَتھ منٛزٕ چھہٕ شِوہَت اوپرِ ھناوٕتہٕ آمٕت۔ تنٛترٕ چھہٕ شِو
شاسترِچ کوٚتہٕ گَنہٕ۔ اَمہِ فلسفٕچ موٗتبر تہٕ اوٚلیٖن کتاب چھےٚ 'شِو سوٗتر' ییٚمیک

---

راج ترنگنی ۲۲ 1.39
Published under Kashmir series of Texts & studies. 1911. A.D

حقیقتہٕ نِشہٕ چھُہ ' ناپایدارٕی ' . انامے ' گو وِچارٕ روٗس . یُس نہٕ کانٛہہ تہٕ تبدیلی ہیٚیہٕ ہیٚے ' پایدار ' غاۄرمتر لزل . یہٕ چھُہ " شِو ' شُند تہٕ اکھ وصف وِشودشا ' پٔراوِنہٕ باپتھ یُس نوسخہٕ چھُہ مرتب کرنہٕ آمُت تمیُک چھُہ اَمہٕ یُگتی حرف بحرف ذِکر کوٚرمُت تہٕ پانس پیٹھٕ آزموومُت توٚتے چھُہ بُتٕن تمیُک دقیقہٕ کیٚنہٕ کاٹھۍن ہیٚشرِ اَتھہٕ رٕٹِلمناوٕنیُک ترغیب دِژھٕ مژ .

" لل بہٕ دٕرایس سومَن باغہٕ برس
وُچھُم شِوس شکتھ مِلیتھ تہٕ واہ
تَتہٕ سے گرِم امرتہٕ سرس
زِندے مرس تہٕ سے کرِ کیا ۱۵ "[۱]

یتھہٕ واکھس منز چھُہ حقیقت تہٕ مجازُک یکہٕ وَٹہٕ آسُن وِرژھناونہٕ آمُت . یُس عارِف اَتھہٕ بوٚزن ثیوٚن ہیٚکہٕ گٔڈِتھ . سُہ پٔراوِ امرِیتھ تہٕ بنہٕ غارِ فائی . کیازِ تمیُک رِشتہٕ زندگی یا موت ، بقا یا فنا ، جیوٚن تہٕ مکھتی چھُہ ہم معنی بنان . سُہ چھُہ ' شِو ' بنان[۲]

لل دید آس اکھ باہوش گوٚنہٕ مات . تمِس اوس ایحساس سِید ان برکشیپر پنُٕنہٕ پوٚت کال (ماضی) چھُہ زٕھیسہٕ گرٕژھان . اَتھہٕ تہٕ نوٚمس وِرس (حالس) گژھہٕ سوٚرتھہٕ لگُن ، کٔدِل بنُن . اَوے دِژ تمیُ سہ تالیم یتھہٕ منز پٔراہنس تہٕ نوٚس میٚشِل گو . نوٚو بنیو پٔرانیُک اِصلاح گوٚمُت روٗپ . سُلطانن

---

[۱] واکھیہ للیشوری - اُردو ایڈیشن - مرتبہ پنڈت آفتاب کول وانچو صفحہ ۳۳
[۲] شِوسوتر . ۲۵ ، III .

اَکھ ضمنس منٛز چھُہ اَمہِ پہٕ وَنُن مُنا سِب باسان کہِ تنٛترن یا ترِک شاسترن منٛز یِمہِ شوٗک ذِکر چھُہ کرنہٕ آمُت ۔ یہِ چھُنہٕ شہ شِو لِنگ یا پچہٕ تُل یِیِنٛچ پوٗزا منٛدرن منٛز چھےٚ کرنہٕ یِوان، یہِ چھےٚ اَکھ وِجدٲنی کیفِیَتھ اَکھ مسلسل ذہنی مشق ۔ یتھ ’ابھیاس‘ چھُہ ونہٕ آمُت، تہٕ اَمچ آخری حالت چھُہ ’وِکاس‘ (پھولُن) ناو دِنہٕ آمُت ۔ لل دیدِ ہِنٛد کلامہٕ چھُہ بِلا شک اَمہِ فلسفک کاشُر تفسیر تہٕ تشریح ۔ اَدے چھےٚ لل دیدِ اَمہِ پہٕ تلقین کران ۔

”ابھیاسی سۄ کاسی لیہ ووٚتھو
گگنس سگُن میوٗلُن سمہِ ژَرٕٹا
شُنیہ گوٚل تہٕ انا مےٚ موٚتو
یوٚہےٚ وۄپدیش چھےٚ بٹا“ ۱

یتھ واکھس منٛز چھےٚ لل دیدِ شِو فلسفچ گوٚج وہنراو منٛز یُنٛتھ نہٕ بلکہِ شِو شاسترس منٛز یِم اِصطلاح استعمال چھےٚ کرنہٕ آمژٕ تِمن ہُنٛد چھُہ بے واپہ ولِوہار نہٕ کوٗرمُت ۔ ’ابھیاس‘ گۄ مُسلسل ذہنی مشق یتھ منٛز پرانن ہُنٛد اَشتھن، ہُنٛد رَبط تہٕ ضبط تہٕ شامِل چھُہ ۔ ’سۄکاس‘ چھُہ مُکمل پاٹھو پھولُن، خود شناسی یا دِیر گژھنہٕ ۔ ”لیہ“ گوٚ کُنی حالت گژھنہٕ، یکسو بنُن ۔ گگن گوٚ آکاش، مَنک آکاش یا بٲطِن ۔ سمہِ چھُہ سۄم ۔ یکسان، ہِیوٗ ۔ ’شُنیہ‘ گوٚ کھعہ کھرٕ آمُن

---

۱ ’للیشوری‘ ہِندی انگریزی ایڈیشن مرتبہ شری سروانند چراغی ۔

بیچھ برٛہمنہ سپدِ کھوتہٕ کھسیتہ ۔ برٛتر تہٕ افضل ۔ اوٚسے فرموول دیٚدیٚ

"پیٚرِتھ تہٕ پوٚزِتھ برٛہمن ژھیٚٹن
آگرُ کھٹن تیٚتھ شدرٕ ویدسیٚتو
پیٚنچھ سن پیٚتھ تھوون مٹن
موٚہیت من گژھکہ اہنکاری" ۱

ٲشوٚ شاستر چھِہ مُنچہ پوٚز مٔنٛز یقین تھاوان ۔ یمی من زیوٚن سٕے
وونت مٔنٛزلس ۔ کنہِن سجدٕ کرُن گو پننے ڈیکہ چھوکہ پلدٕ کرُن ۔ سہ
ذاتِ ابدی تہٕ حقیقی چھِنے پانس مٔنٛز ے ۔ اوٚسے وٚنیتھ للہ یہ درس :

"دیو وٹا دیوٕر وٹا
ہیٚرِ بۄن چھِنے ییٚکہ واٹھ
پوٚز کس کرکھ ہتو بٹا
کرمنس تہٕ پوٚنس سنگاٹھ" ۲

اٚصل پوٚزا گیہ من تہٕ پران گنڈ کرن شیٚنہِ ہندس اُتہٕ گتس
سیٚتو سٕے معبود تھاون ۔ پنُن پان زانُن ۔ اتھ چھِہ للہ "ہمسہ گتھ" ۳ وو۔
یوٚسہ یوٚگٕچ معراج چھِنے مانیتہٕ آمٕژ ۔ یہ چھِ زبانی مٔنٛز چھِہ "ہمسہ" ہے تہٕ بین۔
ہا تہٕ سا لفظن ہند مجموعہ ۔ ہا گوشہنہ بیٚبر کڈن تہٕ سا گو اندر اَنُن ۔ یمن
شیٚنہِ پیٚتھ پیٚلہ عبور وہ پیٚدٕ یمن مٔنٛز گژھ ربط تہٕ ضبط پاڈ ۔ اکی وگر

---

۱۔ لل دید مرتبہ پروفیسر طالب ۲۔ لل واکیانی ۔ مرتبہ شری سروانند چراغی
۳۔ للیشوری اردو ایڈیشن مرتبہ پنڈت آفتاب کول وانچو۔

ہیٚنٛز حٲکو مُتز آو فارسی تہٕ عربی بارسس۔ زمانہٕ چھُ پننس ماحولس
مُطابق زبان ایجاد کران۔ یژھن چھُ ترٛانان نہٕ نوو چھُ کرمی پرادان سنسکرت
زبانہِ تہٕ آو اوے زوال، یتھ متعلق شایر بلہن اوس ٹیٛشٹ تھاوِتھ
رقمطراز کہ میانِس وطنس منز چھےٚ مستورات تہٕ مادری زبانی ہیٚندی
پاٹھۍ فر فر کرِتھ سنسکرت بولان تہٕ چالان[1]۔ لل دیدِ کوٚر اوے کاشرِس
کُن توجہ تہٕ ژاٹرِن یہاے زبان پننۍ وُتیش اظہار کرنہٕ باپتھ۔ یہ اوس
وقتُک تقاضہ تہٕ منگ نہٕ۔ وقتس سیتی یمٕ کُن گو زیادٕ زور کُن۔ کاشر
زبانی ہمشدو پیلہ رُود تہٕ اُتھ نو آیہٕ وضاحت کرنہٕ باپتھ اکھ زوردار
ذٔری یہٕ۔ یتھو فلسفُک انتخاب کرنس منز تہٕ اوس اُمس لل ماجہ اکھ
خاص مُدا۔ یہ فلسفہ چھُ ہیٚندی فلسفن منز سیٹھا ترقی پسند۔ بلکہ چھُ
آدرش کھوتہٕ حقیقتس آبیاری کران۔ اسلامس تہٕ اتھ چھہ وارا اَلوٚہو
مشترکہ، ہوی۔ یوے ہے سبب اوس کہ لل دیدِ ہنٛزِ وٲنۍ تہٕ کاشرِس منز
ییمیٚہ اسلام تبلیغ اوس کران۔ اسلامس کُن راغب گژھن والین
ہیٚندین پیٚٹھ زیٚنہٕ ون کہ یہ تمہ ہہ نتہٕ لکن چھُ ہٕنہ چھہ تمہ ہہ پننس درمس
منزے دستیاب۔ یہ اوس اکھ موجز۔ یُس اُمی باخبر ریش کوٚر باماسنے
پاٹھۍ سرانجام دیُت۔

ثرک یا شوتمت چھُنہٕ ذاتیچ تقسیم مانان[2]۔ یہ تفریق چھُنہٕ خوداد
بلکہ انسانٕ بنوومت۔ عرِق فانک عوارِ وج یوٚد وٲے شوٗدر نہٕ پراد مُہ

---

۱ دکرامنکُ دیوچرت۔ ۶ XVIII ۲ پنچستوی ۱۸ ۱۔۱۔ کلارتو تنتر

ئینٛدرِ سے شوٗمرِتھ آنند کرٕنے
اُدِکُس مرِتتے مارٕن کُس" ؏۱

مَنکُس وُڈوُن گرٕ پرٕ گیاٗ تہٕ پنٕنہ زاٗنی سیتی قوٗبوٗ کرُن۔ بوٗہے کیاٗت
چھِہ گوٚڈ یمکِر اُتھواسہٕ سیتی چھِ نفساٗنی خاٗہشات ژمان تہٕ ژمان تہٕ اَتھ
وَنہٕ پکُن بساد ایدیٚ شانتی تہٕ سوٗکھن پراوان۔ اُمِس گوٚڈ رٕ شند وژُن
چھُ لل دیدِ یمہِ آیہٕ پرٕکھسوٗمُت۔

"گورن ووٗنُم کُنُے وَژُن
نیٚبر دوٗپنم اندر اژُن
سُے گو للہِ مِٹے واکھ تہٕ وَژُن
توٚے ہیٚوتُم نٔنگے نژُن" ؏۲

ظاہرٕ چھُ فاٗنی۔ اَمہٕ نا پاییدار وجودٕچ کرِہ۔ اَتھ گوڈ بَرُن
گو احمقی آسُن۔ اَوَسے چھُ باطِن وُز ناوُن اشدھ عنوٗر وری۔ ظاہرس
لَگتھ دِنی گیِیہ باطنس کُن روٗجوٗ کرُن۔ اَوَسے تہٕ چھُ پنہٕ شریروک شُدھر
کرُن کاٗمہ مانے تھاوان۔ شوشاستر مُطابق چھُ شریر پٕنٛن پان نمٕنہ
باپہتھ۔ اَتھ چھِ ئینٛدرِ سے اعضاٗئے جسم مُدٕسے گنڈتھ روزان۔ یمَن تہٕ
گژھہ سوہ ترتیب تہٕ تمیز دِنہٕ یُن، یمہٕ سیتی ہم تہٕ ظاہر یا نموٗد سُس
کُن اَچھ وٕ رٕتھ پکن باطنس سُگوان ؏۳ اَتھ چھِ نِرکھ بوٗگ ناوِ دِوان
لَلہِ باوٕ یہ صد اقتھ یہتھ پاٗٹھو:

---

۱۔ راوا کھیہ للیشوری۔ مرتبہ پنڈت آفتاب کول وانچو ۲۔ لل دید مرتبہ پروفیسر
طالب صفحہ ۲۳۶ ۳۔ شیوسوترٕ III ،۱۱ ، ۸ ، II

ہین یم پکھنہ، تینلہ ژٕ ا وِمنوشِ یکسٲنی۔ دۄ جوٗدس تہٕ لا دۄ جوٗدس درمیان ہیم ختنق چھہ ژھم ین پرٲونہٕ۔

تنتر یا شو فلسفچ چھنہ کھینس منز کانٛہہ تہٕ پرہیزگاری ہنٛداوِنس پوچھر دِوان۔ ابھنوگپت چھُ اتھ چنمنس منز بڑ لوبونٛی تہٕ بیھہوٗنی مثال دِوان۔ ژٕ چھے کتھ تہٕ مصالہ ستیٚ تٲمبر سپدان۔ آسہ پیٚنہٕ وٕچھُن کہٕ اتھ منز کُس چھُ روزان۔ سون مُدا چھُ تمُس سیتنہٕ، شریرس منز۔ یتھ خاکی قالبس منز چھُ یا آتما یا رۄح بسیتھ۔ اسہ چھہ یتہ تسلیم کران کہ یہ آتما یا رۄح چھُ اکھ ژٕھ دائمی شے یتھ پیٚٹھ کُنہ کہٕ اثر چھُنہ سپدان یہ چھُ ژٕو کہٕ موٗدرِیس منز۔ اتھ چھُنہ کانٛہہ روٗپ تہٕ رنگ۔ کھین کانٛہہ تہٕ کھینیو یہ روزہٕ تیٚتھچھے اتھ یہِ یہ کانٛہہ تہٕ فرق[1] اوے دٔیت لیہ یہ کھن

" زانِنس اندر کیول زوٗنم

انس کھینس کُس چھم دوٗش "[2]

شو فلسفس منز چھُ گورُ شُند مُقام سیٚٹھا تھوٚد مانیہ آمُت۔ گورُ یا مُرشد چھُ عابدس لاکم ژٕھنہ وتہ انان[3] یُنزِ کُنہ چھُ یہ گورُ شو یا ڈنی پانے۔ کانٛہہ وۄہ یدرنہٕ پنیتہ وزنہٕ وراے کانٛہہ بیاکھ نہٕ یہنٛاے چھے سو ژٕھ یوسہ لل دیدہ یتھ پاٹھو چھے ظاہر کرمٕژ۔

گورٕ شبدس یُس یژھ پژھ برے

گیانہ وگہ رٹھ ژٕینہ تورگس

---

[1] پرمارتھ سار۔ شمار ۲۱، ۲۲ تہٕ ۲۷ لل دید مرتبہ پروفیسر

طالب جنلنہ نمبر ۹۲ تہٕ ۳۳۔ شیوسوٗتر ۶، ۱۲۲

غُلام نبی فراق

# لٔل تہٕ انسان دوستی

اَسہِ پیٚتھٕ یہٕ کٔتھ نظرِ تَل تھاوِتھ زِ انسان دوستی ہُنٛد تصور چھُ
وارِیاہ پرٛاناہ دار تہٕ رۄہ دار۔ اَمہِ تصورن چھُ یوٗرپس منٛز تہٕ وۄہمہِ بۄ
لۄ بِمُت تہٕ ایشیاہس منٛز تہٕ اَتھ چھُ مذہبن تہٕ سنگ دیٛتمُت تہٕ مذہبہٕ
نیبر تِمَو فلسفو۔ یوٗت تہٕ ییم بہتر انسانہٕ بشر تامیرٕ نَژهان آمتۍ چھِ۔ اَکھ اوس
دَپان زِ انسانس منٛز گژھہِ نہٕ حیوانیت تیٚژ طاقت وَرٕ سپدٕنۍ زِ سُہ واتہٕ
حیوانَن نزدیک۔ بیاکھ اوس وَنان زِ انسانس پیٚیہٕ گوٚڈٕ ژھ نہٕ سُہ
طاقت غالب سپدُن یُس اَمس بےٚ یِس بناوِتھ تھاوِ۔ تِمَو تہٕ چھُ اَسہِ
برۆنٛہہ کُنہِ پیٚمَو یہٕ لۄٚ ژھ زِ انسان سُنٛد موجوٗد گوٚڈٕ ژھ خود انسانہٕ تیٚ
آسُن۔ تِمَو تہٕ ہُنٛدٕ نہٕ اَسہِ زِ ژہہ ییم عرش تراوِتھ فرشس لول بَرنہٕ لگو۔
کُنہِ گٔنٛزرٕ کٔڈٕ نہٕ بانتھ بیٚن اَسہِ توٲرِ پَنٕنۍ کیتھہ وَرق تہٕ پھیرِتھ، تِمَے سٕتۍ
سپدِ یہٕ کتھ صاف زِ یہٕ تصور کتھ دورس منٛز کمہِ شکلہِ چھُ انسانس
اَتھ روٚٹ کرنہٕ بوٚ یہ ژھمُت۔

یوٗرپس منٛز روز وارِیاہن صدیَن مذہبس مُتعلق رِوایتی اوٚمُو
ہنٛزٕ اُنٛدٕ تقلید جٲری۔ عوٲمُو جِس وٲتتھ سیٚزٕ اَنٛکھ تخلیقی عمل وۄہمہِ بۄہ
نِش بِلکل مَحروٗم۔ پتہٕ تہٕ عالم اوس مذہبس اُنٛدی اَنٛدی نِشان تہٕ مذہبک
بوٚڈ بارٕ مسلہ اوس یہٕ ویٚژھنا وُن زِ خدایہ سُنٛد وجوٗد کیاہ چھُ تہٕ زَرح کتھ

شێ وَن ژٕ ہٕتھ شُشکل وُزِم
پٔژ کرِتھ ہُرزِم پوٚنٕ سیٖتہٕ
لوٗلکہِ نارٕ سیٖتہٕ وٲلِنجہ بُزِم
شنکر لوٗبُم تمی سیٖتہٕ (۱)

شِیٚن وَنَن کرِتھ پیٚٹھِن جنگلن تار دِتھ۔ پانژن کرمہٕ اِندرِین اعضائی
عملُت تہٕ مَنس قٲبو کٔرِتھ وُزٕ بیٚیہ کٲمہ کُنڈلِنی، سۄ ہُریٚنہِ یِوان سیٖتہٕ نوٚن پیٚٹھ
ژھاکس تام چھےٚ سفر کٔرِتھ شِیٚن مُقامن طےٚ کران۔ اَمہِ وُزَن سیٖتی چھےٚ
عارفس پَنُن بیدار بنتھ تہٕ بصیرتھ بخشان۔ بٲطن شولہِ ناوان تہٕ شنکرس
شناخت تہٕ سوٚ کُن دِنہٕ وول بنو، خود آگہی چھےٚ ٹاکارٕ ڈرِشٹھ یوان۔
امہ پتہٕ چھےٚ یہ بیٚیہ پُنہٕ آگرس کُن واپس وَسان۔ یتھ پٲٹھۍ چھہ
ییم بارہ پنڈاوبنان (۲)۔ یمن لَلہِ چھہ یوگک خالص ناو "دوٲشانت"
ڈیتمُت (۳)۔ اَسہِ پیٚٹھ چھُہ وۄنی واضح سیدان کہ لل دید اُس تنترن تہٕ
شاسترن ہِندِ عظیم پرستار۔ یہ اُس خود آگہی ہُنٛد زِندٕ جاوید مجسمہ پٔژھ
پٔژھ تہٕ کرِتھ اُس تمس منز مکمل پٲٹھۍ پیوست گٔمژ۔ یُہ ہےٚ قوّت اِرادٕ
قوّت شناخت تہٕ قوّت عمل چھُہ بنو شاسترٕک ست۔

یۄ تام وُنیتھ ہُنٛد ترنُم موٚحفوظ روزِ، یۄ تام ییٚمہ رٔیشہ وارٕ
ہُنٛز خوشبو ہرتر لبان روزِ، یۄ تام شیشنہ بالن ہُنٛز پاکیزگی تہٕ شوژر
بحال روزِ تۄتام روزِ لل دید راوی ہتس انسانس رہبری کران تنترن
تہٕ ترک شاسترک امرہٕ تھ چیاوان۔ لگہٕ لگہٕ اکس رٔتبہ چہٕ باچہ ہِنٛدِ پٲٹھۍ

---

(۱) لل دید۔ مرتبہ پروفیسر طالب (۲) پچھتوی ۳۴ ۳ وگیان بھیرو۔ شار ۲۲
(۳) الھیہ لیشوری مرتبہ پنڈت آفتاب کول وانچو۔

فطرت پسندی تہٕ پانس ماتحت تھاوُن۔ یمن کوٗشش منز تہٕ اوس یوٚہے
شریف جذبہٕ موجوٗد زِ انسانس گژھہِ بالا دستی روزٕنی تہٕ ہٕٹی گوٚ ژھہِ پژھ
چیزٕ کُن مرکز آسُن۔ یتہٕ آو وَننہٕ زِ انسانس گوٚ ژھہِ وتھہ ہاونہٕ باپتھ اخلاقی تخیّل
آیتن روزٕن۔ وَننہٕ آو زِ فطرت پسندی ہُندِس بتھ توٗ بوٗ گژھس گژھہ امیرچی
لانکم دینہٕ یمن۔ یتہٕ آو وَننہٕ زِ تبدیل سپدُن وٲلِس عالمس منز گژھہ سیٚچ
پہچان سپدٕنی یہٕ تبدیل نہٕ سپدُن وول چھُ، سیٚٹھا تھوٚد چھُ، روزن وول
چھُ تہٕ یکہٕ وُن چھُ۔ ییٚلہِ اثر دار آواز آیہٕ وَنان زِ انسانس پزٕ نیسزمی تہٕ
نرمی حاصل کرٕنی۔ تمو وون زِ ییٚہاٚے چھِ سوٚ جوٚیہ بھوٗ رتھ خوٚشو کہ پتھ
یوٚس یہٕ انسانی ذہنس کنٹرولس منز تھاوِتھ ہیکیہٕ۔ سانِس یتھ زمانس
منز چھےٚ نوٚ انسان دوستی ہُنز شکل سپدان۔ مگر چھُ یوٚہے زِ انسان ہُنز
عظمت گژھہ طاقتور روزٕنی تہٕ انسانس پیٚٹھ گوٚ ژھہ نہٕ کانہہ تیتھہ تماشا
سپدُن ییٚمیتیک شکار انسان پانہٕ سپدِ تہٕ ییٚمہ کسرٕ نتیجس منز شہ واوہ گلین
لگہٕ۔ چنانچہ اَز کل یوٚس یہٕ آواز کمپیوٹرٕ سماجس خلاف سامن کنن گژھان
چھےٚ سوٚ چھےٚ ییٚہاٚے انسان دوس آواز۔ یہٕ آواز چھےٚ اَسہٕ یتھ سائنسی
زمانس منز کن پاٚدی پاٚدی وَنان زِ لسانیات تہٕ ادب چھُ زِ اہم چیز یم اَسہ
پزٕ رہبری کرٕتھ ہیکن تہٕ انسانہٕ سُنز بالا دستی راٚئچھہ راوٕتھ کرنس
منز اَچھہ شیٚہل دِتھ ہیکن۔

یوٚرپس مقابلہ چھےٚ ہندوستانس منز انسان دوستی بدلہ اَہاہ
ہیتھ یوان۔ اَتھ یتھ مقامی حالاتھ، مقامی چیزٕ تہٕ مقامی مسئلہ
خط و خال شیران چھہ۔ ہندوستان چھُ عظیم ادارن ریٚشن تہٕ سننن ہُند
وطن روٗد مُت۔ اما پوٚز یتھ علاقس منز تہٕ چھہ تم وق آیتو ییٚلہ تفرقہ

وُنو۔ اِنسانہ پیٹھ ہس ووُجود مس، تمی پیٹھ ہِنز مُسلسل سیتی اوسُن یمن عالمن
کانٛہہ تہٕ شوق۔ تواریخ دانن مُنِند وَنُن چھُ زِ عالمن منز رُود اکثر وقتس
یہ بحث بیچیدار انداز س منز جاری زِ کیہ خودا ہیٚکیٚ زانٛہہ تمہٕ کھوتہٕ ججبادہ
زانٛہہ بیکھتہ سنہ زانان چھُ تہٕ یہ سنہ زانان چھُ۔ یہ بحث اوس دہن ہُنز بوٚت
عام گومت زِ لوکھ تہٕ عالِم دوہ شُوئے اَمی سوہنز اَمہ طرزِ فکر نِیش قرار
یَژھان۔ آدٕ پیٚلہ ریناساٗنی دورس منز قدیم یونانی تہٕ لاطینی علم و ادب لُکن
نِشن ووت ساری حالات سپد تبدیل۔ یہ اوس سونتک پژوٗن تامپہ یمو
شبھٹنیار کمُلاوُن ہیتُوت۔ لکو ناو اتھ آدبس تہٕ فنس سیتی زبردست پچھ
تمن لوگ اَمہ کِس اِنسٲنی دُنیاہس سیتہٕ بدل۔ یہ ادب تہٕ فن اوس
اِنسٲنی زندگی تہٕ قدرن سیتی توُلُن تھاوان۔ اَتہٕ اَمی سوتہٕ غرشکو آدٕ یکھ
مُلک نظر گژھان بلکہ فرشکو اِنسان ذرشِتھو پوان۔ انسان یمن منز
پیٚنس زِندٕ اِنسانیت بس لگان اوس۔ اَمہ علم و ادبکی خدوس پیٚنہ پیٹھہ
وقتکی ترقی پسند یمن مذہبیاتن تہٕ زوال پذیر کامکی منز کانٛہہ حُسن نظر
گوٚو تہٕ۔ کلاسکی تہذیبس تہٕ تمدنس اثر کو منز کی گژھتھ کُڈ یمو لوکو اَنِکی
اخلاقی دانائی بٕہ یمو پرز ناو اَنِکی تنقیدی عقل۔ یم لوکھ سیتہٕ اَمہ نِیش
یوت مُتاثر زِ یمو یوُ ژھسٹھ تہذیب تو منز پادٕ کرت۔ یمن لوکن تہٕ
آدٕ انسان دوس وَنِنہ زِ کیہ زِ خدایس مقابلہ رُود یمن ہُند توجہک مرکز
انسان۔ بژو نیتھ یکھتہ پیٚلہ سانیٚنس سیتھا غلبہ حاصل گو تہٕ زندگی
ہُند پرتھ گوشہ پننہ حقیقہ منز اوُن تہٕ خود پننہ خالق انسان تام بافیر ووُن
اکھ نو حالتھ پیٚلیہ حقیقہ۔ کوشش آیہ کرنہ زِ انسانہ شُندٕ پادٕ گوشہ
نو منز سائینسی افادیت پسندی یمتھ غالب روزن تہٕ عصری حسن باقی

مُسلطان ہِنٛزہ گاٹھ تجارت تہ ڈپلومیسی سیتی یِمن بڈِ ہِ ڈوری سان مُقابلہ کرِتھ یِمن واپس کڈ یمن نہٕ ۔ امیُک اکھ نتیجہ دراو یہ زِ عراق ایران تہ وسطہ ایشیا پیٹھ آے یور ہندوستان وارِیاہ لوکھ ژٔلِتھ ۔ یِمن منز اُسی عالِم، فاضل، شاعر، ادیب، تاجر تہ بڈی بڈی صوفی تہ شامل مُقامی لوکو ییٚلہ منگولن ہِنٛز لوٹ مار کرنہٕ تہ غارتگری ہِنٛدۍ افسانہٕ بوزۍ تِم تہ تریہ اتفاقس منز آیہ اکھ عجیب تیج وۄتھ بوزنہٕ ۔ حوکو مُتعلق تہ تھوودُکھ یِنہٕ اُتھ بنٛدُت آیتن ۔ ساری سپدی یکجا، ہمیشہ کرتہ تہ مُسلمان تہ ۔ یِمن اوس فکرِ منز آمت زِ منگول چھہ یہنٛدی مشترکہ دُشمن ۔ امہ ہند و مُسلم نزدیکی دتیت دراو یہِ ہنٛدی نوین تہکن اظہار ۔ افہام و تفہیمُک اکھ نوو دور سپدُ شروع ۔ باہمی میل ملاپس لوگ مزید پوچھر تہ دوری گرٕ گ احساس ووتھ لاون واجِنِن دوین مو ژلیو پو تھرٕ ۔

صوفی نہ اُسی جنگی نہ سیاستکار ۔ نہ اوس تِمن مال و دولتہٕ بکار تہ نہ اُس تِمن حشمتکاری سیتی کانٛہہ دِلچسپی ۔ خون ریزی تہ ظُلم اوس اُسی تِم اُصولی طور بیزار ۔ تِہُندِ زندگی اُس ہموناکارہٕ چیز وَنِس پاک ۔ یہ اُس ساد زندگی اکھ منز اوس یِیادتس ، ریاضتس ، نیز جی ، عملہ تہ اُمنس سیتھا اہمیت ۔ صوفی یہ اُندر اُسی تی اُصو نیشہ تہ ۔ پس رودِ ہی یِم بزُرگ عام چِزی کشہ نِش دور لوکن بہتر انسان بنٲوِنہٕ خاطرٕ تہ کنیرہٕ تِہنز نصیحتہ کران تہ بے ضرر زندگی بسر کرنیچ وۄتھ ہاوان ۔ اُمئیُک نتیجہ دراو یہ زِ عام لوکھ سپدی یِمن سیتی ہم آواز ۔ یِس اوس تِہُند یِژ زکو ہِنٛدِ عملہٕ سیتی ہندستانٕچ سماجس منز اکھ خاموش تہ فاتح دینہ وول انقلابہٕ تمام مذہبن سیتی تولُکھ تھاوُن وٲلہ سپدی یِمن کُٹ ٹیل ۔ دوہ پرازی

تہٕ خوفہٕ نِشہِ پاک سوٗکھل زِندگی ژھانڈنٕچ وٲلی بڑوٕنٛہہ کُن آمٕتۍ چھہٕ۔ تِمے
پیٚمٕو افہام و تفہیمُک نوٗر روشن کٔرِتھ انسٲنی ذہن مُنوٗر کوٗرمُت چھُ۔ تِمے
پیٚمٕو ہیٚمزی نرمی تہٕ شرافژِ ہٕندٕ عوٲطا پوٗر مُت چھُ۔ اَتھ کنۍ چھہ واشس
کُنڈ تہٕ یا پیٚتھ کرِ ہٕ دُشمن حال ہٕنز ہٕندٕ ذِکر یِم اَمہِ کِلہٕ ہیٚنٛز انسان دوستی یُس
کُنڈ نُس مُژ نٔزد دِلتھ ہیٚکن تہٕ تِمٕچ عصری موقوٗلیت سانہٕ بابتھ جان پٲٹھۍ
صوٗرتاوِکن۔

ہِندوستانس منٛز چھہ تِم مذہب دار تہٕ وُلتھ ہیٚتۍ۔ پیٚمو ذات پات
تہٕ چھوٗت چھات نظر انداز کٔرِتھ سبق دِیُت مُت چھُ تہٕ سٲری انسان
اَکہ برادری ہٕندۍ فرد ویٚندی آمٕتۍ چھہٕ۔ تِہنٛزٕ یہٕ جدوجہد تہٕ چھےٚ انسان دوستی
ہٕندِ مُنٛزِ ہیٚچ نشاندہی کران۔ دُیان ییٚلہِ ہِندوستانکس اکس اوتارس
شاید مہاتما بُدھس سیٚتۍ تُمسفر کٔنتھ باتھ وُٹھ ہٕرٕ چھےٚ تِمو گُژھ تِم
وۄن مُت زِ منٛزٕ نِشہِ چھُ اَکھ انسان یُس تیٚر آمُت چھُ تہٕ یُس موتس
تہٕ زندگی ہٕندِس سرحدس پیٚٹھ ہوٚت گومُت چھُ۔ گوڈٕ نِش کٲم گژھہ یہٕ
آسٕنۍ زِ اَمِس شخصیہ سٕنٛدِ جسمہ نِشہِ گژھہ یہٕ تیٚر جُدا کرنہٕ یُن۔ یہ تمثیل
تہٕ چھُ تِمٕتۍ تصوٗرس تہٕ جذبس پیش کران۔ یتھ آسہ انسان دوستی
وَنان چھہٕ۔

تواریخ چھُ وَنان زِ تُرکو اَمہِ صدی ہٕندِس منٛز کالس منٛز
سٮ۪ٹھہ اَکھ بوٚڑ علاقہٕ منگولَن ہٕندِ ظُلم و ستمُک شکار۔ وسط ایشیا
عراق تہٕ ایران سیٚدی آمہ بے پناہ ظُلمُک نِشانہ۔ یِمَن طرفہٕ پیٚنٛدلوکن
منٛز خوف پٲدٕ۔ یِمَن دِلس وۄل موٗیسی نال بُٹس رُوزِنہٕ پیٚنٛہ زوٗنچ
فِکر۔ یِم ظالم تہٕ چنگیز منگول کرِہن ہِندوستان تہٕ بوٗرباد، اَکہ پیٚتمہ مُلکُک

بوٚہۍ چھُ للہٕ ہُنٛد زمانہٕ آسان ییٚلہِ میرسید علی ہمدانی کشیرِ واتان
چھِ۔ عظیم تمدنی میتل ملاپس اُتھ پۆت منظرس منز گژھ للہٕ ہُنٛد معول مرتبہ
مُقررِ تہٕ مُشخص سپدُن۔ اَتھ عملہٕ منز پژز لہٕ ژہ گوشہ تہٕ پانٕے بنیتھ اُسہِ
اِنسان دوستی وَنان چھِ۔ اَتھ پۆت منظرس منز لل وُچھتھ واتو اُسہِ پانٕے
بنیتھ نتیجس پیٹھ زِ لل تہٕ اُمس ہندُستانکین باقے صوفی تہٕ سنتن ہنٛدِ
پانٕہٕ دُنیا دارِی تہٕ ظاہر دارِی خلاف۔ سۄمہٕ تہٕ اُمس ذاتی عملس پیٹھ زور دِوان
تہٕ نفسس لانچھ دِنس پیٹھ تاکید کران۔ مثلن ؎

دیہچہ لَرِ دارِ برِ ترٛوپرم
پرانہٕ ژوٗر رٹوکھ تہٕ دُیتمس دم
ہِردیہ چھِ کوٗٹھرِ اندر گوٗنڈُم
اومکہٕ چوبکہٕ ٹکرُمس بُم

ہندُستانکین باقے علاقن منز یِہ سہٕ علم صوفی بزرگو تہٕ بگتو بلند کرٕ
کشیر منز چھِ تمہِ تہٕ علمہٕ بلند کرن والین منز لل بروٚنٹھ بروٚنٹھ۔ سوے لل
یُس مسلمان تہٕ ہیٚندۍ دوشوٕنے تعظیم کران چھِ۔ یُس شخص شیخ تعریف کران
چھِ تہٕ یِہ سہٕ اَتھ تعظیمس تہٕ تمن تعریفن لایق صرف پننہٕ ذاتی عملہٕ سیتۍ
بنان چھےٚ۔ سُلطانن ہنٛدِس دورس منز ییمہٕ قدرٕ مختلف مذہبن منز مُشترک
آسہٕ صوفیو تہٕ سنتو وُچھِتھ تمن پیٹھ زور دیتیا زِ ییمہٕ آسہٕ نہ صرف کٹرپنس
خلاف تہٕ بہتر انسانہٕ بنٕنس تہٕ امیرکاری ہنٛدِ باپتھ سیٹھا موزون بلکہ ژہ
سونٛتل ہوا نوا پٲدٕ کرنہٕ باپتھ نہایت مُفید یُس مختلف مذہبن سیتۍ
تعلق تھاوَن والین منز باہمی اعتماد پٲدٕ کرِتھ تمن اَکھ اَکس پیٹھ
بروسہ کرنک حوصلہ تہٕ دی ہے۔ اَتھ تحریکس منز اوسنہٕ چندٕ لالچ، جاہ پسندی

ہِندِ منٛزٕ مٹھر گٔے دوٗرِ سر پیوان۔ اَکھ اَکِس نزدیکھ یِنہٕ سٟتؠ سپٕز غلط فہمی
دوٗر۔ تہٕ نوٚو صورتِ حال آیہٕ برونٛہہ کُن۔ یوسہٕ نوین حالاتن منٛز انسان دوستی
ہِندِس جذبس آبیاری کرٕنہٕ رٕژ۔

ژانگرٕ سٟتؠ چھُ ژونگ زٕزان۔ ہیٚندین ہِندی سٕشت تہٕ مہان تہٕ
گٔیہ صوفیین نِش مُتاثر۔ نزدیک یِنہٕ یوسہٕ فہمکٲری سطحس پیٹھ اٚژٕ تمہ
کرٕ یہ کتھ صاف زِ مذہبن ہِندین بُنیادی سوچن منٛز چھنہٕ کانٛہہ فرق۔
ویدانتی اُپنشدن منٛز تہٕ تمہ پیٹھ پٔرٕ پٔرٕ تھاوٕن والین ہیٚندین
سٔنتن تہٕ صوفیین سٟتؠ کانٛہہ ٹکراو۔ بلکہ آے تِم نکھہ تہٕ نزدیک۔ اَتھ
پٔرٕنیِکہ تہٕ نزاو پتہٕ خاموش عمل سپٕز شورٕ تہٕ ویدانتی تحریک سپٕز بھکتی تحریکہ
منٛز شکلہِ منٛز آشکار۔ بھکتی تحریکہ تہٕ اَمس یتھہ پٔززٕ س پیٹھ زور دِوان زِ
ظاہرداری، چھاتہٕ پسندی، ذات پات، امیری غریبی چھہ تِم چیز یِم انسانس
ہِنٛز وحدت لبنس دولہِ روزان چھہٕ۔ انسان گژھہ پانہٕ رٕژ عمل کرُن۔ رٕت
وَنُن، رٕت بوزُن تہٕ رٕت کام چھُنٛ۔ یِمہ تحریکہ ہِنٛدِ یہ نتیجہ نیمہ عظیم تمدنی میل
ملاپُک یُس ہیٚندین مُسلمانن ہِندِ یِنہٕ سٟتؠ تہٕ واریاہس کالس لٔسنہٕ پتہٕ کٔرتھ
نِشتھ خط وخال نِیان اوس۔ اِفہام و تفہیمُک تہٕ باہمی فہمکٲری ہُند یہ
میوٗٹھ ہوا بوا اوس ہندوستانکین دوٗر دراز علاقن تام تہٕ واتان۔ اَمہ کِس
نتیجس منٛز سپد کٔشیرِ واریاہن حلقن اسلامس کُن مٲیل۔ سُلطان
شہاب الدین ہِندِس وقتس ۱۳۷۲ء اندر آے جناب میر سید علی ہمدانی
کٔشیرِ پانٛژن ستن ہتھن سٟتؠ ہٕنیو سادات۔ اگرچہ کٔشیرِ منٛز یمو برونٛہہ اسلام
ووتمُت اوس تاہم یِمہ پیمانہٕ یِمو ہیٚتہٕ اسلامُک تبلیغ کوٚر، تمیُک نتیجہ
دراو یہ زِ کٔشیرِ منٛز بیوٚٲ اکثریت سپٕز مُسلمان۔

آمہٕ پَنہٕ سۆدرس ناوِ چھُس لُمان
کتہٕ بوزِ دِسے میون میٚتہٕ دِیہ تار
آمین ٹاکین پوٗزٕ زَن شمان
زُوٗ چھُم بزمان گرٕ گرٕژھہ ہا

تَتہٕ چھُ تَس انسان نہٕ یاد روزان۔ سُہ چھُ پنٕنِس مَنٛزٕ رُوِتھ ہیکان۔ سُہ چھُ پانہٕ وُچھان تہٕ اُسہٕ تہٕ وُچھنک حوصلہٕ بخشان۔

گاٹلہٕ اَکھ وُچھم یُس چھُ سیٚتہٕ مَران
پن زَن ہَران پوٗہٕ ہتہٕ واوِ لہٕ
نیٚشہ بوٗد اَکھ وُچھُم وازس ماران
تتہٕ لل چھُس پڑاران ژھینیم ناپراہ

تَتھ سنگہٕ دِل تہٕ تنگہٕ نظر ییم مذہب کیٛس ناوِس پیٚٹھ انسانن پانہٕ وٲنۍ لڑاوان چھِ یا دُور تھاوِتھ یٔژھان چھِ، ہیکن نہٕ ناتہٕ تہٕ انسان دوس آسنک داوا کٔرِتھ۔ تواریخ چھُ ییمن کتھن گواہ زِ ییم ہیٚندی کارنامو یا کارنامن ہیٚندین نتیجن منٛز ییم حالات پادٕ گٲمتۍ چھِ تِمو چھُ انسان پریشٲنی ہیٚندین آولُن منٛز نژنوو میٚتۍ یوت۔ اَکھ اَکِس نزدیک ییٚنس مقابلہ چھُ انسان اَکھ اَکِس نیٚشہ دوٗر ژھُٹمتۍ یوت۔ لل چھےٚ ییمن سنگہٕ دِلن تہٕ تنگہٕ نظرن اتحادُک تہٕ ملہٕ ژارُک دَرس دِوان تہٕ پننہٕ انسان دوستی ہنٛد بیٚیہ اَکھ عنصرُک تقدیر شیران سہ

شِو چھُے تھٔلہٕ تھٔلہٕ روزان
موزان ہیٚنٛد تہٕ مُسلمان
ترُک ہے چھُکہٕ تہٕ پان پرزناو
سوے چھےٚ صاحبس سیٚتہٕ زٲنۍ زان

جنگ و جدل، ذات پات، قومیت وغارٕ عناصرن کانٛہہ تہٕ مُقام۔ اَتہٕ اُسس پاک زندگی گزارنس، نفس شناسی، ہمدردی وَرتاونس پیٚٹھ کامہِ کرنس اُچھ ییٚتھہلاونس لول وَرتاونس دِیہ پٔزر یاد تہٕ ییٚسا دُنیہ کرنس پیٚٹھہ زور دِتھ پیوان۔ یِمے چھہ تِمہ اہم جُز یِم پٔتھ تمٕس انسان دوستی ہِنٛدِ کیٚتھ تہٕ ووٚتھ بنان چھِہ۔ اُسہ چھہ یہ آواز لَلہٕ نِس تہٕ بوزان تہٕ حضرت شیخ نُورس تہٕ۔ باقی صوفیَن تہٕ چھہ اَتھ آوازِ لول بران۔ فرق اگر چھُے سُہ چھُے لفظن ہنٛز، ترکیبن ہنٛز، زبانن ہنٛز۔ ہندوستانکہِ تِمَن گوٚڈنیک پٔرَن مِعَل واتہٕ ییٚتہِ تہٕ تیٚمِس بیٚیہ تہٕ اَمہِ دوریچ یہ لہر اُمس ملک گیر لہر ییٚمہٕ بروٚنٛہہ کُنیتہ نو شکلہِ اختیار کٔر۔

پٔرٕتھ علاقس منٛز ہیوٚو اَمہِ پیٚٹھ اظہار علاقٲیی خط وخالس منٛز۔ لل چھےٚ اَتھ جذبس پننِس علاقس منٛز پیٚٹھ اظہار دِوان۔ پننِہ زبٲنی منٛز، پننین لفظن منٛز، استعارن تہٕ ترکیبن منٛز۔ تِمی اُپماے ییٚمہ اُپماے سوٚ اَتھ تمکھان چھےٚ وُچھان چھےٚ تہٕ محسوس کران چھےٚ۔ لل چھےٚ ییٚمہِ لحاظ نوآرپخ سانٛز شخصیتھ بنان یُس چھُے اَتھ فلسفس کٲشر زبٲنی ہُنٛد لباس دران ییٚتھ کٲشرن بلکہ یہ پرٛزناونس منٛز کانٛہہ دِقت لگہِ یا مُشکل پیش ییہ۔ ییٚتھ تِمن اوپرمٲنی ہُنٛد احساس روزِ نہ۔ یہ وَتھ قدماوٕنہ چھےٚ لل امیس تمدُنس تہٕ ثقافتس پہچان دِوان تہٕ ییٚتھ لَلہ پتہ پیٚنہِ وٲلؠ شاعر تہٕ تمدنی کارکن، فنکار تہٕ دانشور مزید پوٚختہ کٔر دِوان چھِہ۔ لل چھےٚ پننہِ واتنہ وِربا پتھ کٲشر زبٲنی ہُنٛد انتخاب کران تہٕ یہ انتخاب تہٕ چھُہ تمہٕ سٕنٛز انسان دوستی ہُنٛد بیاکھ اہم جُز بنان۔ کٲشر زبٲنی منٛز آسنہٕ کنہِ تہٕ چھہ لَلہ ہِنٛدی واکھ مشہور منٛز تہٕ واتان تہٕ مندرس تہٕ اَڈان۔ رنگہ مندورین تہٕ وُچھان تہٕ کھعہ پیٚٹھ منٛز تہٕ قرار لبان۔ ییٚتہ سُہ یہ وُنیتھ خود دوستی ہُنٛد اظہار کران چھےٚ۔

جے ، ایل ، کے ، جلالی

# لل دید ـ یِژھ مےٚ وُچھ

یوگیشوری لل چھےٚ اَکھ سوٗشکتی ییٚس زانَنہٕ پرٛژھی نہٕ ییٚنہٕ شِدین
واکھن ہُنٛد اصیل سارُ وُچھنہٕ خاطرٕ چھُ پَسٕ سیٹھاہ ضروٗرَت زِ کیٚژھا
کیٚژھا گوٚ ژھ تہٕنٛدِ زِنٛدگ اَبہٕ پرٛاے تَسنٛدِ اَمہٕ وقتہٕ پَنٕنۍ یِمہٕ وقتہٕ سٕہ
دۄرا یہ نٔسٕتھ غرضن وُچھن کیاہ اوس ۔ یوٚدوَے بھاسکر ژارُن چھُ صاحبٕن سیٹھاہ واکھ
تَسنٛدِ شارُدا اَچھرَن منٛز کاشرِس پاٹھۍ مالہٕ وُرِتھ تھوٚوِمٕتۍ ۔ مگر تَسنٛزِ
زِنٛدگی ہُنٛد ، تَسنٛدِ وِوہارُک یُنہٕ کُنہٕ وِستارٕ یا شرٛوکرت کانٛہہ کُنہٕ تھا
لیٚکھمُت ۔ نہٕ چھےٚ تَمہٕ سُنٛد کانٛہہ پوٚتھیا یا کانٛہہ کتاب یوٚس یُس کُنہٕ گرٕہے
سیٚدِ زِ لل دید اُسا کانٛہہ شُرٕہتہٕ تہٕ رِکنہٕ سٕہ چھےٚ گوٚنہٕ ماتوٗ نَتہٕ بھاسکرا
ژارنہٕ واکھو پاٹھۍ بتھرِ مژٕ ۔ لوکن ہُنٛدِ وَنُن چھُنہٕ پیٚتھے ۔ نَتہٕ اگر سٕہ
آسہے اَسہِ مژٕ پنٕنہِ سِہ تیاہ ، تیٚلہٕ کیا زِ چھُنہٕ جونراجن پننہٕ راجٕ ترنگنی
یا زینہٕ ژٕربتریس منٛز تَسنٛد ناو ہیوٚتمُت ۔ نہٕ کانٛہہ کَنہِ تھے لیٚکھمُت ۔ چھےٚ
تَس پیٚتہٕ یُس شُری وَرآیے یوٚو تمہٕ تہٕ اَمی سٕنٛز کانٛہہ زینہٕ وَنی دِژ مژٕ زِ سٕہ
اُس کانٛہہ سادارَن ژرِیا یا تَمہٕ چھےٚ سادنہٕ دَرٕرِچ رٕ اَچھ کرٕنہٕ پٕژھی سو کام
کرٕمژٕ یوس اَسہِ مہکونہٕ یا اَسہِ پٕژنہٕ تھٔرٕ بیٚرٕتھ مُشرٕاوِنی ۔ تیٚلہٕ اَتھ کُنہ
پیٚٹھ وارٕ وِچارٕ کرٕنہٕ چھُ پیوان ۔ یی چھُ دِمٕگ دِتھ اَتھ پیوان زِ سوٗسنہٕ
وانہٕ کوٚلِس شرٕزا مژٕ ۔ نہٕ اوس تَس راژٕ کہ لیہِ کانٛہہ واسطہٕ ۔ راجٕ ترنگنیہ

للہ ہٕنٛز انسان دوستی ہٕنٛدۍ کیٛنٛہہ اہم پہلو پیش کرٕتھ چھُس بہٕ
یہ ؤنان زِ لل چھےٚ نہٕ خودا دوستی مُتعلق کانٛہہ کتھ وَنان۔ لل چھےٚ خودا دوستی
مُتعلق تہٕ پننۍ تجربہٕ تہٕ پننۍ عرفان پیش کران حقیقتھ چھےٚ یہاے زِ
انسان دوستی ہُنٛد یہ پہلو چھُ للہ ہٕنٛدِ کلامُک خودا دوستی ہُنٛد سے اکھ حصہ
سوٗ چھےٚ پننین واکھن منٛز ترۍ ہٕنٛز تألیم دوان۔ مذہب کس ناوس پیٹھ
فرق کرنس مخالفت کران۔ مختلف مذہبہٕ کین مانن والین ہاے میچھر بیان
رٔلیتھ میلیتھ روزنُک تلقین کران۔ نفس پرستی خلاف جنگ کران تہٕ جنگ
کرُن ہیچھناوان۔ امیری غریبی خلاف احتجاج کران۔ کاشرِ ن لُکن کاشر
زبانۍ منٛز ہمکلام سپدان۔ یمے چھِ تِم بٔڑی چیز یم للہ ہٕنٛدِ انسان دوستی
ہٕنٛدۍ اہم عناصر بنان چھِ تہٕ یمن تمۍ ہٕنٛز خودا دوستی منٛز تہٕ پنُن اکھ
شوٗبہٕ ؤن مقام حاصل چھُ۔

●

واُلی گیوان تہٕ بوزٕنؠ واُلی بوٗزٕتھ ژھٕنتس تھوان۔ تی بنیو۔ ژوہ داُہمہ شیٹنلہ ہتندِس اُڈٕس برٛونٛہہ کنہٕ راز لہ پھیشرٛہ ہے یوت تہٕ۔ یہ نہ ووہمیدہ ہے اُسس تی گو۔ راجہ پھیرٕس سیتھؠ گوٗ دٕرمہ پھیشرٕ تہٕ۔ اُکنہ ہے اوس لل دیدٕ ہتشد ننُوارٕ وُرتھ۔ سو پیتھے آو نُندٕ رؠشؠ شیخ العالم تہٕ۔ یِمو سٕہ ہمیٔن کاُشرِ ہن دِیہٕ تہٕ چھلہ گژھنہٕ۔ لل دیدٕ پتہٕ تسندِ وَنیتہٕ پُرٕ ھو اتہٕ شاُعری تہٕ یِم کاُشرِ باُسے، یِم ہیٚندی تہٕ مسلمان اُسو تِم روزٕنؠ اُکھے واسس گژھتھ۔ کیاز اُکی خونٕکو چھِ۔ گِنٛز رٕٹھتھ تہٕ ماز چھکہ گر چھکہ گنٛز بنٛکٕ چھکہ گنٛز۔ ووہ تھٕنٛ بہٕہن چھکہ گنٛز۔ زبو چھکہ گنی۔ کلو، کھیٚن ہیٚن ادب تہٕ تہذیب چھکہ گنٛز۔ بیٛنٛہ اُکھ اُکس سیتہٕ چھِ گنی۔ بیٛیس سیتھؠ چھکہ نہٕ برابری نہٕ واریوان۔

لل دید زایہ ژوہ داُہمہ شیٹنلہ منٛز راجہ پھیشرٕ گژھنہٕ برٛونٛہہ۔ اُمہ شیٹنلیکؠ گوڈنیکؠ پوو اوس معہ کرِ لیومُت۔ ووہ یہ ژرٛیہ فُریرٕ پنٛنہ باٚدرِ بیتہٕ نہٕم ووہ ہہ، سیمپورِ گاُمہٕ اُکس ساد بٹہٕ تہٕ گرٕ زایہ۔ ناو گوٗرہٕس واگ۔ یہ ساد بٹہٕ اوس شوبکِمتو۔ اُمس اوس نہ یُژ کال تام کاُنہہ شُرا وُرا۔ اُکہ ووہ ہہ چھِ یہ شہر وٚتھمُت۔ اتہٕ چھِ پرٛیت گومُت شُکرآچاریہ تہٕ چھِ شُرا وتہٕ نہٕم بیہٕ کھوتمُت۔ اتہٕ چھِ سوالٕ پُن وُچھان۔ ووہ ما یکوٗ تی چھس دِیان۔ ژٕ کیازِ چھکہ یوت اورٕت گومُت۔ یہٕ پیٚچھ پانٕ ژُرٛیتہٕ نیشہٕ نیٚنشرٕ ووتھ۔ کاُنٛسہ چھینٛہ ونان کینٛہہ۔ کھوٚت گرٕ۔ باُرٕ یایہ ووٚپُن بکوٗ تی پیہ سون۔ شُرٕ رٕٹھ ووٚنٛنس تہٕ کینٛہہ۔ توٗ رٕہتہٕ چھِ گژھان تہٕ لل چھے پیوان تھٕنیہ۔ ناو گوٗرہٕس واگ۔ واگیشوری۔ واگ اوس ژمٛن ووہ ہن سیٚٹھ ہیے ثوٗٹھ ناو۔ واگ گیہ بڈان۔ سیٛمہ نہٕ اوس گرٕ وٚٹھ۔ دٕہ وُہرٕس

آسہٕ دٲنہِ دِلہٕ ہِنٛزٕ سے باژ کنہہ لیکھان۔ راژن ہُنٛد وۄد دِیُو تہٕ وِناشس،
نِہہٕنٛدٕ ی یۄد تہٕ زین ہارِتھ دان۔ اَمہٕ کِنۍ یہِ وَنُن چھُ بےسارٕ زِ لل دیدٕ ہُنٛد
ناو کیاز چھُ پِنہٕ گُنہٕ۔ بیٚیلہٕ پرسٔرج ڈپارٹمنٹن مہاراج پرتاپ سِنٛگنہِ وُقتہٕ
پرانین پوتھین تہٕ کتابن ژھانٛڈ دِیٚت اَتہٕ اُلیکھ لوٚکن نِشہِ یوگیشورۍ
للہِ ہِنٛدۍ واکھ تہٕ۔ تہٕ ییم وُچھکھ ہٚکراسکرا ژاٲری سِنٛدِکۍ۔ کوٚ اَمہٕ ژرُو ننہہ ٹھیم
اوسہٕ کانٛہہ واکھا۔ نہٕ اوس کانٛسہٕ بُرژس پیٚٹھ چھیٚپُرمُت یا لیکھِتھ
تھوومُت۔ یِی کینٛہہ ہٚکراسکراژ اٲسۍ اوس شارد آ چھپرن منٛز۔ لیوکھمُت،
قیٚ اوس تمہٕ وِزِ مانیہٕ یوان للہِ ہُنٛد واکھ۔ یِمَن واکھَن تہٕ دٔراے زِ نٔژسے
ہیوّان بیوّن ریپ۔ سیٚیتی پیٚم وُنی کینٛہہ ہِنہٕ بدی واکھ چھِ لوٚکو لل دیدٕ
ہِنٛدِ ناوِ چھاپی ہیتھ تِم سٲری چھِپِنہٕ تِس یوگیشوری ہِنٛدِکۍ۔ کیاز لل دیدٕ
اُس اَکھ خاص کام مَنٛزِ آمٕژ تھۄونہٕ۔ زِ سَکے چھُ پھیرُوٚن۔ رازِ پھیشِرِ چھیٚ
گرژھ وُن۔ یوسہٕ کٲشیرِ منٛز پرٲنۍ شیوٕ فلاسفی چھےٚ تہٕ یوسہٕ سنسکرتس منٛز
چھےٚ وسُو گُپتن تہٕ سومانندن توٚ پَتہٕ ابھنو گُپتن تنترن بِیترِ منٛز
وِتھرِ ھِنہٕ منز اَتھٕ سنسکرتس منٛز، سۄ گرژھ نہٕ گلینہٕ مولے۔ سۄ گرژھ
نِنٛدٕ سے روزٕنی۔ اَمہٕ کِنۍ اوس للہِ ہیوّت مُت اوتار، تہٕ ییٚمہٕ فلاسفی، یوّہِ
دَرم تہٕ یُوّہِ درشن وَنہٕ پیٚنہٕ دِپنہٕ زیوٚ منٛز تہٕ لوکھ تھوٚون ژہٕ یتس تہٕ
موکھ وُنتھ تہٕ کِنہٕ یوُزِتھ یکہٕ پرمپرایہٕ کِنۍ۔ مول وَنہٕ پیٚنۍ وِس تہٕ نیٚچو
وَنہٕ پیٚنِس سنتانس تہٕ یوُّ تاوی سَکے واتہٕ یِمن لیکھنس تہٕ پھرنس۔ تی بنیو،
لل دیدٕ وُنی واکھ کُنتھہِ وَنہٕ من تہٕ، تِمہٕ روزٕ ہَن تہٕ۔ تِمن بدلیہٕ ہے شکل
تِمہٕ پیٚنہٕ ہان، گُنہٕ گُنہٕ شٔرو کہٕ ہان تہٕ۔ واکھَن بیٚیلہٕ گیوّن ژراے چھےٚ
آسان، تِم چھِ بیٚٹھکے پاٹھو منٛز ژُونتھ موکھ وُنتھ تہٕ کِنہٕ یوُزِتھ گیوّن

پٔرٛبادٕ کٔنہٕ یوہ سہ یہٕ ازٕ مانی کٲنٛسہ چھےٚ زانٛنۍ مژٕر نہٕ نزانہٕ کانٛہہ۔ پٔرٛاوُن چھُ
کَہَھٹِن بلکہ ناممکن۔ کیازِ اَز تام چھُنہٕ کانٛسہ سہٕ بَل سوٗشکمی، سُہ طاقتھ
لوٗبِمُت یا وُچھمُت یُس بَگوان چھہ وَنان۔ یمہ مُرٕژ، یم پایہٕ گمبر، یم وُتار
بیٚیتر بِنتہٕ زِگتس منٛز آمتہٕ چھہِ۔ یِم چھِنہٕ بَگوان۔ یِم چھِہ تَسُند بَجہٕ شکتیہٕ
ہنٛز بَلہٕ چِہ شکلہ۔ یِمَن یور بِیتھ کانٛہہ خاص کٲم کرٕنۍ منٛز چھےٚ آسان۔

پدماوتی چھےٚ ہَشہٕ نوشہٕ تون گران۔ کارکران، کرم کران تہٕ محنتہٕ کٔرٕ
لاوان۔ پٔرٛکشس تہٕ چھےٚ بوٗدِیوان۔ سُہ تہٕ چھُ نوٗدُوے عالمَ وُچھان
وَنان سُہ چھُ اَکہٕ دوہہ ہٕ راتھ گیُٹ پدمایہ پَنتہٕ پَتہٕ نیران لوٗت پاٹھو وُچھان
آنگَن پٔرٛ مُژٕرِتھ سیٚہا اَکھ پٔراران۔ پدماوتی کھسان سہٕ سہٕ بیٚہتھ تہٕ بُہوان
نیرون۔ پٔرٛکشش آسان دوہہ آمتہٕ۔ سُہ دِوان سہٕ سہٕ لیٚکھ مقتہٕ تہٕ سیٚہ
نیران۔ بالو نہٕ سنگرو بیٚٹھو دوٗری دوٗری سیٚہ داتان ۂری شعورٕ۔ اَتہٕ
وُسان پدما۔ اَژان گوہ پھاپہ منٛز گران ہشو ناکھتس لوٗزا۔ نیران تہٕ پھیران
پوٗت۔ پدما تُلان برتھامیس ژھعہٕ پَہ۔ دوپ کَرِتھ سہٕ سہٕ بیٚہٹ یانس
سیٚنتو بیٚہناوان۔ اَمِس چِھہ چھوکھ لگومتہٕ۔ اَتھ ڈولنس پہٕ سوٗرے
زٔن شراو سے۔ واتی گژھ۔ پٔرٛکشس کوٗر دَم تہٕ نوٗرِ سہ زِگتس لوٗگ
پھیرٕ شہٕ۔

پدمان اَس ڈٲجہٕ مژٕر ژٕنجہٕ۔ سَمیہٕ ا ہِشہ یہٕ پَنُنس آمُتہٕ وُنہٕ۔
اَکہٕ دوہہ سیٚہ ہٕ چھُس من دِپان۔ وُنہٕ سیٚہ ثرا و سوٗرُے تہٕ نیرٕ۔ شٔریر تہٕ چھُس
دوہہ تہٕ دوہہ کھٹہٕ گران۔ ڈیٚنٛتَن شیٚہتھ۔ وُژھو پَنٔنس پانس۔ اَکھ کتہٕ یس سہ

کتہٕ یو گژھہ تنیج کنٛشہ یو ون واس
یُتھے چھکہ نشتھے آس

وائز۔ اوّتانی چھےٚ یہ مالِہ پرٕ ناگو ہیٚتھ ہیٚچھناوِمِش۔ اُمس اُس ناخبر یہٕ ہا
چھےٚ اوما بگوتی پانے آمِش۔ اُمس آسہ کانٛہہ کام مُیٹھ۔

وۄمایے بوز ہیٚتیوٚنُن ووٚنار۔ گرے تہٕہندے گوٚرُن نو آر
چُھنم بادرے تھتے پیٚٹھیہ واگ۔ کھسو پوشپر وُچھوٚلال نراگ
مول اوس وِہراران یہٕ گیتھ کرٕ اُمس کھاندر۔ یہ ما چھےٚ پیٚرٕھ
ترٕھ گوٚرا۔ مگر ماجِہ ما چھےٚ ساری خبر، سورُے وِنیوٚد۔ سمہ لٕج گور کھاندر
زھانٛڈٕ تہٕ کھاندر سپُد۔

وُرِی یاہ وُرِی یاہ چھُ گرٕھان۔ یدما وَتی چھےٚ گرٕہستھ پالان۔
یہ وُنُن زِ سمہ دراپہ گرٕہست تہٕ گرٕ بار ترٕاوِتھ بنیہٕ ویرٕگ، چھہ وُنُن واہ
تہٕ لیکھن والین ہُنٛد بوز پھیٚبرٕ۔ کیازِ ہرگاہ یہ بوز آسہ ہے۔ تیٚلہ اُمس
پِدمان تمہ وِزِ زِ نوٕوُہ وُری شی۔ لوکٕٹ تہٕ موحُم۔ مول ماجِ تِہٕ ہشِ ہاہِر
بینیٚنرٕ اُمیس زِنٛدے۔ اُمس کُس دِپہ ہے نیٚبرٕ۔ ییٚتھ یہ پیٚرٕھ دُنیہس
منٛز۔ تُشِدی واکھ چھینہٕ ہرگز اُکھ کنٛھ یوٚ چھکر دِوان۔ ہرگاہ لوہ کٕٹ
نیبرٕ ہے۔ واکھ کنہ وِنہٕ ہے۔ یُتھ کتھان کیاہ ری وَنہٕ ہے۔ سوہ چھےٚ برابر گرٕہستھ
پالان۔ رُینس چھُس وارِواٚ فِکرِ ترٕان یہ زنانہ گوسِہ چھِم۔ مےٚ کیاہ پزٕ کرُن
سوٕ اُس گرٕہستس منٛز پھِنُ پان لکہ وان۔ یُہاے حاے اُمسی یییٚتہ
سمہ بےٚ پھرٕک اُس ہیکان چھیپرٕ تھ ہتُور تھ تمہ شمیکہ وادرٕ متوجُوب۔
یوّتانی یہٕ سمہ پیٚپہ ہے نیبرٕ ہے کیتھ کنٛز۔ نس اُس خبر مےٚ کیاہ چھُہ کرُن۔
سِمے ییٚلہ واتہٕ تیٚلہ چھُم لوہ لنگرس دِکہ دِیُن تہٕ گرٕ تیاگ کرُن۔ یرٕھ مُرٕ
چھینہ دوہ ہیٚ ییٚتھ دُنیہس منٛز مُجُن گوہ گٕجن ہنٛدِ یاٹھ سمہ لبہٕ
سو لبہٕ لیوان۔ ییمہ مُسمیٚ تیہ چھےٚ گا ہے لبنہٕ لیوان۔ تمہٕ شکنیہ ہنٛدِ

شزاوبۂ پنیم ٹیشد دوہ کوڑن ہنیبی۔ ونبۂ رؤدس شکھ۔ یہ ترکون تیۂ وسشن
داو ہمے چیھم اکی آسیہ نیران۔ یہ کیاہ۔ بئیہ پرژھن امی ہے گوہرس سہ

اسے گوہرا پیژمیہ گوہرا!
سّت باو باو تیۂ ژیمٹے
تیۂ زئی دوہ یہ نیبی کشدا پورا
ہوہ کوئ ترون ہاہ کوئ توٹتے

تورۂ دوؤنمس۔ ییس امیہ پشنے واکھ چھۂ دوؤنمت۔ امیہ پیتہ سہ

تا بیسحقا اتس ژ ہیتہ زلہ وئے
بر ہمسحقا اتس ششرن موکھ
بر ہماڈس چھٹے ندوہ وری
توئے ترون ہوہ ہاہ گوئ توٹت

ییتھیم یا ٹھوہٹے "للہ نراگ" کوتا یہ منرچھۂ دوؤنمت سہ

ہٹیوتن دوہ یہ یٹس پرتھا ٹھونگ
سیدسے مول گوہر سوٹے گنڈنگ
کیا چھٹے کران نیرتہ بژد ٹہ سہ
اسکے ماکہین سوہ دورن ژاپے
لبن ششش کل ششنسرۂ ژھداپے
کران گنجہ ژان ہیون رکۂ دی زاگ
کھسو پونسرۂ چھوئل تراگ

گوہنیبی۔ شزاوبۂ پنیم چھۂ شو ناٹھہ ٹیشد دوہ ہرۂ دود آسمان۔
دورن آژھینہ تے ماکہین ژاپہ۔ اکھہ ٹھوؤن کھوہن تل بیاکھ ٹھوؤن

## مَنٛز دأر رٲٹھ سأنٛپنکھ سۄ واس
## کیاہ چھِ مٔلِن سۄر نتہٕ ساس

پتہٕ أس سۄ دشا وأٹہٕ مژ ییلہٕ مَن اوسُس دِپان ہمیشہ ہیٚنٛد وۄچھِر رکنہٕ بۄزنہٕ وۄھنی ژۄرکال گرِ روزُن۔ مگر وُنہٕ اوس نہٕ وَق۔ بیٚہہ نۄوُن یی وُنِتھ۔ لیکھن وألی چھِ، پرَن وألی چھِ لل دیدِ ہیٚنٛدِ واکھ گنٛڈِتھ روٗس پرَان تہٕ پننہِ نِسِ مانے کران۔ ییم آمہٕ واکھ وُنی مٔنتھ چھِ۔ تِم چھِ ہۄدان اُمی سُنٛز زندگی ہُنٛد اکھ اکھ پود۔ اکھ اکھ زٕیٹھہ۔ ییم واکھ چھِ وقتہٕ وقتکی واکھ۔ یۄدوے تِمہٕ چھِ ییم گرِ بار ٹرأوِتھ وُنی مٔنتھ۔ ییٚمہٕ ہیٚر دِژاپہٕ، تِمہٕ گۄر شۄرو۔ بۄزی نۄ گۄڈہٕ پیٹھے، یِتھہ پرَن وألِس، بوزَن وألِس نگتس پیٚوِ دیتھ تہٕ وُچھِ سۄ کمہٕ کمہٕ گرٹہٕ پھیر تلہٕ اُس ژٕاہِژ تہٕ کیتھہ پأٹھہ۔ انہِرِش تہٕ ہرِش زیونس منٛز اوس آمہٕ نۄ ژوٗنگ انٛتو گوٗرمُت منٛز ہِمُت۔ تجربہٕ گوٗرمُت۔ تجربہ گوٗ نہٕ اَنٛتو۔ ایکسپیرینس (Ex-perience) چھُ انٛتوُس سیٚتو پکان۔ مگر برابر نہٕ لیوان۔ گۄرِ چھُس یوٗہے مالیکہٕ کولُک گۄر۔ مألِس تہٕ چھُس اُمی گۄرِ نِش ہیٚمُت۔ سِد مألِس پرٛژھان سٔنٛزے وۄت نیرو۔ وُنی کیاہ گژھہٕ کرُن بِہِیہ چھُس ہیوان پۄدہٕ بیٚٹھ کڈُن۔

"گۄرس پرٛژھُم" تۄرِ کیاہ چھُس جواب میلان سہ

گۄرن دوٗپنم گنے وژُن

نیبر دوٗپنم انٛدر اژُن

یوہے گوم واکھ تہٕ وژُن

پۄدمان ژاپہٕ یوٚت۔ پانس ژیٚتُن پیٚیشر۔ گرُن پیٚتِم سادَن

اُمی کٔتھ شٕندِ اوسُس بڑونہہ پُزٕر ہیمت۔ دوٚپہمت اوسُس
پڑار۔ گرٕہستھس منز کیتھ اوسُن پان لوٚیمُت۔

میٚتھٕٹیا کٔنیٹھ اَستھ ترووُم
مَنٕس کوٚرُم مےٚ ووہہ پیٚشس
زٕٹس اَندر کیول زوٚنُم
اَنس کھینٕس کُس چھُم دوٚش
کامَس سیٹھی پزٕے نو تُرُم
گُرٕ دِوسس دیتُم پوٚتُن پیچھس
لوٚبُس موٚہنس ژٕرٕن ژٕلُم
ترشنا ژٕجم گیٚیس توٚشس
نیٚکہِ کھوٚکہِ شیٚہ چیٚزُم
نیٚنو دیا سے تھیٚنم پیٚٹھ بروٚنٹھٕ تام
مےٚ تہٕ ژٕہُن کٕل نو ژٕھینم
اَدٕ بیٚیلہٕ سانٹیس وٕ بیپچھم کٔشیاہ

یِم ترٕشےٚ واکھ چھِ پدماپہ ہٕندِ گرٕہستھٕچن دوٚہن منز ژٕبینہ وٕنی دِوان۔ شرٕوِپ اُن پانس ژولُن۔ یوٚتانی پیٚنس ووت۔ اُمی وِزِ ووٚنُن آتمانن ووہہ نیرو۔ دوٚپنس کیا ژٕ ملکہ سوٚر تہٕ ساس۔ گوٚپہ پٔنٕدٕرس وٕرٕستس کوٚرُن ووہہ ژٕ پوٚر پوٚرٕ پالن۔ برتھا ساٚویس پُزٕرکھن ہٕمس ماچہ اوس ہوارٕ وارٕ پاسی ووٚمت۔ پدماوتی کوٚسیہٕ چھیٚے۔ یہٕ چھِنہٕ زٕب تہٕ ہیٚنٕز۔ یہٕ چھیٚنہٕ موٚنٹھ کٔھن۔ یوٚس مےٚ نہٕ اُس تُجہ روٚدہ کران تہٕ نہٕ کرنہ دوان۔ شرمندٕ اُس۔ وٕرٕ ژھکھ ویٚلہٕ ووت۔ پتہٕ اُوس توہہ تہٕ مےٚ ہیٚوان ڈیژ۔

"تالہِ پیٚمٕہٕ۔ تہٕ ہیٚوٚتن باگدرٕ پیٚتہٕ اڑکہ ڈہ گیہٕ۔ بچہٕ پیٚمٕہٕ پٔران سٕند ھار بتھ
وارِ وارِ ہٕسن تہٕ ژٕمن۔ یوٗت تانی ماوسہ دوہ۔ اَمی وٕرہی ہہ ماوسہ دوہ تہٕ
گوٚ دوہن ماکیٚن میٚثٕل۔ شرٕ بہٕ کتہٕ، پٔران کتہٕ۔ کرٚان تتھ کتھ۔ گوبرٚس
پیٚوٚیس ظوٗبن۔ شہٕ آس۔ برتھاہٕس چھس خبر۔ تٔمی وٕڈن ماجہ نیٚکیاز
موٗل اوشس سوٕ رگہٕ داس گومٔت۔ پدما گیہٕ مالیٚشن۔ یہ چھیٚ اَمہ دوہٕ
وٕنٕس کُن اکس پٔہٕلو مٔرس ژامٕرٕ۔ بیٚتہٕ یہ ساڈن چھیٚ کرٚان۔ روٗن چھس
دوہے وُچھتھ پوان۔ گوبرٕ تہٕ ووت۔ ٹاکی مٔرن ہوادا۔ اَتہٕ وُچھن ژٕن
پارٕدٕ پھوٚل زوتان۔ بیٚیہ تھوٚن دِتھ۔ وُچھن ژاٹھ کوٚت چھہٕ وتمٕت
یہ اوس اَمہ سودمٔت۔ دیون توٗتے گژھٕ بیٚتہ دوہے وٕتھ اَپارٕ پانہٕ
پیٚٹھو نٔرتھ اَس پٔراتہٕ کرٕنتہٕ پیٚتہٕ صُبحک پیٚنم کرٕتھ بیٚتہٕ ہشو ناتھس
پرانوٚ سیتی پوٗز کرٚان۔ پیٚتہٕ باسیوس اوٚت واتن شیٚنکن واگلہٕ اَنن
تھوٚبس۔ توٚرے ڈرامہٕ نیٚبر۔ ماوس گیہٕ۔ زوٗتہٕ بچھہ ژاو۔ ٹاکی ہیٚتن جیٚبہ
ہیوٗن ہیوٗن گژھنہٕ۔ ہیٚبرٕ ٹوکہ ٹوک ووتھان باگدرہٕ پیٚتہٕ پیٚنم دوہ بیٚمہ
دوہ ہہ یہ چھیٚ آسان زامٕرٕ۔ چھیٚ پدمان بیٚیہ پرزلان تہٕ زوتان۔
پانہٕ مٔرتھ، ٹاکی زٕ تٕلان۔ اَکھ کھوٚر وتلہٕ کڈان اَکھ تالہِ پیٚمٕہٕ تلان
تہٕ گوبرٚس کُن پلہٕ وان۔ گوبرٕ وُچھان پیٚمن چھکنہٕ اَم تہٕ گامٔرٕ ستہٕ برتھ
لوگمٔت۔ یہ وُچھتھ تہٕ چھس بیٚیہ پرژھان۔ یہ پارٕ دکیاز اوس
ژٕنرٕ ژٕل۔ اَتھ اَس ختم کتھٕ: یہ تھاٚنتھرٕ کیاز۔ وُژھس پرٕنام کرتھ
"دِپان اَسس کیاہ سناش گومہ پرسن۔ میٚ گیہٕ سید۔ تٔمی کنہٕ۔ شُرن
اَسس زٕتمی وٕرنیہٕ یٕتھ نس نش بیٚہ تسں یگم سیدہا۔ تھاٚنتھر
اَسم توٗرے" بس تھاٚنتھر ژٕچ سٕکے ووت۔

ناولل۔ یہِ لل کۄرِمتٕس نٕہٕ کٲنٛسہِ ناو۔ پانٕہٕ وۄنمُن سہٕ

مَل وۄنٛدٕ زٕدلُم

ژٕگرٕ مورُم

تتےٚلِہ لل ناو ڈرام

ییٚلِہ ڈٕلی ژاوِہ مشن تتھی

اَمہِ اوس لوکہٕ چارٕ پیٹھے ابیاس کۄرمُت۔ گرٕ ہستس تٕھراوُمن تہٕ پیٹھ رووِمُت یہٕ اتھ تٕرشہ اوسُن مٲلِس تیش، کورس بنش دوہ پیٹھ بیپھ کۄرمُت۔ نیستہٕ تیم گرٕ بنھٕ پرانٕہٕ گرتی کۄرمُت۔ پرانایام کۄرِمُت جبس نفس کۄرمُت۔ جبس نفس چھُ صوفیین ہُنٛد لفظ۔ مگر جبس نفس چھُنہٕ سوہ کنہ باوان۔ یوسہٕ کونڈلینی وُز ناوِنہٕ سپنہٕ چھےٚ یلہِ پیوان جبس نفس گیہِ سادارن پرانایام کھارُن، والُن یارٕ ٹٕھ۔ کرمہِ کنہٕ یوسہٕ ورزش یُس پرانن ہُنٛد وِیایام چھُ یوان کرنہٕ۔

گوڈٕ ن تہٕ زون سٕمے چھُ بدلیومُت مُسلمان راج چھُ آمُت یہٕ روزٕ۔ ہندٕ گرٕ ہن مُسلمان۔ کینہہ چھِ گٲمتٕی تہٕ۔ اگر اُکی سے لٕہ مژ چھِ دوہ باے روزان۔ نوتہٕ چھِ دُرمہِ بٹھوان۔ سینہ ماز ییم نٕہ بٲسے ییپھٕنہ اکہ اکس زاگتہٕ۔ اکھ اکس ڈروت دِنہٕ۔ یہٕ کٲم چھےٚ دوہنی پدانہٕ ہنٛدٕ کھرٕ ہٕژ چھُنہ سوہ ییمہ کنہٕ دیہ تٕہ ساپنیہٕ۔ گوڈٕ ن ڈیتس میوٹھ۔ دوپُس ژٕ چھےٚ سیٹھا گوبہٕ ذمہ داری ہنٛز کٲم۔ نیرو۔ میانی چھےٚ اہی۔ اٲنی وۄنمُن سہٕ

لل بہٕ ڈرایس لولرے

ژھانڈان لوسُس دِن گہو راتھ

پہ تھس تہٕ گوٚرٕ تہٕ اوسو توبہٕ کرن۔ یہ مٮ۪ے گوٚر تہٕ اوس مٮ۪ے کرن۔ یہ اُس دِیہ پشِر نٕس کالہٕ بگوانہٕ پشِرِ سے یژھ۔ تُشِرِ مرضی۔ دوعلٕ موکہ لیو کرشتک گنٕدٕ۔ وٕنہٕ ذٕ نیر بہٕ۔ اَتی چھُکھ دٕپان بوٗزِو بہٕ کوسہٕ چھُس ؎

سمسارس آیس تیسی

بوٗدٕ پژ کاشہٕ لوٗ بٕم سہز

مرہم تہٕ گنٹھہ مرِنہٕ کاٗشہ

مرٕنیچھ تہٕ لسہ نیچھ

دٕرایہ تہٕ گوہ پانٕشکے کرتوٗ زونُن گورس پنٕش گرٕ ھن۔ اجازتہ روٗس نیرِ کیتھ پاٹھو۔ دوٗ بنس مہاراج! بہٕ نیرِ۔ نیٚبر میچھ اُژ ھنہ دٕرایِن وٕنہٕ ذٕ چھُم پرٕژار کرن۔ دوہٕ زٕ چھُم مٮ۪ے ژٕژُن تہٕ بھیرُن کامہٕ تہٕ شہرٕ۔ تہٕ اَمہٕ بٕڈ دٕرمک پرٕژار کرن۔ تبلیغ کرن بٕمہ کیتھ پاٹھو اوسُس کرُن۔ پرٕژار کُن ھٕندی کہ پاٹھو بہٕ۔ ژٕژُن پلو ترٕاوِ نٕنہ۔ پھیرُن تہٕ واکھ وٕنِتھ بٕہم لوٗکھ ٹھوٗن زٕہتس۔ اُمِس سیتؠ گیوٗن، اُمِس پتہٕ تہٕ گیوٗن۔ چنانچہ وٕنٕن

تؠوٗسے ہٮ۪یوٗ ہتم ننٕگی ژٕژُن

ننٕگ پوٗش چھُ وُنن منز ذٕ لوٗر آسان۔ پیٚٹھم چھُم منز کدیتھ پیچھ پانس اُنٕدی اُنٕدی پھیران۔ تَتھ چھُنہٕ ژھینے پھیرنس۔ گیٚنٕھے بیٚرکہٕ کھوٗت ماہوان ژٕژُن۔ لسبو تہٕ ژٕژُن چھُ نٕقان۔ یہٕ چھِنے پژھے کتھا۔ بیچھے پاٹھو اُمس پدماتہٕ ہریہٕ کھسہٕ وُنے بیٚتن آسہٕ ہے تتہٕ پیچھ دوتان تہٕ نیران بیٚپس ماشٕس گُن۔ منگان اُمس نہٕ کانٕسہٕ گرٕ ھان اُمس کھٮ۪لن نٕنہٕ۔ اَتہٕ بیم انا جکو بٕچُھوٗ اُسو آسان پے مِتھو۔ تِمے اُمس سومیران نہٕ کالچنٕس کھیوان زٕنتھ پاکو ہتہٕ۔ بیچھے پاٹھو رٕوز پدماپھیرٕن۔ وٕنہٕ ذٕ کنمٕ نن پانس

کال بٔنِتھ یوٗتانۍ یہِ بڑٕو۔ پھیرُن ژرُن نزدوُن نہٕ۔ نٔشہِ رٔنوٲنش بڑٕو
پیٚشداہ وُہرٕ ووت تہٕ ڈیٚنتھس لل دٚێد ووٚہ پیدٕ یش۔ مُسلمان دیان تمِس
ڈیٚت پیرانہِ پیپرن۔ للہ اوس اَمِس نۆوٕ ڈیٚ منیٛہر وَنُن۔ دۆپنِس
وقت ہٕسبا چھُہ بدلیوٗمُت۔ بنِتھ بَدلہٕ۔ میانۍ کاٲم یوٗسہٕ چھیٚ سۆہ تہٕ
موکلےٚ یہٕ۔ ووٚہ نۍ پکتاوی زِ بۆڈ ثمہ ڈکُن۔ یہٕ ٹھۆکہ ز ژہ تٔتس پیٚ کشیرِ چھیٚ
رٔیشواٲر۔ یٔینِکو لوٚکھ بجاے رٔ ہی لگن نہٕ کانٛہہ سیتھ۔ ووٚہ نۍ اوس یہِ بکوتش
کرُن زِ راج بدلیو۔ بَدلِ نتہٕ۔ مگر یمَن باین تہٕ بیٚنین کرِ ہیٚ ز جیٚس تہٕ
ٹیٚتھ نہٕ یہم ڈٲلن۔ میٚ ووٚنے یمَن توٗہی چھِوٕ کُنی۔ دَرم بدلنہٕ رکِنہٕ
گوٚ نہٕ توٗہی چھیوٕ نہٕ بٲے باٲے۔ وُنہِ چھِہ اَکھ بیٚ لَر شرُ ز بٲے شرٕ گو
ہیٚسہ روزان۔ اَکھ چھُہ بٔٹہٕ تہٕ بیاکھ چھُہ مُسلمان گومُت۔ مگر مول چھُکھ
کٔنے۔ گوٚ ڈ چھِکہ گٔیے۔ وار تو ز نکھ فِکرِ سہ

## شِو چھیٚ تھٔلہِ تھٔلہِ روزان
## موزان بٔٹہٕ تہٕ مُسلمان

بِہاٲے کاٲم چھیٚ ژنیٚ کرٕ ز۔ اَندو انتاوٕ نۍ۔ یُتھ تمہ روزَن
پانہٕ وانۍ دوہَے اَکھ اَکھ سِندی بٲے بٲے بٔنتھ۔ شیخ نورالدین ییٚلہٕ
شیٚشیہ چھُہ لوز۔ تمی کوٚر عہد۔ یہٕ وانتاوہِ اَند۔ تمی ڈیٚت اَمِس وِشواسس
زِ یہٕ پکتاوہِ یہ ناد یانے۔ ژہ بَر کانٛہہ غم۔ تہٕ تمی کوٚر وادہٕ لوٚرہٕ۔ بٲے برادری
ہُندِ کاٲم یوٗسہٕ حوالہ اَمِس نٔس کرِ مُشوادہٕ تہٕ ناوُن اَند۔ پانہٕ یوٗسہٕ شیٚشیہ
دَرمیکہ پرزٲرِ چھِ کاٲم اَمِس مَتہٕ ہیٚشرِ مُشہ۔ تمہ مُشرےٚ کانٛہہ کاٲم اَمِس
رُوز مُشہٕ سۆہ وۆن نٔندہ س تہٕ کرٕ۔ تمی کرٕ سۆہ برابر۔ یہ وۆنمُت اوسنش
نی کوٚرُن۔ یِم واکھ تمہ وٲنۍ۔ یِتھ پٲٹھو ژہ داہمِس شیٚتیلس مُشتہِ تمہ

وُچھُم پۆنٛڈ لھٕ پنٕنی گرے
سُے رۄژمس نیشترٕ تہٕ ساتھ

ساتھ اوسُس "سوانی" تکھیتر تمہ دوہ ہیٚز۔ بۄہے چھُس
گوڈنیُک واکھ یُتمہ پیٹھٕ شوٗرٕ کرِتھ اَمہ پھیران پھیران پانس تہٕ
پننس گرِ گرِ ہینٛس تہٕ کرِنس کس کرتو یِکی آغاز کوٗر۔

بدمان ڈرایہ۔ پانس چھُس لل ناو گوٗرمُت۔ یہ تہٕ زٕ اَمِس اَس
لل ڈرامٕژ۔ اَکہ کہنہ زٕ سعہ رٕچ دوہ نٕ لالُن لٔلہٕ ووٗن وٕنیہ۔ دوٚپُن سہ

لل بٕہ لوٚسُس ژھانٛڈان تہٕ گاران
ہلہ مے کوٗرمس رٔسنی شٔیتی
وُچھُن ہیتٕو تمس تارِ دٕ پیٹھٕ مُس برٕت
مےٚ تہٕ کلِ گَنٔنیہ زوگمس تٔنتی

لل دید ڈرایہ دوہنٕ۔ ہینٛتن واکھ وٕنہنۍ۔ یٚمٕلہ کھانٛدر کرنے
اوسُس تیٚلہ وٕٹن نہٕ واکھ۔ یمٕلہ نیٚنہر گوٗر ہیٚس۔ گرٕ پولُن۔ تیٚلہ تہٕ
وٕٹن نہٕ واکھ۔ واکھ وٕٹن دوہنٕ یمٕلہ گرٕ ترٕوُن۔ رٕچ پھیرِ تہٕ گامہ تہٕ
شہرٕ سیتے ہیتٕو تن گرٕ ژھن۔ زونُن میانٕی کام پکنا وٕنہ واتہٕ بیاکھ ووٗن
چھنے وُچھان کیٚموٗ پیٚٹھ پیٚیہ وانُن۔ ڈرایہ تہٕ واٗژ۔ اَتہٕ چھُ نشہ پیٚہمُت
تھٔکنہٕ۔ ماجہ چھُنہٕ دوہ دیے چھوان۔ پیر چھکھ اُنٕ مہتو۔ فقیر چھکھ اُنٕ مہتو۔
اَڈبو چھ پھوکہ تہٕ دٕنی مہتو۔ مگر اَمو چھُنہٕ نیوہٕ بٕنٕ ژٕہُن ترٕوُمُت
موہس چھُنہٕ دام دٕوان۔ واٗژ مشدرٕ ماجہ نِتُس۔ اَتہٕ وُنے چھُس
اَسہ دٕنہٕ موکلہ کھرنگ ژھنان:" یہٕ مشد چھوکہ نہٕ چینہٕ چھکھ
مشدچھان۔" نیٚوہٕ ٹ ترٕوُن تہٕ ژھانٛڈن ماجہ ہشر بٔب۔ روز کیٚشہ

تہٕنٛز کوٚر کرٕکھ پانس نیٚبر تہٕ یِم ناگ گٔے یِمن آرٕن منٛز شرٛیٚتھ۔ آرِیو نوٚر پٔنٛنۍ زِیوٚ سنسکرت تہٕ ناگن پیٚشِرٕکھ۔ سٕہ وٕچھِو یِہ نہٕ ناگن ہٕنٛز پرٕ سٕہ پٔنٛنۍ پٲٹھۍ۔ سٕہ رٕٲسۍ تِمن پٔنٛنۍ۔ تِمے سوٕر لٲگِکھ سنسکرت پرٕنس تہٕ۔ دۆنی کیٚن تہٕ چھہٕ اُسۍ تِمنٕے ناگن ہِنٛدۍ پٲٹھۍ پران۔ سٕہ کٕدان ناگن ہِنٛدۍ شبد، محاورٕ چھہٕ دۆنہٕ سانہٕ زِیوٚ منٛز۔

پیشاژٕ تہٕ تراوِکۍ پٔنٛنۍ لفظ پتھ کُن۔ اوٚسے گوٚ سانہٕ ناگہٕ زِیوٚ سٕہ ستٲرُل۔ یوٚسہٕ پتہٕ رٕلِتھ میلِتھ بٔنیہٕ وارٕ وارٕ سٲنۍ زِیوٚ۔ یہاے زِیوٚ بٔنیہٕ وقتہٕ وقتہٕ۔ لل دێدٕ ہِنٛدِ شِمِیہ تہٕ اُس بدلیمٕژ۔ نُنٛدرٕ یِشہ ریٚشٕنہٕ وِزِ تہٕ اُس یہاے۔ حرف ادٕس کاتھہٕ کاتھہٕ نوٚد فارسی لفظ میوٚلمُت نتہٕ اُس یہ سوٕے زِیوٚ یوٚسہٕ شاہ میرنہٕ وِزِ اُس۔ کیازِ بٔٹۍ اُسۍ رٲژل پکہٕ ناوان سنسکرت زبان لیکھہٕ پرٕ حۆلکو متیجہٕ کامہٕ لاگان۔ فارسیُک رِواج آو ژیرِ پتہٕ اتھ یہ صٔدی منٛز۔

لل دێدٕ یِم واکھ دۆنی مِتۍ چھہٕ تِم چھہٕ وۆنی ہنیمتۍ تہٕ لوٗکو چھہٕ بہنہٕ رٲوِکۍ مِتۍ۔ تِمہٕ چھینہٕ یِم واکھ امہٕ رٕنٛگہٕ دۆنی مِتۍ زِ گژھن ہُنا کرہٲنے۔ تس اُس یہ اکھ ڈُوٗلی لجِمژ اکھ ذمہٕ داری پیٚشرہٕ آمژ۔ زِ یِیس شیوٕ درشُن۔ شیوٕ گیان۔ شیوٕ دَرم اوس کشیرِ منٛز پٔنٛنۍ خاص گیان سُہ گوٚنٛڈھ نہٕ گلنٛ۔ اگر لل دێد آسہٕ ہے نہٕ وقتس پیٹھ ظاہر تہٕ بدیمژ۔ یہ دَرم آسہٕ ہے کوتاہ گوٚل مت۔ کیازِ یِمِتھٕے اسلام آیوٚ۔ سنسکرت پرٕن دوٚکھہٕ ہے چھٕے ژیتس تھٲوِنۍ لایق کتھ زِ یِم واکھ لل دێدٕ دۆنی مِتۍ چھہٕ یِم چھینہٕ بے گنٛڈ۔ یِوٚد وٕے تِمہٕ کرِ شُرِو واکھ وٕنِنۍ ترٛیشمہٕ دشایہ منٛز۔ مگر یِیلہٕ وٕنۍ یِیلِ تِم وُنٛت گمہٕ ڈاسیتھ۔ یِیلہٕ لوٗکٕٹ اُس مول وٕنِس

وَقتہٕ کیس کاشرِس منز تیٚمتھے پاٹھۍ ؤنۍ نُنٛد ریٚشی یتہٕ تیٚتھۍ کاشرِس
منز پیٚنہٕ واکھ۔

یہِ وَنُن زِ لل دیدِ ہٕندین واکھن چھُ ژۄر سنسکرت شبدن
ہُنٛد گنیر تہٕ شیخ نورالدین صاحبٕنین شرُکین چھُ زیادٕ فارسی لفظن ہُنٛد
برٛژرٕ چھُ تیمن سکالرن ہُنٛد چھوہ ہیر۔ یمَن یہٕ تمہ وَقتہٕ چہ کاشرِ زبٲنۍ
ہنٛز خبر چھیٚنے یا اَمِچ زان چھکھ۔ یم ؤنۍ کینژِ واکھ یا کلام دوٚیِمۍ
ہٕندۍ چھہ یم چھینہٕ تِہنٛز تیٚلہٕ چہ زبان منز۔ یم چھہ شُش ہٕنٛدِ ورِہین زبٲنۍ
زیٚر پھیران بدلان گامتۍ تہٕ گیوٚن والیو، گوُہٕ ماتو، باندٕو تہٕ پاٹھرو
شمیہ کیس پھیرِس سیتۍ پھیریومتۍ۔ تہٕ ؤنۍ کینہہ چھیٚنہ یمَن سوہ شکلہِ زِ پرٕن
وول دیان یم چھہ وَنَن والیو ؤنۍ ؤنۍ متۍ۔ اَمہ کِنۍ یہِ دَپُن زِ یُس واکھ
یا کلام ٹھیلہٕ اَسہ اَہٕندین واکھن تہٕ شرُکن ہُنٛد میول مُت چھُ۔ یہ چھُ
اَسہ زورٕ زبردستی پیمان مانُن زِ تِہنٛدٕ چھُ۔ ہرگاہ ژرایہٕ کیو ریشو آیہے
تہٕ نُنٛدہٕ ریٚشہ نین شرُکین پننہٕ مرضی کِنۍ پوچھکر تہٕ چھوہ نیر گومُت۔ یم
اَسہ ہاکن تیٚتھۍ زیٚو منز۔ نتہٕ تیٚتھ ہِشہٕ زیٚو منز یتھ منز نُنٛد ریشی صاحبن
اَسی ؤنۍ متۍ۔ یہاے کتھ چھیٚنے لل دیدِ ہٕندین واکھن ہنٛز تہٕ۔ متے چھُ
پننہٕ کتابہِ منز ہوومُت زِ یوٚدوے اَسی یم بہمہ، ترواہمہ، ژوداہمہ
یا پنداہمہ شتابدی ہٕندۍ واکھ کاشرۍ پاٹھۍ ہیرد یمَن یمہ نوٚوے شکل
کیاہ زِ ساری زبٲنۍ اَسی ناگ۔ تمو اَنۍ آریہ نادِ تھ تم نیٚبرِ موکدہٕ خاطر
تم یمو تمن پشاژ ناو گور۔ نتیجہ دراو زِ آریَن ہنٛز زبو بھوٚج ییٚنہ
سوہ پیٚنیہ ناگن ہیٚنٛدٕ ہیتھ کیٚنو آریہ پیٚنے ناگن ہیٚنٛدِ۔ ناگ اَسی کمے
آریہ آسے نیٚبر ہیٚنٛدٕ ہرُیو ہرُیو۔ تمو کرٕ یمن ناگن لتہٕ دوہ بندٕ پوتھ

یٔمی ہٲتھِ موٗن دِپِن گُھوراتھ
یٔمِس اَدوےٚ مَن سٲنِپہ نیٚے
تٔمی ڈیٖکۍ ژھٹے سوہ گوہ رناتھ

لُب مارُن سہز وشارُن
دروگ زانُن کلیٚن ژاو
سٔشیٖل تہٕ مان چھُے پوز کرٔنیٚجے
موڈو دپشیتھ یٚشتھ لاگ
زۆر تہٕ کوٚل شتُر تہٕ وُن زڈٕ رٔوٕپی آس
یُس یہٕ دٕپی تُس تیٚشتھےٚ بل
سُے چھُے تَنتو ویدس ابیاس
یٔمی لُب منمتھ مدٕ ژۆر موٗرُن
تٔمیے مٲرتھ لوکُن داس

ییٚتھ دۄہمنس کیاہ چھُس کرُن، کہتھ کرُن تہٕ نتھ کیاہ نیر

اَکے اومکار یُس نابہ دَرے
کُمبے برہمانڈس سُم گرے
اَکے منتر یُس ژیتس کرے
تس ساس منتر کیاہ کرے

اَمہِ خاطرٕ کیاہ چھُس کرُن۔ پرانایام تہٕ پرانہٕ کرٕتی کرُن ییٚتھ لل
دیدٕ دوٚن کُمبیٚ برہمانڈس سُم گرے۔ بٔتیہ ۵

پوٗن پوٗرتھ یُس اَنہِ وَگے
تُس بوٚہ ونہٕ سپدِ شہ نہٕ بوچھ تہٕ ترٛیش

شیوٗ یکھنوٗ تَس نِشِ اُسن ہیٚچھمِتۍ نیتہٕ نیم، پٔوزا ، پرٛانہٕ کرٛیٚتو وٲتر
وٲرِیوٗ۔ تتہٕ پوٚپرٕن یہِ کیشرٕ ھا ہیوٗ چھمُت اوسُن ۔ تہٕ مُترٕ دٕ مُترٕ ی اوسُس
گٕھرٕ دِیوتہٕ پیان وُچھان کوٚت وٲتر ۔ کاگرٕ زاہ چھنے دٕ تہٕ ہیٚچھمِژ ہکوناہ کانٛش
چھُس اۆمُت ۔ سِرٕ کیٚاہ چھُس بیٚنِن کرتوٗ کرنَس تہٕ پالنَس ۔ ییٚس دوٕ یہِ ہیٚشہٕ
ہُشہٕ مُترٕ درٛیش اوس ۔ شہ روٗد تہٕ اُمِس دوہٕ ہیے ۔ شہ اوس کیوٚ نشر کال
اُمِس ٹریننگ دِنہٕ پٔرٕ ژھو اۆمُت ۔ اَمہٕ کِنہٕ چھ اَسہٕ اُہشد ہِن واکھن ترٛٲوِتے
چھپہٕ کرٕنی ۔ اَکھ ییم گوڈٕ ہیٚچھ ناوِن کیٚشہِ گرٕ ھہ سادک آسُن ۔ تَس
کیٚاہ کیٚاہ گوٚن گرٕ ھٕ آسِہٕ ۔ تَس کیٚاہ کیٚاہ چھُ کرُن ۔ کم نیم چھس
پالُن ۔ دوٚیم بیٚنِن اَنُو وَنُن ۔ یہِ کیٚتھہٕ پاٹھی ہیٚوٚتِن اُتھ دٕ تہٕ بیٚیہِ نیبرٕ ونٕ تہٕ
یِکُن ۔ ترٛیٚیم یہِ وَنُن کہِ کیٚتھہٕ پرٛاوِ سادک پرٕ مستھان کیٚاہ کیٚاہ وُچھہٕ
تہٕ سوٗرے اوس شیوٚ دٕ رٕ مٕک سارِیُس تمہٕ بٔنشِین واکھن مُترٕ ۔ وون تہٕ ہوٗ
دوہٕ نی کرُد اُمسو سُنرا ہیٚمت ترٛیٚشونی پادہِن ۔
یکمِتیس چھُہ ھنوٗروٗرِی زٕ گنڈٕ روزٕ ۔ اَدٕ ہیکہِ تیٚشِنرٕ دٕ تہٕ برٛوٗنہہ پکِتھ ۔

(۱)

کھیٚنہٕ کھیٚنہٕ سِتہِن کُن نو واتکھ
نہٕ کھیٚنہٕ گرٕ ھکھ اہنکاری
سوٗمے کھٔنے مالہٕ سوٗمے آسکھ
اَدٕ مُژرٕ نے برٕ ہِن تارٕ ی
یِوٕ تیرٕ زٕ لہٕ تیم اُمبرٕ ہینا
بیٚہ چھیٚوٕ زٕ لہٕ تی آہاران
کھیٚتھ گنڈہِتھ ناشہِ ماسن،
برٛاشتھ یمو ترٛاوُ تیم گیے کھیٚتھ
یُہ تہٕ پان ییٚمہِ سوٗسمے موٗن

شہ بیٚسلہ ڈیوٚ کھٹم نِشہِ پانٕس
سورُے شُے تمےَ بہٕ نوکیٚنہٕ
لل بہٕ لوٚسیس ژھانڈان تہٕ گارٲن
ہیلہٕ مےٚ کوٚرمس رسنی شیٚشتی
وُچھُن ہیٚوٚتمس تارٕ ڈیچھتُومس برن
مےٚ تہٕ کل گنیٚیہٕ زوٚ گمتس تتُی
ژھانڈان لوٚسیس پانٕے پانس
بۆ صیٚبِہ گیٚتُس ووت نہٕ گُژھہٕ
لےٚ کرٕمس داژِہس اَل تھٲتس
بیٚرِکہ بُرِکہ بانہٕ تہٕ چھُوان نہٕ گُژھہٕ

(٣)

پیٚتہٕ بیٚسلہ دژاپہٕ پرٕژار کرنہٕ - کیٚہ چھُکھ ونان سہ
ژٕہِ دانشندس گیانہٕ پرٕکاشس
پیمہٕ ژیوٚ نُے تَم زیوٚن تہٕ موٚکھ
ویٚشمس سمسارٕس پاشس
ابوٗد یوگ گشٕرِ شنِہ شنِہ دِتی
ووہہ رأنیا ارژٕن سکھر
اُبھہ اَل رٕ پَل ووہ کمرٕ ہیتھہ
یوٗد وٕنے زانکھ پرَم پد
اَکھبر شکھر کھشکھر ہیتھہ

تِمی یُس کرُن اَنتہٕ تِگے
شہ سمسارس پیٚیہٕ تہٕ نیٚچھ

(۲)

اَمہٕ پَتہٕ گوٗ پٕنُن اَنٛبوٗ سہ

سمسارس آیُس تیٚسی
بوٚہہٕ پرکاشہٕ لوٗبُم سیٚہز
کیٚثاہ کیٚثاہ کوٗرِن پادٕ پادٕ بہ
دَما دم کوٗرمس دمن ہالے
پرٛزلیوم دیٖپ تہٕ نٕنیم ذاتھ
اَنٛدریُم پرکاشس نیٚبر ژھوٗٹُم
گٕٹہِ رٕٹُم تہٕ کرٕمس تھَپھ
شیل تہٕ مان چھُے پوٗزٕ کرٕنٛجے
مہ چھ ییٚمہٕ رٕٹے مَلہٕ یوٗد داو
ہوٗس یُس مُس وٲلہٕ گنٛڈٕ ٹے
تہٕ یُس تِگی سہٕ اَدٕ بال
شٮ۪ے وَن ژٕ پیٹھہٕ شُشِک مُزم
پرٛکرِتھ ہُرم پوٗنٕ سیٹو
لولکہٕ نارٕ واٹرٕلیٚج بُزم
شنکر لوٗبُم تٕمی سیٚتو
مَکرس زن مَل ژٕلُم مَنَس
اَدٕ مے لٔبُم زَنَس زان

مشعل سلطانپوری

# لل دید ہٕنٛدی تذکرٕ نگار تہٕ موٗرخ

سوٗ ہیلہٕ پایہٕ شخصیت یُس کاشرِ لُکھ لل دید، للہٕ ماج تہٕ للہ
ایشوری ہینٛدِ ناوٕ کنِہ زانان چھہٕ، چھےٚ کشیرِ ہنٛدِ روحانی تہٕ ادبی عظمتُک اکھ
علامتھ۔ اَمیُک تذکرٕ چھُ مختلف کتابن منٛز میلان۔ تہٕ یِم کتابہٕ چھےٚ
سنسکرت، فارسی، انگریزی، اُردو تہٕ کاشرِ زبانہِ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِمو
منٛز چھےٚ کیٚنژن کتابن منٛز مشتبہ تاریخی تہٕ کیٚنژہ چھہٕ محض تذکرٕ یِمن
نہٕ کُنہٕ تٕژکٕ تاریخی حیثیتھ دِتھ ہیٚکو۔ کیٚنژن کتابن منٛز یِم حالاتھ میلان
چھہٕ تِمن چھہٕ اَسہِ محض اَکہِ وٕگی کنِہ لل دیدِ ہنٛدی حالاتھ مانان۔ مثالہٕ
پاٹھۍ زائہٕ راز ترنگنی، بہارستان شاہی تہٕ حیدر ملکہٕ سنٛز تاریخ کشیر کتابن
منٛز دِژ مٕتۍ حالاتھ۔ کیٚنژن کتابن منٛز چھُ لل دیدِ ہنٛد ناو ہینہٕ آمت پوٗز
زیٚنہٕ وٕری یِتھہٕ عالمہٕ گژھنک سٕتہٕ تہٕ تاریخی حالاتھ چھہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔ مثالہٕ
پاٹھۍ تذکرۃ العارفین تہٕ بابا نصیب الدین غازی صابن نورنامہٕ۔ کیٚنژو
موٗرخو تہٕ تذکرٕ نویسو چھہٕ پتہٕ مین موٗرخن تہٕ تذکرٕ نویسنہِ ہنٛدی بیان
نقل کٔرِمٕتۍ۔ مثالہٕ پاٹھۍ محمد اسلم منعمی۔ اَمہِ کنِہ گٔیہِ تِمنہِ تذکرن تہٕ تاریخن
ہنٛد ذکر یِم لل دیدِ ہنٛدی حالاتھ بیان کرنس سلسلس منٛز خاص
اہمیتھ تھاوان چھہٕ۔

کلہنن پتہٕ راز ترنگنی لیچھ تِمو سنسکرت زبانہِ منٛز منظوم اندازس منٛز

سۄزِس شٕمہ تہٕ دم نو گرٛھی

پیٛژھہ پٕرا وکھ موکھتی دار

شُلِلس لون زٔن مِیلِتھ گرٛھی

تونہٕ چھےٚ دوٚرلَب سۄزٕ وہٕرٕ ژار

گُژھس پوش تٔل دِیٕپ زٔل ناگرٛھے

یُس سَتھ باوِ گوٚرٕ کٔتھہٕ مینہ پیٛیے

شوٗمیہٕ پٔنس سعوٕر پینٛتہٕ یٔرژھے

سوٕ ییٚ ڈٔیِ زِنے سۄزا کٔژے

اَسہٕ پوٗنٛدٕ زوٕسہٕ زامہٕ

نیٛتھہٕ تیٖر ژھٕٹن سپنان کرے

وٕہرِ وہرِ سوٕ نوٗ نٔوٕ آسے

زِنشہٕ چھےٚ تہٕ پٔنٛز انشتیٛنٛن

زمانہ ۱۶۱۴ء یِس منز سیّد محمد مہدی بیشہکوٗد لیکھنہ آیہ۔ اَتھ تاریخ
منز چھِنہ لل دید ہُند ناو ہینہ آمت تہٕ گوٗن موٗل اندازس منز زوٗنہ
راتہٕ سٕندِس ہیوٗہ لیوٗکھمُت اَکھ واقعہ بیان شیٚٹمُت۔

" سمہ ہیٚتھ تہٕ ارنا ہٕچہِس منز ہیوٗتُھ سلطان علاؤالدین تختس
تَس اَسی زٕ نیچوٗ اَکھ شہاب الدین تہٕ بیاکھ قطب الدین۔ علاؤالدین
ییٚنہِس دوٗرِ حیوٗ کومتس منز اوس اَمو شنہ بوٚڑ ہیوٗ نیچوٗ شہاب الدین
جنگلن کُن شکارس گومُت۔ ییٚمتو اَسبس ترٛیٚمے زٕ تی، جَنڈار، اوو دشہ
راول تہٕ اختاچی۔ باقے لوکہ اُسی ییٚموِ نِش دوٗر۔ اَتہٕ وُچھ ییٚمو اَکھ
زنانا یَسٕندِ ڈیکہ پیٚٹھ پرہیزگاری تہٕ پاکیزگی نشان اُس۔ اَمہِ وُن
شہاب الدینس نِش اَکھ شربت پیالا تہٕ دوٗ بِنِس چِھنے۔ شہاب الدینن
دوٗٹھ یہ وُلی وُلی تہٕ چییِن اَمہ منز واریاہ ہیٚنا تہٕ ...... ...... ......
اَمہ منز ترٛوٗوُن کیٚہہ پیٚنِس سیٚتھ باقہن کیٚشت۔ دوٚیو سیٚتو باقو چیٚنے
دام پوٚنشہ تہٕ اختاچیس کیٚشت رٔژ دِنہ کیٚہینہ۔"

ژوٚڈرِ کرٕھا درمُلی کَن تہٕ لیٚچھہ اَتھو زنانس منز تاریخ کشترِ نچھ
منز یوٗہے واقعہ نقل کرنہ آمت چھُ۔ فرق چھُ یہ زٕ شہ چھُ علاؤالدینٔ
تختس پیٚٹھ بیہنٕک وری سمہ ہیٚتھ تہٕ ستہ تا چی اَوان تہٕ وَنان زٕ شہاب
الدین سیٚپکن شکارس پیتہ دوران باقے فوج نِش الگ تہٕ سیٚتو رکوٗبس
ترٛیٚٹے زٕ تی۔ ہیمن ترٛن سیٚتی باشن میٚشدی ناو چھ بہارستانِ شاہی منز ہیٚنہ
آمتین ناون سیٚتر ژلان۔ اَکھ فرق چھُ یہ زٕ شہ چھُ لیکھان زٕ کَس
گوٚیہِ منز گیکھمر اَکھ زنانا نظرِ تہٕ آے ہیاں چھُ سے۔
رفیع الدین احمد غافل صاب پیٚٹھ ۱۳۷۶ ہجری مطابق ۱۷۲۳ء یِس منز

لیچھ یِمَو پَتہٕ زٕوٕنہٕ رازٕن ہُنٛد بوٚنیٛٹھ۔ یُس جِہنہٕ سِٹھاہ لیوکھ تتھ چھہ وَنان زٕ اُتہٕ رازٕ ترنگنی۔
پتہٕ چھِنہٕ لَل ماجہِ ہِنٛدِ زمانُک تارِیخ، تہٕ نہٕ چھےٚ زَوٚن رازٕ تٕہنٛدِ ہم عصر اوسمُت
پتہٕ تارِیخ چھےٚ بڈشاہ سٕنٛدِ زمانٕچ (١٤٥٩) یُس مٔنٛز لیکھنہٕ آمٕژ یا نے لَل دیدِ
ہٕنٛدِ زمانہٕ پتہٕ ہَتھ شَتھ وٕری۔ اَتھ مٔنٛز چھِنہٕ لَل دیدِ ہُنٛد ناو ہِنہٕ آمُت
مگر تمہِ زمانُک اَکھ واقعہ چھُ بیان کٔرِمُت، یَمہِ زمانہٕ لَل دیدِ جنگلن
تہٕ بیابانن مٔنٛز پھیران اُس، پٔرٕتھن ہٕمسی تیٚرِتھ کیا چھُ شعورِ ترٕکُت پرٕوا
آسان۔ تِس ما آسہِ ہٕمن تہٕ اٚوتان عام و خاص زانانے تہٕ توٚےٚ چھِنہٕ تٕہنٛد
ناو ہِنہٕ آمُت۔ یا ما آسہ ہا ہٕ بیٚنہٕ کانٛہہ ہستی تہٕ اُسہِ چھہ از اٚنگرٕوٕ ژینٕونان
زٕ لَل دیدِ اُس۔ خَیر، واقعہ چھُ یہِ: "بیٚیلہِ شہاب الدین شہزادین
سیتھ باجِن سیتۍ شکارس گُرٕ ہان اوس تِتھ وِچھ واگ پشتکس جنگلس
مٔنٛز اَکِس پَرٕس پیٚتھ کینٛہہ یوگنین ہٕنٛز جماعتھا۔ تٕہنٛدِ یو دِہہِ یوٚ سیتۍ با جواہے
شری تہٕ چنٛدرٕ ڈامرن سوٚنچ زِ یِہن پتہٕ پتہٕ پکھتھ چھےٚ پٔرِتھ کینٛہہ لاران تہٕ
رتِم گے یوٚگنین کُن پنٕنس پیشِ کالِس مُتعلق کینٛہہ زانُنہٕ با پتھ۔ یمن نزدیکھ
واتِتھ وُچھ گُہ یوٚ پتھ پتھہ۔ یمن یوگنین ہٕنٛز ز چھےٚ یوگنہِ ڈیت شہزادس
اَکھ شرابہٕ پیالہ تہٕ دوٚپُس چیٚ۔ شہزادن چٲیہِ ہنا تہٕ ڈیتُن چٕھٹہ شٔدہٕ
ڈامرس۔ تِمو تہٕ چٲیِمیہ اَڈہ ہنا تہٕ ڈیتُن اودے شری یس۔ اودے شری یَن
چَوْسورٕ سے تہٕ بیٚیِن کٕیت ترٲوٕن تہٕ کھیوٚن۔ یوٚگنہِ وٚنُس شہزادس زِ ژٕ
بنکھ اَکھ بوٚڈ فاتح بادشاہ۔ یمن دوٚن سیتۍ باجِن تہٕ سیدی دولتھ
تہٕ یِنہِ حاصِل تہٕ یمو تہٕ کھیوٚ چٕھ شہ سپدِ واپس واتنے خود ایس حوالہٕ
یوگنہِ ہٕنٛز سیچھہ۔ سارِیے پیشِین گوٚیی پیٚنز صحیح ثابت۔"
دوٚیِم تارِیخ چھےٚ بہارستان شاہی یُس مُغل بادشاہ جہانگیرٕ سٕنٛدِ

جامع مسجدِ ہِنْدِ کوٗن چھُ۔ اوٚت وٲتِتھ گیہ دم پوٗر کرٲنی بدن تہٕ ہیٚتھ رٚوزنْ

پٲٹھو ہوہس منز غائب تہٕ لوکو وُچھ یہ آمہ سواکینہہ تہٕ زعفرتہ تھمٕرٕ ناٯر ریٚتھا

ہیٚتھ یۄر تہٕ چھُ لیکھتھ زِ میٚنٛز وونہٕ تاکرٲ یہ غأبن تہٕ دوٚ پیٚتھ حال روز

یہ کھٹیتھ۔ اکھ ژٕک عقوٚوٗن کھورٕن تہٕ اکھ کلس یہ پیٹھ ڈیہ وٕشتیہ

تاکہ زلیپہ۔ تیتہ پیٚلیہ پیٚٹھ ژٕک عقوٚ دٲکھ اتہٕ لوٚ گیکھ یہ گٕنٛزہی جعفر

قطب ربّانی علی ثانی ہِنْدِس یور تشریف انِنس دوران چھُنہٕ یہِنْدِ

مُلاقات تامہ ہیٚتھ سیّدان۔"

لل ماج تمتیٚھ اُمس تہٕ کرٲ یہ ڈٕنی یہِنْدِس یہ چھُنہٕ اوٚت تان خُشتاق

عبدالوہاب شائق چھُ فارسی نظمس منز لیکھ حیوٗن ہِنْدِس زمانس یانے ۱۷۵۲

تا ۱۷۶۲ ء یس منز کشیرِ ہِنْدِ تاریخ لیکھان۔ اَتھ اندر چھُ سہٕ لل دیدِ ہِنْدِ

زیٚنہٕ وٕری ۷۳۵ ھ یانے ۱۳۳۵ ء ہیٚوہ ہاوان۔ مصرع چھُ ع

فزوں بود بر ہفت صد سی و پنج

باقی حالاتھ چھِ تمہے پیٹھ بوٚنیٚٹھ ییٚن تاریخن منز چھِ۔

محمد اسلم منعمی ہِنْدِ تاریخ کشیر چھے "گوہر عالم" ناوٕ ۱۲۰ ھ

مطابق ۸۶-۱۷۸۵ ء لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَتھ اندر چھِ لل دیدِ ہِنْدِ سلطان

میلان یہم نوادر الاخبار تاریخ ہاوان چھےٚ۔ صرف چھے اکھ کنہٕ خاص سنہ

گیہ یہ زِ تہٕ سُند واقعہ بیان کرتمت چھُ تتھ منز چھُنہٕ لل دیدِ ہِنْدِ ناو

پوٗز گوہر عالم کتابہ ہِنْدِ مصنف چھُ لیکھِ ہِ پٲٹھو ونان تہٕ یمس عبارت زنانہِ

شہاب الدین مُلاقات کوٗر سعہ اُمس لل دیدِ۔ عبارتھ چھے یہ "سلطان

شہاب الدین گوٚیِ نشین امیرن وزیرن ہِنْدِ جماعتہ ہیٚتھ شکارس شکار

کران کران دزاو مرگن تہٕ پنیٚن ہِنْدِ تماشا وُچھنہٕ دوٗر تان۔ تہٕ تمہ

یس مغل حکومتس منٛز ہُندہ پۆتم دور اوس۔ نوادرالاخبار ناوی تاریخ کشمیر لیکھمژ
تہ اتھ منٛز تہ چھ شہاب الدین حبئہ کس منٛز اکس پرہیزگار تہ تیپ کو کار زنانہ
سیتہ ملاقات کرنک واقعہ یُتھ مین مورخن ہندی پاٹھی لیکھنہ آمت۔

گوڈنیچ تاریخ یتھ منٛز لل دید ہُند ناو، زینہ جاے اختصار لوکہ چارکہ
حالات لیکھنہ آمتی چھ، چھےٚ خواجہ محمد اعظم دیدہ مری سٕنٛز واقعات کشمیر یا
تاریخ اعظمی یوسہ ۱۱۵۹ھ یانے ۱۷۳۵ء یس منٛز مغل خاندانک پتم لوٚت
وایہ ہندس زمانس منٛز لیکھنہ آمژ چھےٚ۔ محمد اعظم خان اوس خیرالزمان
خانن نیچو تہ شیخ محمد مراد صاٗبن مرید۔ اُہند تاریخ وفات چھ ۱۱۷۹ھ
واقعات کشمیر کتابہ منٛز چھ للہ دیدِ متعلق اکھ سہ واقعہ لیکھتھ یُس یُتھ مو
مورخو بیان کوٚرمت چھ۔ اتھ چھ پتم شطر چھےٚ " ڈیان یہ مجذوب زنانہ اُس
لل عارفہ۔"

بییس جایہ چھ لیکھتھ " ذکر عارفہ کاملہ للہ مجذوبہ" کہ عنوانہ۔
"تہ لوب سلطان علاءالدین سند زمانہ ظہور۔ گوڈہ اُس اکس
شخصہ سندس نکاحس منٛز کرکھ زندگی گزاران۔ اُتھم زنانِسس اندر
تو ٹھیوس دٕے..... اکہ دوہہ یہ اُس آبہ نوٚٹ ہیتھ گرٕ یوان۔ خاندارن
یُس اُمو منٛزن کینژن کھنتن پو چھےٚ اعتراض کران اوس کو ڈمس اتھ ٹیٚٹھ
کلہ پیٚٹھے لورِ ماس تہ پھٹر دوانس۔ آب روٗد کلس پیٚٹھ پیٚٹھے پاٹھو
پتہ بٔرو تمہ امی آبہ سیتو گو کوسارِی بانہ تہ یہ یتھ کنہ روٗد تہ ڈیٚتن
نیبر دٲرِتھ۔ اُتہ بنیو اکھ تلاو یُس سیٹھا مشہور گو۔

لل دیدِ متعلق ترٛیمہ جایہ یوسہ عبارتھ دٔرِیج چھےٚ تمیک
مفہوم چھ یہ: " مشہور کتھ چھےٚ یہ زیٚتن از ویچہ بسیار چیہ

واقعہ علاوٕ ییم بییَو تأریخ نویسو لیکھمتو چھہ ہمو تشریح زینہ جاے
پاپیر لیچھ مژ ییتہ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی رح ییند تشریف انِتھ
کرٕ وَقتس لَل دید ہُند تُو ندرس منز گھُٹنچ روزنُک واقعہ درج کورمُت
تہٕ اکس بُت پرستس سیتی ییہنٕ پیٹھ بحثُک ذکر کورمُت۔ ییمو چھ حضرت
شیخ العالمس لَل دید ہُند تیٚب تراونُک تہٕ دودٕ چاونُک واقعہ تہٕ درج
کورمُت۔ عبارژ ہٕند کینژہ جملہ چھہ یہ مفہوم تھاوان: "اکہ ساتہ
آیہ لَل ناوی اکھ نیکو کار زنانہ ییمۍ شند ذکر بوزتھ پیٚن سیدا ورٕ شہر
نیکون ماجہ ترٛتھ رو ژھن پینہ کو چھِہ منز تہٕ وونُس کنُس تَل یہ زنان زر
ییتھ فانی سرایہ منز یُن چھہ خدا یہ شر خوشی، دودٕ چینہ سوا چھیٚنہ
چایر، امو سفرٕ کتھ ہُنٛدِ تٲثیر ژولُس دِلس شکھ تہٕ لوکُک دودٕ چینہ
..... یہ صاف ضمیر زنانہ زایہ ہیتھ چھی کرٕ، پاثیر اُس روزان تہٕ
بالغ سپدتھ کورُن تس تھاندر" اکھ تأریخس منز چھہ تمہ تلاوکتس
لَل دید ہندِ آب تراونہ سیتی بنیوو، ناو لَل ترٛاگ درج۔

حضرت میر سید علی ہمدانی رح صاب ییتھ یوان و چھن! حیاہ مکہ
حِجاب پہ ریٚژ اورٕ یور ژوینہ۔ کاندروان پیٚوس بُتھ، یہ اوس ڈھاہان، تراوِن
اکھ منز دوہ چھٹ۔ کاندرس ژایہ نِتھ تہٕ لوکن ہٕندِ ہیمہ ڈیٚنتھن اکھ
تھاندٕ۔ ییتھ سہ مرد خدا بوزتھ پکان گوٚ تہٕ نزدیک ووت کاندرس
دُژن کرٕ کھ۔ پکلوان فورن بُہ لاگہ تہٕ تُو ندرِ منز نیرتہ بر، تس کھڑ پہ
بُوزنُھ تھا دُنیہ بوٚہٹ۔ تُو ندرِ منز ڈرایہ تہٕ پیٹھ رکوزنہ زاہ دُری یان"۔

راجہ رنبیر سنگھ نس زمانس منز لیچھ کا مُر ہیندٕ پور کی پیر
غلام حسن صاب بن تریٚن جلدن منز تاریخ حسن ناوی کشیر منز تاریخ

اَمِس سٟتۍ تہٕ ملک چندٕر شہ راول تہٕ ترٛیٚشمو شُنٛد ناو چھُنہٕ موٗرِخو ہیٚتۍو۔ تمیٚوتہٕ
دُچھِن کھوٚوٗردِ ژکھ نظراہ گژھان تہٕ اَکِس بیاکھ نِشہِ مشرٕ گیٚیہٕ اکھ مرٕ
زنانہٕ نظرِ یمو گیٚہ بار ترٛوومُت اوس تہٕ رابعہ بصری ہندی پاٹھۍ کامِل
اَس تہٕ یِس لل عارفہٕ وَنان اَسی۔"

ترٛیٚشمِس مصاحب شُنٛد ناو چھُکھنہٕ لیوٗکھمُت تہٕ یہ کتھ تہٕ چھیٚنہٕ
وَنہٕ لایق زِ لل دید چھُکھ رابعہ بصری ہِش مانٛنہٕ آمٕژ۔

" باغِ سُلیمان " ناوُچ بیاکھ تاریخ چھیٚ فارسی نظمس منٛز پٹھان
گورنر جُمہ خان الکوزی سٕندِ زمانہٕ سعداللہ شاہ آبادی صابن لیٚچھمٕژ۔
اَتھ اَنٛدر چھِ لل دیدِ ہٕندۍ حالاتہٕ تفصیلہٕ سان مِلان۔ لوکہٕ چارکۍ
حالاتہٕ تیٚشہِ زیادہ عنایتہٕ کھانٛدر، گرٕ یِٹھو دارٕ وٚتہٕ تمہِ سٕنٛز دوہہ دِین
بُرُن۔ خاندارٕ سٕنٛز تلخی۔ بیا ناتہٕ پھیرُن، گوہ پھیرُن منٛز، وزُن بیتر سوٗرے
چھُ درج۔ خاص کتھ چھیٚ یہ زِ یمو چھُ سید جلال الدینؒ تہٕ امیرِ کبیر
میر سید علی ہمدانیؒ یِمن سٟتۍ لل دیدِ ہٕندِ ملاقاتُک نہٕ ذِکر کوٚرمُت تہٕ یِہٕ
ووٚنمُت زِ سید حسین سمنانیؒ بنیوو کھ مُرشد ۔

لاجرم چون رسید میر حسین ‏ ‏ ‏ ‏ رفتہ در خدمتش براہ العین
تربیت زد چنانکہ باید یافت ‏ ‏ ‏ ‏ در مقاماتِ قرب اُو شناخت

اَمِہِ منٛز کمہِ حد تام چھِ تہٕ زِ کہِ ودرٕ یِس متعلق چھُ یِم خاموش۔

مجموعۃ التواریخ آیہٕ بیربل کاچروٗ سٕنٛدِ دٕسۍ لیکھنہٕ یِمِس
دورِ حوالہٕ کیٚ منٛز میاں کرنیل سنگھ گورنر سٕنٛدِ عہدِ ۱۸۳۵، ۳۶ اعیس
منٛز لیکھنہٕ۔ اَتھ منٛز تہٕ چھِ لل دیدِ ہٕندۍ حالاتہٕ تفصیلہٕ سان میلان۔
اَمہٕ تہٕ چھیٚ سہ یُس گمٕ یہ شہاب الدین نظر گیہ لل دیدِ مانٛنہٕ آمٕژ یِمو

ہندۍ واقعاتھ لیکھنہٕ تہٕ تذکرٕ نویسن اُس صاحبِ حال بُزرگن تہٕ اولیاہن
سیٚتی دلچسپی۔

پرانہٕ پرٕون تذکرٕ یتھ منٛز لل دێد ہندۍ حالاتھ درینہٕ آمتۍ
چھہ، چھُ وُنِس تام بابا علی رینہ صٲبن تذکرۃ العارفین زانٛنہٕ یوان۔
بابا علی رینہ اُسۍ مشہور ولی حضرت مخدوم شیخ حمزہؒ سٕندۍ برادر
تہٕ تیمو لیوکھ یہ تذکرٕ یہندٕ کرتہٕ باقے بُزرگن ہندۍ حالات درج کرنہٕ
غرضہٕ۔ اَتھ منٛز کرِکھ تِمن بُزرگن ہندۍ حالاتھ تہٕ درج یِم یمن بوتھ تہھ
اُسۍ میتۍ چھہ یہ تذکرٕ چھُ ۹۷۰ ھ یس منٛز لیکھنہٕ آمُت یانے لل دێد
پتہٕ سواد زٕ ہتھ وری۔ اَتھ منٛز چھُ لیکھتھ زِ لل دید اُس سیّد
حسین سمنانی گٕنٛس منٛز مُرید تہٕ تیموے اوسُہس وونمت یمو گرِ شھتھ
نٕتھ درِ کیتھِس شہر چاوُن۔ یہ کتھ تہٕ چھے گوڈنیچہ لٹہٕ اَتھی تذکرس
منٛز زِ سید جلال الدین مخدوم جہانیاںؒ تہٕ اُمیر کبیر میر سیّد علی ہمدانیؒ
صٲبس ستن منٛز لُن بُتھہ تیہ تھ استقبال۔ لل دێد ہنٛز کینٛہہ کرامژ
تہٕ چھے نقل کرنہٕ آمژ۔ اَتھ تذکرس منٛز چھُ لل دێد مریم مکانی رابعہ
ثانی لقب دِنہٕ آمُت۔ اَتھ اندر چھُ لیکھتھ زِ لل دێد چھُ وونمت
یٚلہِ حضرت مخدوم جہانیاں یور آسے۔ بہٕ گییس تِہنٛز کرتھ ستن پراوُن
تِمن بُتھہ تہٕ بونٛہ کٕنٛ وارتتھ ترو مکھ سر پاسے مُبارکن پیٹھ۔ تٲلین
اوسُکھ کھورن تَل، ستہ سجدہ کرُو مس تہٕ تیچ گرد مرشِدم اُچھن تیمو کوٚر
عنایتھ کلہٕ تلہ ہم تھود تہٕ بیہنا گٕو مس پانس بونٛہ کنہٕ۔ یتہٕ وُنھی
تہٕ دراے گاشہ بہ ژٕ اَسِس ننہٕ وارے تِمن پتہ پتہ کشیر واتھ روم
تیہندہ ماضلہ برتہٕ یمیٚک فخر چھُم۔ تیمو وونھم زِ امیر کبیر واتی جلدے یور

1562

اَمہ کِتابہ ہِنٛدِس دوٚیمِس جِلدِس منٛز چھُ سُلطان شہاب الدینٕنِس سٕتؠ
لل دیٚدِ ہِنٛدِ مُلاقاتُک ذِکر۔ لل دیٚدِ ہِنٛدِ کشف تہٕ کرامات پتہٕ چھےٚ
تفصیلہٕ سان لیکھنہٕ آمٕژ۔ لل تراگُک واقعہ، نفی اثبات وِبرٛھناوُن
وأری وِچ سختی، للہ ژلہٕ وٕٹھ ژلہٕ تہٕ زاہ واتُھک پٔتس منظر، سدھ شری
کنٹھ ہِنٛدِس مت خانس منٛز گژھُن، سید جلال الدین بخاری رح
تہٕ سید حسین سمنانی رح ہوٚین بُزرگن سٕتؠ ملاقات کرُن بیترِ دٔرِج۔ حسن
صابن چھُ لیوکھمُت زِ ستھ ہتھ ہجری سنس منٛز گوٚو رُن ظہور، زینہٕ 700 A.H
جاے اُس سمپورٕ، اکِس برٛہمن سٕنٛدِ گرِ پیٛیہ بٔقینہ۔ یُڈ وائتھ شیندِس
پانٕیرِ ٹھانٛدر۔ ہُتس اسِس بٔتس ژلہٕ وٕٹھ ٹھاوان تہٕ لل دید اُس تہٕ
کاٹُسے وَنان۔ امہ چھُ لیوکھمُت زِ لل دید آیہ ہیرِ پوٚرتان سید
جلال الدین مخدوم جہانیاں ہِنٛدِس استقبالس۔ ہمو دوٚنہہ ہس
سید حسین سمنانی صابس پیار۔ پتہٕ ہیٚلہ سید حسین سمنانی رح صاب
پور واتی، لل دید آیس ستن ؤرین لیٚن تمہ تہٕ تمی نِش لیٚن تربیت،
پوٚتس گیہ وینچہ بیشارچہ جامع مسجد ہٕنٛزِ دسہ نِش نار دیٚتھ تمبہ تھ شوژ
کھسِتھ۔" حاجی محی الدین مسکین چھُ ۱۰/۹/۱۹۰۹ یِس منٛز تاریخ
کبیر لیکھان۔ امہ اندر چھُ لل دیٚدِ رابعہ بصری سٕتؠ مشابہت دوان
تہٕ ونان زِ سوٚ زایہ سمپورِ اکِس برٛہمن گرس منٛز ۷۰۰ ھ یِس منٛز۔ باقی
حالات چھِ ریتھے کتھ نقل سپنٛز ہتو۔

ہیم سار نیٚبے آسہ فارسی تأریخو۔ وٕنہ گے تہم تذکرہ ہیم فارسی
پٔٹھ لیکھنہٕ آمتہ چھِ۔ پوز گوو یہ زِ تأریخو بوٚنہ ٹھ چھِ تذکرنے منٛز لل دیٚدِ
ہِنٛدی حالات بیان کرنہٕ آمتی۔ تأریخ توہپس ہیٚنز کام اُس پادشاہن

ناوِک اکھ فارسی تذکرٕ لیوٚکھمُت۔ اَتھ منٛز چھےٚ لل دٕیدِ ہٕنٛز زینہٕ جاے پانٛپٕرٕ
شہاب الدین پادشاہس سیٚتؠ جنٛگلس منٛز مُلاقات، ہٕشٕ ہُنٛد ووٚنٛد منٛز
نوٗٹ پھٕٹرٕاونُک واقہٕ بیتر لیکھتھ۔

عجیب کتھ چھےٚ یہ زِ سارٕے پرٛوٕن لیٛس تذکرٕ لل دٕیدِ مُتعلق
میلان چھُ تتھ منٛز تہٕ چھُ لیکھتھ "نقل است" یانے لیکھتھ چھُ یا
لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ مطلب یہ زِ یُس تذکرٕ لیکھن والی تہٕ چھُ کانٛہہ تذکرا
یا تاریخا مدِ نظر تھاوِتھ۔ پوٗز تیم چھینہٕ گٔنے میلان۔ اَمہٕ تٕلہٕ چھُ نشان زِ
ییہُنٛد حال چھُ یِمو تذکرو تہٕ تاریخو بوٛنہٕ تہٕ لیکھنہٕ آمُت۔

انگریزی پاٹھی چھِ جی ایم ڈی صوفی صاٰبن پننہٕ مشہوٗر تاریخ
"کشیرٕ" منٛز لل دٕیدِ ہٕنٛدی حالاتھ لیکھی متی۔ اَمس برونٛہہ کنہٕ چھےٚ
پراتہٕ تذکرٕ تہٕ تاریخہٕ روزمٕژ۔ اَلبتہ چھُ اَمو لل دٕیدِ ہٕنٛدٕ تہٕ تسٕنٛدٕ کلامُک
پولیٹکس تہذیبس پیٹھ اثر تہٕ ہووُمُت یہ تاریخ چھےٚ سنہ ۱۹۴۹ ءیس منٛز
مُکمل سپٕنٛز مٕژ۔

پنڈت آنند کول بامزٕٔ سٕنٛز تاریخ چھےٚ انگریزی پاٹھی ۱۹۶۲ء
منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ پنڈت آنند کول تہٕ پی، این، کے، بامزٕٔ چھِ لل دٕیدِ ہٕنٛز
زینہٕ جایہ تہٕ زینہٕ ؤری یُس مُتعلق باقے تذکرٕ نویسن تہٕ موٗرخن سیٚتؠ اختلاف
کران تہٕ وَنان زِ لل دٕیدِ ہٕنٛدٕ سہ دٕیدٕ بابہٕ آسی پانٛدرینٹھنٛکہ تہٕ سعہ زا یہ
ژوٚدٲہمہ صدی ہٕنٛدِس نصفس منٛز۔

یِمو علاوٕ یمَن انگریزی کتابن منٛز لل دٕیدِ ہٕنٛدی حالاتھ درج
چھِ تِم گٔے محب الحسن سٕنٛز تاریخ "کشمیر انڈر سلطانز" یہ سپٕنٛز ۱۹۵۹ء
منٛز شایع۔ ڈاکٹر آر، کے، پارموٗ سٕنٛز "اے ہسٹری آف مُسلم روٗل اِن کشمیر"

تہنز مُرید شنوزہٕ بیِّیس جایہ چھُ حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رح
صأبس سیتؠ تہندِ مُلاقاتُک ذِکر میلان۔

اَمہ پَتہٕ یِتھہٕ فارسی تذکرس منٛز لل دیدِ ہُند ذِکر چھُ سُہ گوٚ بابا
نصیب الدین غازی صأبُن نوٗر نامہ۔ غازی صاحب رح چھ ۱۰۴۷ھ یس 1637
منٛز رحمتِ حق سپٕدی مٕتؠ۔ یِمو چھےٚ لل دیدِ ہٕنٛز زٕ ہنہ جاے پاٹھؠ لیچھ منٛز
یِتھہٕ مُتعلق کمہ ڈٕنٛگیس تذکرس منٛز کینٛہہ چھُنہٕ لیکھتھ۔ یِمو چھُ لل دیدِ
شیخ منصور حلاجنیو بیٚینہٕ وَوٗنمُت، اَمہٕ کِتھ اَندر کِر حالاتھ تہٕ واریوٚ کرٲمژ
کریچھ بیان کوٗرمُت تہٕ نوٚبٹ پُھٹرا وِنٛکہ واقعہٕ پیتہٕ "تلاوُک" ذِکر کوٗرمُت
تہٕ تمہِ سُنٛد ناو لل ترٲگ لیوٗکھمُت۔ یِہُنٛد زیٛنہٕ تأریخ چھُنہٕ لیکھتھ۔
اَمہِ ہٕنٛدی مُرید بابا داوٗد مشکواتی صأبن چھُ اسرارالابرار ناوی
۱۰۶۳ھ یس منٛز فارسی پاٹھو اکھ تذکرہ لیوٗکھمُت۔ اَتھ منٛز چھ لل دیدِ 1653 CE
ہٕنٛدی حالاتھ تفصیلہٕ سان دٲرِج، شہاب الدین پادشاہن سیتؠ
تہنٛدِ مُلاقاتُک ذِکر کران چُھکھ لیوٗکھمُت زِ یِمہِ سے اُس لل دید۔ باقی
حالاتھ چھِ پیٚٹھ بیٚان کینٛہہ تذکرس سیتؠ رلان۔ صرف چھِ سِدہ شری کنٹھس
سیتؠ بحث مباحثہ ہیوٚر یمانہٕ۔ علاوالدین پادشاہ سُنٛدِ تختس بیہنُک وَری
چھُ ۷۴۷ھ ہاونہٕ آمُت تہٕ لیوٗکھمُت زِ لل دید اُس اَمو سُنٛدے زمانہٕ۔ 1346 CE
اَتھ منٛز چھُ تاریخ حسینی ناوی اَکہ کتابہ ہُنٛد حوالہ دِتھ شہاب الدینہٕ
لل دیدِ سیتؠ ملاقاتُک ذِکر کرنہٕ آمُت تہٕ لل دیدِ ہٕنٛز زٕ ہنہ جاے پاٹھؠ
ہاونہٕ آمژ تہٕ رحمتِ حق سپدنہٕ وِز دون تاکین منٛز غائب گژھنُک واقعہ
دٲرِج کرنہٕ آمُت۔

ملا عبدالوہاب نوٗری صأبُن چھُ ۱۱۶۳ھ یس منٛز فتحاتِ کبرویہ

1750

صائبن چھُ "کأشرِ ادبُک تأریخ" کتابہ منٛز لل دیدِ ہٕنٛزِ زندگی مُتعلق تحقیقی انداز بحث کوٚرمُت تہٕ اَتھ سٟتؠ کلامس سام ہیوٚتمُت۔ وِشو بھارتی جرنلس منٛز اَکھ مضموٗن یُس شنکر لال کول لیکھان چھُ تہٕ کأشرِ سماچار کِس لل دیدِ نمبرس علاوہ چھےٚ وارٕیاہن مضموٗنن منٛز لل دیدِ ہنٛد ذکر سپدان روزان۔ یُوٚت ونُن ضروٗری چھُ اَتھ زندگی مُتعلق باضابطہ تحقیق کرنچ ضروٗرت یُس اَسہِ نوٚوٗن شخصیتھ ہنٛدِ بارٕ ہنٛدِ اوٚبرِ تلہٕ لوکن چھُ کراوان نشٕنہ نیر۔

●

گُلیاتِ شیخ العالمؒ

گُلیاتِ صمد میر

گُلیاتِ محمود گامی

گُلیاتِ امیر شاہ کریری

گُلیاتِ ناظم

گُلیاتِ عارف

میلنُک پتاہ

کلچرل اکیڈیمی لال منڈی سرینگر

تہٕ ستمبر ۱۹۷۹ ؁ء یس منٛز شایع۔ ایس۔ سی۔ رائے سٕنٛز ۱۹۶۹ ؁ء یس منٛز شایع سپٕز مژ کتاب " ارلی ہسٹری اینڈ کلچر آف کشمیر" پنڈت پریم ناتھ بزازٕ سٕنٛز " ڈاٹرس آف وِتستا " یوسہٕ اَمے وَرِی تہٕ شایع سپٕز۔

لل دیدِ ہٕندِ من والکھ ہٕنٛز یہِم سوہ مبرٕ نٛ تیار کرنہٕ آیہٕ۔ تِمن منٛز تہٕ آو لل دیدِ ہٕنٛد ذکر۔ مثالہٕ پاٹھۍ آنند کولہٕ سٕنٛز " للہ یوگیشوری" اگریسن ہٕنٛز " للہ واکیانی" سر رچرڈ ٹمپل ہٕنٛز " دی ورڈ آف للا۔ بدری ناتھ پارموسٕنٛز " ایسنس آف لایف " بیتر۔ جیالال کول صاحبن چھپے

" لل دید " ناوٕ کتابہِ منٛز لل دیدِ ہٕندین حالاتن پیٹھ تنقیدی نظر تراوِمژ۔ اُردوٗ زبانِ منٛز چھہِ عبدالاحد آزاد صاحبن لل دیدِ ہٕنٛز زندگی ہٕندی حالاتھ دینہٕ ہٕنٛز محققانہٕ کوشش کٔرمژ تہٕ تٔمۍ ہٕندۍ کلامس حبان پاٹھۍ سام ہیتژمژ۔ تس پیش نظر چھہِ پتہٕ مین ہٕندی حوالہٕ آمتۍ۔ محمدالدین فوق صاحبن تہٕ چھہِ " خواتین کشمیر" ناوٕ کتابہِ منٛز اَمِ ہٕندۍ حالاتھ لیکھمتۍ۔ اَمہٕ علاوٕ چھہِ حافظ محمد عنایت اللہ صاحبن " بی بی للہ عارفہ " ناوٕ کتابہِ منٛز اَمِ ہٕندۍ حالاتھ درج کٔرمتۍ۔ گوپی ناتھ رینہ سٕنٛز للہ واکھ اُردوٗ ترجمہ ، جے۔ ایل۔ کول جلالی سٕندۍ للہ واکھ قاضی نظام الدین خانیارِی سٕنٛز " کلامِ للہ عارفہ " جیالال کول صاحبنۍ تہٕ نند لال کول طالب سٕنٛز " لل دید " ( اُردوٗ ) ، کشمیر کلچرل آرگنایزیشن ہٕنٛز " علمدار " بیتر کتابن منٛز تہٕ چھہِ اَمۍ سٕندۍ حالات نظر گژھان۔

کاشرِ زبانِ منٛز چھہِ پروفیسر حاجنی صاحبن " کاشر شاعری " کتابہِ منٛز اَمۍ سٕنٛد زندٕ وَرِی تہٕ مرن وَرِی ہیوٗمت۔ اوتار کرشن رہبر

سیٚوٚد اَتھ سیٚتۍ وٲنٛٹھ یوٚد زَن یِہِنٛدٕ دوہہ بتہٕ بوٚکی واریاہ مُقأمی وجہٕ
اَسہٕ تہٕ زَن گوٚڈ یِہ کرِ یِیٚتہ نے شیٚو فلسفہ توٚ بوٗل عام گومُت آسہٕ ہیٚے تہٕ
اِسلام تیِتھ کٔنہہ آمُت آسہٕ ہیٚے یِتھ کٔنہہٕ آو دیوٚہلٕ آسہٕ ہیٚے نہٕ یا آسیٚہے
تیٚہے تہٕ بکھر آسہٕ ہیٚے نہٕ۔ یِتھے پأٹھۍ اگر نہٕ لٕ آسہٕ ہیٚے تہٕ اِسلأمی مُبلغ
رٔیِشٕ آسہٕ ہٮ۪ن نہٕ یا مرادات آہتۍ آسہٕ ہٮ۪ن نہٕ نِشٕند آسہٕ ہیٚے نہٕ۔ مگر شیٚو فلسفہ
اِسلام لٕ رٔیِش مساوات وِغأرٕ مُقأمی وجوہات تہٕ چھینٕ آسہٕ وِزِ پھٕیرا
مُقأمی رو زان۔ یِم چھہٕ کٕلِہم پأٹھۍ سأری ہیٚے ایشیأئی تنوظرس منٛز
اگر ہتو اُدیچی کھوہ لوکہ محرکات آسان یِمُس کیرلسَس (ہِندُستانس) منٛز
زامتو شنکر اچاریٚن رمکسَس (عربس) منٛز زامتہٕ حضرت محمدؐ صأبن شمألی ہِندکو
رٲنٛد ہتیٚتھ ہیا پٔتہٕ بوہسَس، صوٗفیس (ایرانس) منٛز زامتیو صوٗفی یو بیٚتر ایشیاہس
منٛز۔ اَتھ کُنہہ نہٕ یا شرح ہٮ۪تھ وٕڈی ووتلنس تہٕ سأری ہیٚے تِم عظمتس
آورنس۔ ہِندُستانس منٛز کٔشیرِ ذٕرا وِیہ پأٹھۍ یو جایو کھوہ تہٕ جادہ توٚن اَتھ چھہٕ
بدل وجہ۔ خأرسیأسی پأٹھۍ گرٕن گٔمتس یِیٚتھ مُلکس اوس تمہٕ وِزِ مذہب
تہٕ کلچر اکھ ہیٚے ہأنٛکلہٕ کٔشیٚراہتہٕ۔ اَمہٕ کھوہ تہٕ بوٚڈ کشیاہ ژونوٚ بتہٕ چھہٕ رِ
تبھتی گٔیہ شیٚرن لگیٚہ پیٚیہ شوٗر وٕ کُرٕ حصہٕ اکس مُلکہٕ پیٚٹھ تحریکہٕ منٛز
تبدیل تہٕ لگیٚہ لگیٚہ گُژھن ژھیٚہہٕ۔

## ۲۔ بھگوان زِندگیِہ منٛز ناد دِتہٕ اَنُن

بھگتی گٔیہ کشیاہ ۹ عام پأٹھۍ چھہٕ اَمیٚکُ مانے یوٚز اگیا دِتھ خُدٲ منٛتھ
احترام ماسے بیٚتر یِہ سہ خود ایشی یا کُنہ تہٕ زٕنگہ پانس زِ بعضِس شخصس
یا شخصیہ سیٚند ہٮ۪س تصوٗرس برنہٕ تہٕ یا کرنہٕ یِیہ۔ مگر یِتھ کُنہہٕ قربہٕ یوٚزا

ڈاکٹر رتن لال شانت

# لل دید تہٕ بکھتی تحریک

## ۱- ایشیاہُک تواریٖخی کھولوٗ

ژوداہمہ صدی منز ٲس بکھتی سارِ سارِ ہے ہندوستانس
منز اکھ تحریکہِ ہِشہ شکلہِ اندر پھٲلان یہ کتھ ثابتہ کرنہٕ خٲطرٕ ضرورت گژھہ
تہٕ ووہنی آسنہٕ، بلکہ اَسہِ ہیکو یہ کانہہ تہٕ وایہِ ہرگاہ وٲسے وُچھتہٕ ساری
مُلکہٕ چیٖت ادبی کوشش اکھ اکس نکھہ اتہٕ ژینہ وفہ کہٕ ژھانٹھ سید یہ
تیٚلی گوٚو ڈانچہ لگیہ۔ مُلکہ اوس سیاسی لحاظ حصہ باگے کرتھ چھکرتھ تہٕ
شہر بتھ گوٚمے زِ ن مذہبہ لحاظ اکھ اوس۔ ذاژ باگے ٲس تمہ کھوتہ ہیٚنج یہرٲنہٕ
چھٚنے۔ مذہب اوس باسان اتھ باگیہ پوٚ چھصر دوان۔ اوٚہ کتہ پیٚیہ گوٚو نہٕ
مذہب ہیٚے شیر پارے کرنہٕ۔ مذہب مطلب دَرم یانے ہندو دَرمس۔ اوٚ
موکھ ٲس بکھتی ہنزِ تحریک اوٚلنہٕ ہیٚند کر درمس شدار کرنچ کوشش۔
ووہن گو یہ شدار ییٚتھے مُلکس پٲٹھ بنیو۔ اَتھ گیہ بیٚیہ بیٚیہ ذمہ وار وجہ وابستہ
تہٕ خاص کر شمٲلی ہندس منز واریٹھ پوٚو اتھ پتھ واریہ فیرا اوٚن تہٕ مسلمان
مذہبس سیتہ پیٚنیس توٚلقن ہنز نوٚعیت وایتیچ کرنہٕ۔ کشیر اندر ییٚتھے
للہٕ تہٕ شُرسزایہ تیٚلہٕ اُس یہ تحریک شمٲلی ہندوستانس منز باضابطہ
صرزہنز۔ تہٕ یمن دون شاعرن ہُند زبوٚن تہٕ پرٛتھن ہیکوٚ اسہِ نیٚبلہ

اندر کرٕکھ نہٕ۔ نہٕ سَپدٕ نہٕ۔ بے انتہا بےوٗ وجوٗد ووٗ نہٕ دِسہِ یوس اکٲسے تصوٗر
نہٕ کرٕ ڈینہہ کیہہ (ہندوستان ہیتھ) لُکو عبادتہٕ تہٕ پوٗز مگر یکھتی خاطر
پیوسہ ووٗجوٗدس اندر اَتھ تیتھہ ڈُنیہہس اندر واتُن ییُس تمی کو نہٕ تصوٗر
کمتھ چھینے سیٚمن۔ اگرٕ سے لول انسٲنی عمل چھُ (چھُ تہٕ جنوٗورَن)۔ کانٛہہ وینہٕ
زِندٕ دا صاحبن کیٚاہ تصوٗر وِ اِنسان تیتھ جذبہٕ سیتی یتھ تُھنٛد ۔ ادٰسہ
سہ جہ مہ لول وٕنیتھ ہیکو۔ یا نہٕ تصوٗرن ہنٛز محکم بجا ٲنہٕ ناوِنہٕ خاطرٕ یا تہٕ
شاید پننہٕ دِل بہلاوٕنی خاطرٕ۔ تس کانٛہہ زُوک اوس نہٕ۔ تس کانٛہہ یہِ مٔن
بے لاگ جذبہٕ اوس نہٕ۔ جنوٗورَن تہٕ اوس نہٕ) تیٚلہ روزِ یہ عمل
انسٲنی نیٚمی تاثیبا۔ یہِ روزِ انسٲنی حدن اندرٕے ممکن تہٕ انسٲنی امارٕ
ہندس واتھ کڈنس سیتی کڈٕ واتھ۔ کُہ بٲسہِ بکھتی ہیکہ نوٲ پیٚچ قسمہٕ اُسیتھ
۱۔ بوزنہٕ ۲۔ کیرتن (بحث) کرنہ ۳۔ یاد کرنہٕ ۴۔ خدمتھ کرنہ ۵۔ پوٗزنہٕ
۶۔ نمسنہٕ ۷۔ غلامی کرٕنہٕ ۸۔ دوٗستی کرنہ ۹۔ عرض داش کرٕنہٕ سیتی
ہیکہ بکھتی ظاہر کرٕنہٕ یتھ۔ یہِ اوس ہینٛدی شاسترن ہُنٛد موقف۔ جیٚن
شاسترچ بکھتی تیتھ علمس وَنان ییُس آننٛد دییہ۔

## ۳۔ صداقت پیٚچ وٕرن تہٕ تہٕ تُلُن۔ اکاسے کوٗشش ملک گیر

وحی کینہہ اُسہِ تہٕ ووٗ بخشمت یا لُکہٕ رِوایتن منز اُسہِ تہٕ وقہٕ مقبوٗل
پژوٚمُت، یتھ کانٛہہ مذہب چھُ شوٗعوٗری یا غار شوٗعوٗری یا اُتھ شید بٕ
گژھان آمت تہٕ کیٚاہ زِ انسان چھُ تبدیل گژھان وُن۔ وہنٛد گو فرق چھینے
ہینٛدی درم چھینہ دیوار بیٚنٛد مذہبا زِ جادی شیریا اُرٕسے شید پَس نہٕ۔
قدیم طرزِ زندگی بنے یہِ آیچ رِوایتھ تمی منز دُرایہ قائمہٕ تہٕ تہٕ قوتوان تہٕ۔

یا عبادت یِتھ کیٚنہٕ تہٕ بٔکھتی۔ بٔکھتی وِزِ چھہ ماے یا عشق اَکھ ضروٗری عنصر
آسان۔ تہٕ ماے یا موہبت کرنہٕ وِزِ ہیٚکہِ یانٛسَس تہٕ بگوانسَس اندر سوٗے
تفرقہٕ مستم گژھتھ تہٕ موٗلوٗد ما لیس ماجہ یا پیس نیچوِس غرض کانٛسہ
تہٕ مانٛژس ہیوٗہ مِنتھ بٔکھتی کرنہٕ وِزِ چھُ یا ما مشتھ ہیکان جسمٕ مشتھ ہیکان
جرف رُچھے رُچھ روزان تہٕ بیٚچھ جسمس عشق تیٚلہ یا پٔچھلہٕ جسمے بیٚنہٕ سانہٕ
توجہٕ مرکز۔ مگر جسم بطورِ انسانی جسم۔ رنگ رییہِ کنہٕ، خدا ژٕ پیٚتہ رانہٕ
رکنہٕ، مذہب تہٕ عقیدہ کنہٕ تواریخ تہٕ جغرافی کنہٕ مختلف گانٛہتہٕ انسان تہٕ
چھرا انسان۔ نہ کانٛہہ پرٛوٗد نہٕ پان۔ چونکہ بٔکھتی خاطرٕ چھُ موٗلوٗد تُوٗلھ نِنا
تہٕ ژٕوٗلھ ہیٚکہِ موٗل مانٛج بوٗے یا نیٚچُو آسِتھ اَدٕ کنہٕ چھُ ہندستانی انسان
بٔکھتی ظاہِر کرنہٕ خاطرٕ دا اے مُشد روٗپ موٗل مانٛج بوٗے نیٚچُو بیتر
دُنیاوی رشتو سٕہتی مجوٗہٕ ہت تہٕ اَوٕے چھُ خداے شکل اختیار کران تہٕ
مانٛژس بٔکھتس لری لۆر انسان بٔنِتھ ییوان۔ کانٛسہ زیوان تہٕ کانٛسہ مران
ییہٕ تہٕ ہیٚکوٗ وُنِتھ زِ انسان چھُ خودایس پننہٕ زندگی مُشر نادتھ آنان۔
تہٕ تس انسانی نوٗکٕ مرٕ ژٕوِہ ناوان۔ آخر تس اَبدی ’نہ زاو‘ تہٕ ’نہ مرٕ‘
خدا میٚنِتھ تہٕ کمٕہ دِژٕ آنس؟ انسان نِیے لتھرٕ یوٗدوٗ سہ تہٕ انسان ہیٚکہِ پس
پننہٕ حسبہٕ پانس نکھہ بیہہ ناوِتھ تہٕ۔ یہ بحث چھُ بٔہوٗن زِ انسان تھٕرا
تتھ کِنہٕ انسانن نھٕرٕ سہ۔ اَتھ بحثس ووت دانِشس وَرٕن ساسہٕ بَدی وٗری
لگِتھ۔ مگر یہ چھے حقیقت زِ موہبت کرنہٕ خاطرٕ چھُ انسانس ماشوٗق
بکار تہٕ ’نہ زاو‘ تہٕ ’نہ مرٕ‘ ماشوٗق یا سپوٗلس فِطرتہٕ پیٚٹھ کیٛاہ تانی۔ سہ
فِطرتس اندر وٗالِتھ تس موہبت کرنٕے گژھ بٔکھتی کرٕنی۔ مطلب چھُ نہٕ زِ
ییس ما فوق الفطرت رٔٹتھ اوس تس کُن کیٛا ییہٕ نہٕ بٔکھتی کرنہٕ یا ہندستانس

دوہیہ برٛزرٛ لبنھ تہٕ صداقژ پیٹھ ہیکہ ؤرنیاکھ تہٕ تہٕ تلنہٕ یتھ اُکرٕ
کوہ سیہ صداقتھ چھےٚ انسانی ارتقاہس نیش اُخری؟ امی سوچن تہٕ
موکھ ؤزھ بھکتی ہٕشرٕ یہٕ ملک گیر تحریک ہندوستانس منٛز امہٕ زٕنگو۔ امی وقتہ
کیٛازٕ؟ شوٛروٛ گیہے یہٕ نوٛی مہ صدی منٛز جوٛ نوٛبی ہندس منٛز۔ شمالس تانی
واتان تہٕ بھاگلان لنکس پانژھ ہتھ وری۔ امی ورٕ دوران تنتھی یمن اوٕ کیٛنھ
تہٕ کیٛازٕ اوٛ تانی اگر اکی مذہبکی تضاد شیرٕنی اسن، دوٛیمی پیٹھ بیاکھ
تہٕ بیٛتھ تہٕ یمن دوشونی ہند عمل ردٕ عمل تہٕ پیوس و بیتراوُن تہٕ گیہ حیابٕ
ماننایہ یاتھ نوٛ موجود۔ شاعری اندر کرٕ امو جایہ جایہ نوٛی گوہ نہ ماتھ یاد۔
پنجابس منٛز نانک، منٛز ہندس منٛز کبیر تلسی سوٛرداس، جایسی، گجراتہٕ
کیٛنھ نرسی تہٕ میرا بائی، بنگالہ بہار طرفہٕ چنڈی داس تہٕ ودیا پتی، تیلگوس
منٛز ویرشیو فقار شاعر، تمل نادس منٛز کمبن بیتر شاعرن ہند یادٕ گرٕ چھ
چھ امہ کےٚ نتیجہ۔ کشمیر منٛز للہ تہٕ شیخ نورالدین تہٕ ہیکو کھ اسہ اُتھو
ہانکلہ گنڈتھ۔ یتھ کنٛھ زن بروٛنٹھ وون، بھکتی ہٕشرٕ تحریک اسن
ملکہ کیٛن تہٕ مقامی وجہو باوجود سپٕز امہ جوز ذرس ملکس منٛز انی اکمانہٕ
شاعری یتھ تحریک کیٛنژھا یہ اس زٕ آریو بروٛنٹھ پیٹھ چلان آمٕتس
ہنہ شاعی طرزٕ فکرس اوس سُدھار کرُن تہٕ کیٛنژھا یہ زٕ سماجی کیہو سیاسی
حالژ دیت نوین رہنماہن، نوین جینس زنتم یمو صداقتھ براوٕ نکو
موٛلہ (طبع زاد) تجربہ کرٕ۔ پننیو تجربو بایہ کھ تہٕ لکھ ینہٕ تراہ سوچ
نایہ کھ۔ آسمہ ڈرایچہ رؤدا کوے، آریہ درمک وٕ توس یا ہیٛندی مذہبک

## دوٚ نائن ہرے یہٕ بیاکھ نٛظر

بھکتی ہٕشرٕ ویرشہ نے رہ تو تانی ادٕ یو تانی تہٕ یہ وچھنہ

اِسلیے اگرچہ اَسہِ وُچھو بُچھت وِزِ یوسہٕ شیرِ پارٕ رٕسے اَتھ سپُز سوارُش
گوہ ڈُنیچ۔ اد یہ سپُز اَکس بیٚیس بدٕلس مَنز ہیٚس سیٚتی روبرو ییٚنہٕ وِزِ اَکہِ
رِکنہ چھُہ یہ اہم۔ نتہٕ اَسہِ اَتھ وِزِ وِزِ ترمیم سیدِ یمتی تہٕ بہلہ پایہ مُفکرن تہٕ رہبر
وُتھی میتی۔ نوٚوی ہیٚندی مَنز کرٕ گوہ ڈُنیچ کوشش شنکراچارین ذاتہٕ بۄز
تہٕ لوہ ژُر ختم کرنیچ۔ یِم اَسہِ جنوٗبی ہِندُستانکہ۔ جنوٗبی ہیٚندکی راماٗنیچ
مدھو، وشنو سواُمی تہٕ نمبا کاچاریہ وُتھی یمتہٕ تہٕ شنکرن ہٕند اَسہِ ووتہٕ تعلیمہٕ
کیٚن ہٕندہ اِنضاد کرٕی تِہُند دور۔ تِہِندبارکت آیہ یہ یمتہٕ شُمالی ہیٚندس کرُ۔ - اَتہ
وُتھی یِمتہٕ ولبھ آچاریہ تہٕ رامانند آچاریہ۔ کشیر منزٕ ہٕند شیومت اوس
شُمالی ہیٚندکیس (دکشن بنارسہ کیس) شیومتس سیٚتی جوڑہٕ تھ تہٕ یَتھ بِکو
آچاریہ اُتپلا دیو، سوم دیو، ابھنو گُپت تہٕ ہیکو کُھہ اَسہِ اَتھ منٛنس
منز گنز رتھ۔ بنگالس منز چیتنی داس ہیتی مہا پربھو، آسامس منز
شنکر دیو، مہاراشٹرس منز چکردھر، گیان دیو، نامدیو، تکا رام، پنجابس
منز نانک دیو بیتر اَسہِ دراَصل تِمہ مُلک گیر تحریکہ ہٕندی رہبر۔ یِمو
آچاریو دِتی وِزِ وِزِ غیبا دتکو نوٚوی وَتہٕ یِمو وَتہٕ گژھ ہتھ۔ کیٚنژن ہیٚندین
تراوُن تہٕ مریدن ہٕنز لاین رٕٹ۔ یِم رَو دی۔ اَکھ اَکس مخالفتہٕ کیٚنژھا
اَکھ اَکس بزرٕ تہٕ کران۔ مخالف اَمہ رنگو زِ اَکہ عقیدس سیٚتی یوسہ خامی
ووتہٕ تعلیمہٕ اَسہِ سوہ گیہ بیا کھ تعلیمہ پتہ ختم مگر ترمیمہ تہٕ ہیٚکہ ترمیم گژھ ہتھ
یہ چھُہ یاد تھون لایق زِ مول صداقتہ اَس نہٕ اوکہ روٗپ۔ اُپنشدن
اوس مونمُت زِ انسانی دانشہ ہٕند جستجو ہیٚکہ صداقتہ پنٛنہ پنٛنہ رنگہ
پرزناوِتھ۔ صداقتہ چھےٚ اَکے۔ پوٚدوے یہ پوز چھُہ، تیلہ چھُہ یتہ پوز
زِ یہ ہیٚکن سمجھدار واریاہ رنگو پرزناوِتھ۔ تجربو ہیٚکہ دوہہ تہٕ کھعۄتہٕ

ہِنٛزِ بُکھتی نِشِ مَنٛدٕ ہِنا ہیٚوٚن۔ ویشنو گَے تِہُنٛز میٚم مُلہٕ تَلہٕ خٔتم وٕلسے
سِینٛدِس انسانی رُوٗپس وِپرٕھنے کرٛان چھِ لُول بٔران چھِ تہٕ تِمٕس نِیٖتھ
ڈٕزِ یِمِس سٟتۍ نزدیکی تعلق مانان چھِ۔ تِم چھِ خۄدایہٕ تجربہٕ تہٕ ختم داے
فلسفہٕ یِمی مجازی وِیوہار تہٕ رِشتو ذٔریعہٕ وِپرٕھنہٕ وان۔ ہِنٛدُستانس
منز گۄو یہٕ فلسفہٕ خۄبُو نۆوِس منز آلوار بٕکھتیو دٔسِ شۆورو تہٕ شمالس منز
تتہٕ نِش جاداہٕ مقبول یِینہٕ شیومت پٔنِنۍ پٔرٕ شکلہِ وۄنِمت اوس یِکبار
شمالس منز اوس اٹھمہ نوٚیمہ ڈٔہِمہ صدی منز شیومت بوٗدمتس سٟتۍ
دٕنِکھہ دونکھہ منز وَوٕنی تانترک شکلہِ منز تبدیل گومت۔ اوہ کینہ نَو ب
لۆکو تن فہرستہٕ منتِھر موجزاتی سادھناتہٕ یوگ ابیاسہٕ چھِ مُشکل وتہٕ نِشہٕ
نجا ہتہٕ تہٕ ویشنومت بیتھ منز بکھتی ہیرتی، یا دٕ خۄدا، ذِکرٕ خۄدا، ہِشہٕ سہل
وتہٕ آسہٕ باسیو کتھ جاداہ وہنہٕ ووٗن لَلہٕ بٔروٗنہہ اوس کٔشیرِ اندر تہٕ شہرتہٕ
منتِھر زورس پیٚٹھ، یِمہِ یتھ شوٗبو تہٕ شستی کٕشٹھ مُشند جہانگے پرکاش
چھُہ۔ ابھنوگپت، اُتپل دت تہٕ سوم دیو ہِیۍ عالمؤ اوس یِمینہٕ بہت
بارسس اونمت۔ لَلہٕ پیٚٹھ چھُ امہٕ کُنہ اثر، مگر امہٕ سٟتۍ گٔژھ نہٕ یہٕ نتیجہ
کڈُن زِ سعاوس ویشنوون نِشِ سیٚٹھا ہیوٚن تہٕ اوٚہ کینہ کتھہٕ کنز ہیکون
سوٚ بکھتی ہٕنٛزِ تحریکہ سٟتۍ جوڈتھ۔ بےشک تس پیٚٹھ چھُ شیو تشیرن
ہُنٛد وار یاہ اثر مگر نِیلہٕ وِہِ ہیٚسہ سوٚ تتھ انداز منز واتھ یِتھہ منز ماباے
ہِنٛدُستانکۍ شیو تانترک مشلن بہار تہٕ بنگالکو سیدھہ چھا بِنکو ناتھہٕ شاعر
وٕنان آسۍ۔ تِم چھِ یو گہٕ چن گِتھ پچھن منز راوان تہٕ بالسٕ ککن تیتھ تجرباتی
زِندگی ہنٛدہٕ حٔشالی تارکھہ صرف موجزٕ یاداہ کرتہٕ خاطرٕ نمان۔ تِم چھِ امہٕ
کینہ باضنے ناصحح یا یوگی یاتی روزان تہٕ پننہٕ یوٚگ تجربن ہنٛز صحیح

پیٚتہٕ ز یِمہٕ ہِنٛدِ کہ دَرمس تبدیلی آنان آنان تِمَو اِسلامَس ہِنٛدۍ بوٚڑ مذہب
یوٚت آو بٔجھی ہِنٛزِ تحریکہِ گۍ کانٛہہ ماہیاٲتی تبدیلی۔ مےٚ چھُنہٕ باسان
گژھان۔ تواریخ دان چھِ وَنان زِ اسلام ہِندوستان مُنٛز چھُ اَکہ بجہ تبدیلی ہِشد
سَبَب۔ اَمہِ چھُنہٕ کانٛہہ شَکھ۔ سیاسی سطحس پیٹھ کوٚتاہ وٲریہ چھُ پیٚتہٕ مُلکہ
آمُت یہ نٔنیوتیٚلی یتھۍ یتھۍ کیٚن لَڑٲیۍ نِن راجن مُنٛزی وَلتہٕ کَڈِتھ مُسلمان
سُلطانن بڑو نہہ بڑو نہہ پٔکۍ تھ ہِنٛکہ۔ سماجی لحاظ کوٚتاہ رِینو مُت چھُ تہٕ
نٔنیوتیٚلی یتھۍ اسلامَس بتھیوٚن فاؤٹن ہِیشِدِ گکھا اَنیتھ اَکی سے
سبہٕ بہہ ناگرِ یتھ کھٔشیاوِ مِچھاوِ تہٕ اَکرِ سے مَنعہٕ نماز پَرِ ناوی۔ اَکہ طرفہٕ
جنگ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ مذہب بدٲلی۔ یِمو دوٚیو واقعو آسہٕ تمہ وِزِ سارِ ہوٚے
مُلکس زندگی ہندِس پرتھ پہلوہس تَچھُن تُلمُت۔ مگر بٔجھی اَسہ سہٕ
سیاسی تہٕ نہ سماجی تحریک۔ یہ آس نہٕ اسلامہٕ طرفہٕ لکھہ بدل محاذس
پیٹھ وفادار بناونہٕ خٲطرٕ شوٗرو کرنہٕ آمٕژ۔ یا ہندو دَرمُک لکھہ پنٕنِس
محاذس پیٹھ استادٕ تھٲونہٕ خٲطرٕ چلاوٕمٕژ۔ اَتھ اوس نہٕ اَمہ وقتہٕ کیٚنس
قسمُک سیچانس سیٚتۍ کانٛہہ واٹھ، اَمہ سیٚتۍ پیٚتہٕ اَتھ اثر پیوٚن چھےٚ وَکھر
کنُتھ۔ تیٚمیٚتھ اثراہ پیوس نہٕ مگر یِتھ اَسی ماہیاٲتی تبدیلی وَنو۔ اَمیُک
رُوپ اوس بڑو تھٕزی یوٚ ناہ وٲسی ز یہ ہُرِیو اَتھ بیاکھ رو سے۔ زیتہ
اَس نمہ نُمتھ روٚسے بڑو تھٕزی نطادان یہ گوس بہتۍتھ۔ اَتھ اَسی پیٚتہ کیٚن
دیوی دیوتاہن ہِنٛدِ کہ یاگھ بےشمار کٔلہ نہٕ بجھو تہٕ ترٕ۔ بیٚیہ اگر ہُرِ سے مَتیٚن
اَکھ تمہ سیٚتۍ ترووُ نہٕ اَمہ دٕپی ہِشد روٗپ۔

## ۵۔ لَلہ کوٗر شیوس لٔلی لٔلو ز تہٕ اَس ویشنو

اَکھ کتھ چھےٚ یاد تھٲوٕنۍ ضروٗری کہ لَلہ ہِنٛز بٔجھی چھےٚ ویشنو

آلوٚ دِتُس حٔرٕ ج. سو چھُنہٕ تٔمِس "بٔشو وا کیشوٗ وا زِٕن وا کملہ ناتھ"نٔہ ونان. نہ صرف کرشن رام (کیشو) بلکہ رِچت (مہاویر یا بُدھ) تہٕ بٔرٛہا (کملہ ناتھ) تہٕ۔ آخر سوٗیہ گٔیہ پچھ تہٕ ناو بدل بدل دِتہٕ سِتھٕ کوٚہ سہٕ فرق پٮ۪یہٕ؟ ہِندوٗ سٔتو تانترِک دٔہاکٕن ہٕنز پیرِ چھُکھ۔

## لل تہٕ ویشنوٗ بھٔکتی

لل کتہٕ چھےٚ ہِندوستٲنی (ویشنو مٔتس) بھکتی تحریکہٕ سِتھٕ رلان یہ وُچھہ ہاو۔ پتہٕ ییہِ ہہٕ وُچھنہٕ زِ باقی بھکتی شاعرن ہیوٚ اسلامکہ اثرٕ سِتھٕ پٮ۪تہٕ زن پنکُھتس لیچک آسی تہٕ آمیک داماہ وہرو پٮ۪یہٕ ہُنا تمن سِتھٕ کوٚہ سہٕ مطابقت چھےٚ اٰسہٕ۔ لل چھےٚ دٔیِس کُن وَنان۔

گگن ژٕ ے، بوٗتل ژٕ ے
ژٕ ے دِن پَوَن تہٕ راتھ
ارگ ژنٛدن پوش پونی ژٕ ے
ژٕ ے چھُکھ سورُے تہٕ لٲگِز کیٛا تہٕ؟

سوٗر داس چھُس ونان:

جیاٛنہٕ ورائے کتہٕ لیہٕ میوٗن بنے سو کھٕ مٕن
جیانا وار پچھتہٕ کنہٕ جہاز پیچھہٕ ودِتھ گژھ تہٕ بٮ۪یہٕ پھیٖر پھرِ و
ہلوٚت پچھتہٕ جہاز س گٔیہ

تُلسی داس شُدعقیدٕ چھُہ زٕ

پُتھ دُنی یُہس مثر چھِہ سیتا تہٕ رام نٔتہٕ ۂتہٕ بسبتھ
ہُہ چھُس گگُ زٕ گنٛڈِتھ تمہٕ یٔزنام کرٛان

شاعرانہٕ باوَتھ کرِ ہیکِتھ نہٕ ہیکان۔ تہٕنزِ شاعری چھےٚ پَتہٕ معمہ (موٚہمہ)
کُمانان تہٕ بوزن وول چھُ راوان۔ لَل چھےٚ تہنٛزِ ہی تجربہٕ تہٕ کران مگر یِہ چھُ
تجربہ اعلیٰ شاعرانہٕ میچھرِ سان کرِتھ نہٕ ہیکان۔ سۄ چھےٚ میشواٗ سمنٛدٕ تہٕ ویشنو
آسے رٕٹان۔ یَس چھُنہٕ بالہٕ گۄپال آنگنہٕ اندر گِنٛدان یا سۄ چھُنہٕ گرشن
کنہیا ہَس سۭتۍ راس گِنٛدان یا نَس چھُنہٕ خود آسے تجربہٕ برآمہ سۭتۍ
شیرین کلامی بوزِتھ سیدان مگر تسنٛد شو چھُ نہٕ کُنہ پایہٕ ہیمو وصفو تِتھہ
ہُرا۔ تَس زَن چھُنہٕ رنگ روٗپ تہٕ زَن چھُنہٕ مُرٛتہٕ شکلہٕ نمۍ ہاَن چھُنہٕ
انسانٕ زندگی وہترا ؤِہِتھ مثالہٕ نہٕ اَوِہ شیٖتھ میٖٹھ سۄ فریفتہ گژھِہ
مگر کاشرِ شیوٗ مِتیجہٕ تشریحہٕ چھُ تہٕ اکائیت ؤنِتھ نہٕ گَنٛڈ گنٛڈٕ (جِسمہٕ جِسمہٕ)
اندر مالو بۄد تھووٗ مِت۔ گرا چھُس یُنٛدرت نِتھ نیٖنی گرٕ آسان گرِہستھ
گرٕ بیچھرُ سِنہٕ خاطرٕ نہٕ گرا چھس پوٗت زِوِنہٕ وۄ یِتھ بولہٕ ناوان۔ لَلی لَلو
کران الَس نزناوان۔ ویشنوٗن ہُنٛزِ شاعری ہِنٛد میچھر چھُ اَتھ تجبر
گاشہٕ شیوٗ مَنت نہٕ ما چھُ اَتھ اَکہِ وِچھ۔ اَوِے ماوُنو آسو زَلل ہیٚکہِ اَسہِ
ہِنٛد ستانٕ بکھتی ہِنٛد بکہِ ہِ بھیُس میٖٹھ بوزِنہٕ یِتھ، تِتھ اندر غوطہ
گۄبان تہٕ۔ مگر یِہ آسہِ صرف غلط فہمی۔ ہِنٛدُستانٕ بکھتی ہُنٛزِ تحریکہٕ اندر چھِہ
ویشنو شاعر تہٕ تہٕ تیم تہٕ ہیم ویشنواٗ سۭتۍ تہٕ مگر ہیمو ویشنو مقبولیت ہُنٛدِ
ہیٚکہٕ پاد ناوِ مثلن کبیرس تہٕ نانک۔ کبیرن وۄن یِتہٕ نِس موٗد سَس رام تہٕ
نام چھُ تہٕ۔ حالانکہ یِہ رام چھُنہٕ ویشنو رام تِمہِ تشنٛد رام تہٕ یِہ چھُ
تمہٕ باسہ تِہنٛد اَکھ ہاوِیس مقبوٗل اوس تہٕ کبیرن نیوٚ۔ آخر تشنٛد زیادہ
اثر گۄو اوس تہٕ ویشنوٗن نشہٕ ہیوٚن یِتھ پیٚاز راشس سۭتۍ تمہٕ ملی کاٹھنہٕ خاطرٕ
اثر تمہٕ ہُنٛدِ تمثیل تشنٛد تلمیح۔ لَلہٕ تہٕ چھُنہٕ شیٖوس بیٚہِہ بدل ناوِ سۭتۍ

تہٕ کیٛاہ زٕ گوٚرٕ سٕے اوس گیان دِنُک آگُر۔ تَمۍ سٕنٛد شبدٕ اوس

دِنہٕ راوان۔

گوٚرٕ سٕنٛد وَنُن راوتھ تیٚول پیوم

بیٚیہ اَکھ ویشنو شاعر سٕنٛدر داس تہٕ چھیوی اوس تمۍ گوٚرخٲسوس

کوٚرمُت۔

گوٚرس وراۓ نہٕ دیان

گوٚرس وراۓ نہٕ گیان

گوٚرس وراۓ چھُنہٕ آتماہس وِچار زانُنہٕ یِوان۔

گیان چھُنہٕ صرف تپسیا تہٕ سادنایہ ہِنٛدِس ذٔریعس منٛز سے یوت اَہَم بلکہ بھکتی نِش چھُنہٕ پتہٕ کیٛاہ نس تہٕ بھکتی فرقہٕ دوزان۔ تُلسی داس

چھہ وَنان۔

بھکتی تہٕ گیانس کانٛہہ فرق چھُنہٕ۔

دوشوٕے ہیکن دُنی بھَوَن اندر لاریمتیو دادیو ٹیلرٲوِتھ۔

باقے گوٚ عشق۔ بھکتی چھےٚ اَکھ پیٛٹھ دٔرِتھ۔ بھکتی سے

عشق حقیقی آمہ پوٚز بیٚیلہ موجود۔ اَسہٕ ہیوٚکہ نہٕ اَسہٕ منٛز تہٕ اَسہٕ نِش تہٕ

دٲرِتھ رٔٹِتھ ہیکیہ۔ ہِنٛدُستانچن ساریٚنے زبانن منٛز آو رام تہٕ کرشن

سٕنٛد عشق وَرٕچھ وٲرِنٛجہٕ بیان کرنہٕ۔ تمیاز قریب کُنتُو ہیمہ صدی تام

رٲودی رامایَن تہٕ مہابھارت یا بھاگوتھ ساری ہِنٛدُستٲنی ادبُک سرچشمہ

شُمالی کیتھ جوٚلوٚ بی ہِنٛدی کِس ادبس منٛز رٲودی شاعر یمَن ناوَن مشتو

گرنٛتھ لول برٲن۔ بنگالس منٛز چھے دیو تہٕ چیتنیو مہاپربھو راجستھانس

اندر میرا بائی، برجس منٛز سورداس اَودس منٛز تُلسی داس تہٕ جوٚلوٚ بس

لَلہٕ تہٕ اوس نایی باسیتھ مُت۔

تتیٚلہٕ لَل ناو دْرام

بیٚیلہٕ ڈٕلی ترٛاوِی مَس تتھ

اگرچہ لَلہٕ ہِشو باسیوٚز ہِشلہٕ ہِشلہٕ چھُ روزان ہیٚنٛدٕس تہٕ مُسلمانس کانٛہہ فرق چھَینہٕ یِی اوس اَمہٕ وِزِ حالاتٕکہِ اثر۔ تیمَن تحریکن ہُنٛد تہٕ لُب لُباب ییمَن مہاتیو بھاو تہٕ ورکری عقیدٕ وَنان آسِو۔ ییمو دُنیاہٕ ناماوریو گورا جوگا پرمانند تہٕ چکرِدھر ہِوی شاعر زٲوِ۔ لَل اُس شیوی مگر تمسی اوس وِشنو۔ تمہِ کوٚر ییتہٕ تٔس رام چرِت مانس ناوچہ رزمہ اثر۔ شنکر تہٕ پرماتس تیٚتھے ہِشی قایم زِ کانٛہہ گوو تہٕ کانٛسہِ ہینٛدٕ کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ نہٕ روٚد ییمَن بین کانٛہہ۔ رام چرت مانس تنظیمہِ مثیر کتھ چھ شنکر پاروٗتی کٕتھ وَنان۔ ییٚلہٕ پاروٗتی پرٛژھان چھَس ییٚتھ کلہٕ یوگس منٛز کیاہ چھُ پایی اُلکن بچنُک پاسے۔ دپان چھُس یہاے کتھ بوزِتھ تہٕ رام ناوٕ زین چھُ اَکھ پاسے۔ تہٕ ییتہٕ ییٚلہٕ رام کتھا برٛوٚنٛہہ پکان چھےٚ رام جی ییٚس چھُ سمندرس ترٛن آسان۔ شہ چھُ شنکر پٔتر پوٗزا کران پرامیشوٗرم شدرٕ بگھس مِلچھ دِراحیل چھُ تمسی تمہِ وِزِ راٗیچ کرِتھ رام تہٕ شنکر بکھتی ہُنٛد بین کانٛہہ پرٛژھان۔ اوے چھُ شنکرس مُتعلق وَنان (رام جی یَس پرتھ وانہٕ وان)

شنکرس یس نہٕ مانہِ تہٕ ییتہٕ وَنہِ زِ میون بکھت چھُ

شہ انسان لَبہِ نہٕ مےٚ سوٚپنس اندر تہٕ زانٛہہ

لَلہٕ اوس گُروٗس سیٹھا اہم

گورن دوپنم کنُے وٕژن

نیبرٕ دوپنم اندر اٚژن

ہیوٚہ تِمہٕ ترٛون ہاہ تِمہٕ تووٚت

بێیہِ اومکار تایہ ذَرٕنٛس ہیچھٕ زور دِوان۔ یێمہ شٕہجرٕ تہٕ تھز گلہ تہٕ انام ایشر موہ ژٕ۔ سوہ تہٕ چھنہٕ یوٚنٛگ کرِٹیا وٕکھنان یێمہ انسان پانہٕ پٔرم گٔچھتہ پرٛاوٕ۔

مێتھیا کپٹ اَسیتہ ترٛووُم
مَنٛتس کوٚرُم سُے دوہ پێیش
پینچایک حُسین چھُ ونان۔

اہنکار ترٛاوٕ
اِنکسار پرٛاوٕ
خود غرضی سیتی لێکہ کیاہ

کبیرٕ سُند قول چھُ۔

ٹوٹھ لَیہ ہَن مُچھتہ ہیچھٕ نہٕ پَردٕ تُلیتھ
گُنڈٕ گٔتھ چھُےٚ شہٕ دَے روزان گُنڈٕریو وٕژن مہ سأوِن
دِیہٕ تہٕ جوٲنی ہیچھٕ کیٛشتہ اہنکار یہ پانٛژٕ ڈُگو پھیرن چھےٚ اپٕرٕ

ملک محمد جایسی۔

ژھوٚت دوہ ہن ژھووُ ہتہ یہ شہہ
دوہوٕ کتژن خود ایس سیتو ۔۔۔۔
اوٚن مہ یَن روز نگاشدار
ییٚمہ ہنوٕ کہہ ژٕ پژ زناوٕن ۔۔۔۔
پہنٛنے کنۆ گال سفر پٕژن
خوش گال شرٕ ہُرٕ بٲییہ غوصہ مٕ وال پان

شر کمتن تیاگت راج بیتر سارے اُسی آمہ عشقکو دیوانہ۔

لل دید :

لولکہ وۄکھلہ واہ ژیچ پیشم

کوہ کل ژاچم تہ رکۆ زیس رسہ ....

لل ہۆ دزایس لولہ رسے

ژھانڈان لوسم دین کہو راتھ ....

سور داس :

ہیم ساپنہ اُچھ چھیۓ دیہ ییندر درشن چھپہ چھپ ....

اُدھو جی ! من ماچھ دۄہ باہ آسان

اَکہ اوس اَسہ تہ شہ کیٛو شیامس سیتۍ ووہ ذکس کرِ

ایشر ہۆرن آرادھنا؟

## ۷- اسلامی بھکتی تہ للہ ہند ابیاس

یمو بھکتی شاعرو ہندوستانس اندر اسلامہ چہ صداقژ ہند میچھر ژینیتھ پتہٕ یمن دۄن دھرمن اندر یکھت ژھونڈ تمن اندر اُسی کبیر تہ نانک ہی گیانی ، فریدؔ تہ محمد جایسی ییس ہی صوفی۔ لل یوٚد دے پراونہٕ خاطر یَنہ نس مَنش اندر ژھانڈوی تہٕ یوگ سادن ونان۔ پچھے نانک تہٕ کبیر ہ چھِ تی ونان۔ لل چھے ونان۔

نا پستانہ چھیے پرکرتھ زلونی

ہندس تام یتیہ پھان وُنہ گوات

بر ہمانڈس ییمھ سیتۍ تاوٕ وَہہ ہوی

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# لل دید تہٕ نُنٛد ریٚشؠ

## (اکھ تقابلی مُطالعہ)

لل دید تہٕ نُنٛد ریٚشؠ دۄشوٕے چھِ کٲشِرِ ہِنٛدِ رۆحٲنی
گاشرِ مُنارٕ زانٕنہٕ یِوان۔ یِمَن دۄن بُہلہ پایہٕ صوٗفی شٲعرَن ہِنٛزٕ یِمہٕ
مُشترکہٕ کرامتہٕ ماکارٕ پٲٹھۍ کٲشِرِ ہِنٛدِ تۄارِیخِ کِس ڈیکس لیکھتھ چھے
سوٚنۍ گیہِ شارٕ ذاتٕ (ہیٚتھ) مُواد (موضوعات تہٕ مضامین) بیٚیہ آہنگہٕ
رٕنگہٕ مشترٕ مشترک باس دِنہٕ واجینۍ یِہِنٛزٕ کٲشِر عرفٲنی شٲعری ہِنٛزٕ
تخلیقی کرامتہٕ یانی عرفٲنی شٲعری چھےٚ سہٕ موضوع یتھ پیٚٹھ تقابلی
مُطالعہٕ کرنس مضمون لیکھنک سلسلہ پێتمیو دۄہو ورییو پیٚٹھ پیوٚو
سنجیدگی سان تیزرُن تہٕ بروٚنٛہہ پکُن ہیوٚتُن۔ یِمَن دۄن ہِنٛدِس شخصیتس
اکھ اکس لۆب لوٚرٕ ؤ چھِنکو تہٕ یِہِنٛزِ شٲعری اکھ اکس مُقابلہ سام ہیٚنگو
موضوعی شعورٕ وعات یوٚدوٕے بابا نصیب الدین غازی صٲبنہٕ دُستٲیہ
نیٚتہٕ ریٚشؠ نامہٕ لیکھن وٲلۍ کٲشِرِ ہِنٛدۍ پٲٹھۍ فارسی شٲعرن بروٚنٛہہ پکناوُک
مگر یُتھ چھُ پیٚوٕ زِ یِمَن دۄن شٲعرن ہِنٛدِس زٕل گامتس کلامس سنجیدٕ
زوال دِتھ تہٕ ژھین دِنک رجحان تہٕ ہیٚنٛدن رمزن انہارٕک تہٕ براتیک
شعورٕ تلِتھ پزٕ تاوُنک کانٛہہ معیار مُشخص کرُنک اما رچھُ جرف پێتھ میہ
دۄہو تریہو ورییو پیٚٹھ کالہٕ ہیٚیہ کتھان باسان۔ ادبی مادٕ آس شرٕ

پَتہٕ بیہہ وجراسن لاگِتھ
شُشتمنا تہٕ پٔنگھا نأڈی رٔژن رٕزٕ

ہیٚنٛدٕ ین تہٕ مُسلمانن تفرقہ دۆر کرنس مُتلق چھ لل، نُنٛد ریٚشہ ہٕندی باقٕی بیٚیہ دار یا بِہتہٕ ہِندُستانٕچ بکھتی شأعرن ہُنٛد دوٚپ کأفی ویوٚد۔ تمہٕ چہٕ مِثالہٕ دِنہٕ چھِنہٕ ضروٗر وَرتھ۔

## ۷۔ مِلرٕژ ازیٚچ ہنٛز یاد ترأوٕ للہٕ

پتھ کنۍ چھُ لل اَکہٕ ہمہٕ گیر تحریکہٕ ہِنٛز یادگار۔ یہ تحریک گٔیہ جنوٗبی ہِندُستانہٕ اٹھٕمہ نٔومہ صدی اندر شوٗرٕ تہٕ یہ اوس تمۍ سٕتۍ یارٕ ہُنٛد حِصہٕ یوٚس مہاتما بُدھ تہٕ مہاویرَس پیٚٹھے شوٗرٕ گأمُت اوس۔ ہیٚنٛدوٚ دَرم روٗد آگرٕ بدلان تہٕ نوٚین نوٚین کیٚنٛہہ تجرُبن جاے دِوان۔ اَمۍ مسلسل تبدیلیہ کنۍ روٗد دُرا یہ دَرم اَکہٕ ہمہٕ گیر تہذیب تہٕ تمدنُک روٗپ اِختیار کران۔ تبدیلین تہٕ اِنفرادی تجربن اوس اَمہ تہذیبہ کیٚنٛہہ ہِنٛز یادی مُنفکرٕ وگوہ ڈٕے دِوٚر تھوٗومُت تِکیاز تمۍ اوس اِنسأنی ذہنہٕ کِس بندیٚچ ارتقاہس پیٚٹھ پِژھ۔ ویشنو مت، شیو مت بیتر اوس اَمۍ ارتقاہُک اِظہار۔ یُتھے اسلام یور آو اَتھ ارتقاہس لوٗگ یہ تھوٗوٗرٕ بیکرٕ آیہ اتھ بیٚیہ وُستھ۔ اَمہ کرٕ کیٚنٛہہ عنصر قبوٗل ییٚتھ کُنہٕ اسلامن تہٕ کرٕ۔ ہِندُستأنی صوٗفی تحریکہٕ ہِنٛز شکل چھےٚ اَسہِ رٕژ مِنا بُتیون تہٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ تہٕ ابیاین مذہبی رِیاضتُک حِصہ ماتان۔ لل چھےٚ اَمہ امتزاجُک بہترین مِثال پیش کران۔ سو چھےٚ ہِندُستٕچ تحریکٕچ یادگار تہٕ اسلامہ کِس صوفیانہ خیالس تہٕ لر لوٗر پکان تہٕ کشیر منٛز آمہ تحریکٕچ ہنٛز یاد ترٲوان یوٚسہ نُنس پَتہٕ شیخ العالمؒ تہٕ صوٗفیو تہٕ ریٚشیو برٕ وٕنیہ پکنٲو۔

خیالاتھ مُشرآوِتھ اَکہ بڈوٗن اِنہار کیشرٕنٛ نوٕ کَتھ ہُنرٕ نِشاندہی کرٕتھ۔ یِمتھ
زَن یِمہٕ مضمونُک زُھوٗرُ نظرِ تَل تھوٗتھ تہٕ یِمَن دۅٚن شاعرَن ہِنٛدِس
شخصِیَتس تہٕ فنَس مُتعلق زُھوٗرُ ڈٕ پاہ ہُیُٛ کیٚنٛہہ۔ نوٚیہ شوان تمیٚنٛج وَتھ نٕٹو
نیٖرتہٕ کاشرِ زَبانہِ ہِنٛدِین یِمَن دۅٚن بڑٕین میمارَن درمیان لۭبنہٕ یِنہٕ وٲلس
ہشرس تہٕ بیٚنٛرس نِشاندہی کرٕنۍ کَتھ بیٚشیہ ہَن توجہ طلب بنیٚ۔ اَمہ
کتھہِ ہُنٛد چھُ افسوس زِ مضمونَس پیٚٹھ تُقریر زُھوٗرُ چھُنہ میٚنہ پٕرتھ
نوکتس تہٕ سٲرۍ تٕ دۅٚہشوٚز ہُنٛدِ کلامہٕ اندرٕ مِثالہٕ شامِل کرٕنۍ آمژٕ تھٕ۔ دۅان
لہاز اکرٕ کم کھوتہٕ کم لفظَن منٛز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کتھن بحث طلب
بناونہٕ خٲطرٕ گوڈٕ یِمَن دۅٚن شاعرن ہِنٛدِین کم از کم ژوٚن شخصی پہلوٗن
ہُنٛز نِشاندہی تمہ پتہٕ دۅٚہشوٚز ہُنٛزِ فنکاری ہٕنٛزٕ ژون حقوقن وٲلین حقَن
ژوٚن پہلوٗن ہُنٛز مختصر نِشاندہی تہٕ۔ یِمہ آیہ۔

## شخصی پہلوٗن ہُنٛد ہشر تہٕ بیٚنٛر

(۱) لل دید تہٕ نُنٛدٕ ریٚشۍ دۅشوٕے چھِ کٲشرِ ہُنٛدِ تَوارٕخَکہ
تمہ حوٚدوٚرِی دورٕکۍ یادگار بلکہ اکہ تمہ سماجی تہٕ سیاسی اہمیتہٕ دارہ
زمانکۍ چشم دید گواہ تہٕ یِمتھ اسی یِہ بیٚس کاشرِس کلچرس ژٕکو پیٚٹھ ترٕ عنک
تہٕ تمہ چھِ حیاتہٕ اَکھ نوٚو میل ہمیشہ تمدن بارسس پینک انقلابی زمانہٕ
ڈٕنٛھتھ ہیٚکو۔ فرق چھُ پٕژرے زِ لل دید چھےٚ اَکھ جذبٲتی دوٚہ دِ
کنیتھ اَکھ نوین تمدنی تہٕ سماجی انقلابس دس دۅہ تھنہ چھِن کاروان زیٚنہ
ساتھ دوان تہٕ ینہٕ خوٗلو چھِہ بڈرتہٕ وچھک شیرہ یاد وتھ اَتھ انقلابس
آسے کانٛچھن دٲلس نُنٛدٕ ریٚشس خاص تربیتھ کران۔ بیٚیہ زَن نُنٛدہ

پیٹھو عملی قدم تُلنہٕ تحریک دِنس اَندر اشتراکس تہٕ تعاوُن کرنہٕ باپتھ چھہ کشمیر
کلچرل آرگنائزیشن شیخ العالمن ہندِ شہرٕہتہ وۄہرٕ وٲری ملاوُنکہ شرٕ
کرناوِتھ خاطرٕ کشمیر کلچرل اکیڈمی تہٕ ریڈیو کشمیرس ہیوِ ادارٕ امہ کین اتھہٕ بٲپتھ
وٲدہ وٲرِ لگِتھ لول بَرنہٕ خاطرٕ تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہندِ کٲشرٕ شعبہ امیک ہُرتر
پنیٚن تٲلیمی تہٕ تدریسی پروگرامن منٛز شٲمل کرناونہٕ خاطرٕ خاص پأٹھو مبارکہ
مُستحق۔ یِمن سارِنٕے ادارن ہِنٛدِ اشتراکہٕ سیتۍ ہیکہٕ سانِہ شاعرن
تہٕ ادیبن ہُنٛز فنکاری سامنہٕ اَنٕنہٕ تہٕ قدر سنجی کرنٕچ رٕژ کوشش بارسس
یِتھ۔ امیُک اَکھ ثبوت چھُ "لل دید تہٕ نُنٛد ریوٗش" ہیوٚس اَکھ
عنوانس تحت کیٚنژن نمایندٕ ادیبن اظہار خیال کرنُک یا اَکھ اکس ہِنٛدین
اظہارِ خیالس پَرٕتھ تھِنہٕ وَنُنٛک ترغیب تہٕ موقعہٕ دیُن۔ چنانچہ چھہ یتھ میٚن
دوٚن ڈایَن وَرین دوران اَکھ موضوعس پیٹھ میٚنٛزِ پَرٕتھ پروفیسر
بدری ناتھ پارمو۔ پروفیسر شفیع شوق۔ پروفیسر رحمان راہی۔ پروفیسر
غلام نبی فراق تہٕ غلام نبی خیال بالترتیب معہٕ وٕنی لیکھنچ زبر کوشش
کرمٕژ۔ یُہٕ دوٚے اَکس دوٚن مضمونن منٛز محض زُ ڈ لیکھہٕ والنُک یا مصلحت
پَسندی تہٕ حبانٛبدٲری ورتاونُک پاس تہٕ لحاظ گژھہ۔ مگر قدر سنجی ہُنٛز کوشش
تہٕ کٲشرین منٛز تنقیدی معیار تھزٕ تُلنٕچ کوشش چھےٚ امہ سیتۍ بہر حال
پوٚر پھیر نبان۔ یِمن کیٚنژن لیکھارن پَرٕتھ تہٕ پیش نامہٕ لیکھن وول اَمین دریا
تہٕ چھہ عبدالاحد آزادن۔ امین کامل تہٕ اوتار کرشن رہبرن اکھ موضوعس
کُن توجہ پھِرنٕچ کوشش کیٚنژن مُستشرقین ہِنٛدِ پأٹھی کرٕمژٕ یُس یِتھ
بیٚیہ پَنُن یِمن سارِنٕے لیکھارن ہِنٛدِ مضمونن کاشر ادبہٕ کہ نٔو سنجیدٕ طالب علمن
ہِنٛدِ خاطرٕ پُچھ ترٲوِنی۔ ترٲ اکھ تقابلی مطالعس منٛز یہِ ہِنٛدِ سٲری یا اکثر

(ژاٹھ کورِتھ) جاپہٕ تام ادرِسلامہ پیٚنہٕ وأرِس پیٚیرِس نُندہٕ ریٚشِس اَتھ
میزمان دأری کرناوان۔

(۳) لل دیدِ تہٕ نُندہٕ ریٚوش، دوشوٕے چھہ کھسیہٕ ویٚریہِ یاوُن گرکہ
شوٗگرہستی زندگی ہیٚندی زوالہٕ ژٹان تہٕ ورگہٕ یا بھوٚ زندگی نِشہٕ راہِ فرار
پراوِتھ باس دِوان۔ فرق چھُ یہٕ زِ لل دید چھےٚ یہِ وَتھ اَکِس ذأتی مجبوری
تحت رٹان تہٕ زَن گو ہمیشہ مُہندستاون وادتہٕ پرزنُندہ عذاب چھُ تسُندپہٕ
وَتھ رٹہٕ ناوان تہٕ اَتھ برعکس چھُ نُندہٕ ریٚوش کُنہٕ ذأتی مجبوری بجایہ
اَکہِ اجتمأعی خدمتہٕ یا اَکہِ تبلیغی مشنیچہ تحریکہِ باپتھ گرٕ بار ژھاوان تہٕ دراصل
انقلابہٕ کِس پأزُس بھوٚلسِس پھیرکہ چھپہِ دِنہٕ خأطرٕ گوٚمُت چھُ اُژان تہٕ زَن گو
لل دیدِ ہِنز یہ کاروأیی چھےٚ ژھکہِ اَکہِ جبرٕک نتیجہ، ییٚلہِ زَن نُندہٕ ریٚشنز
یہ کاروأیی اِختیأری أس۔

(۴) ییمن دوشوٕنی بزرگن ہیٚندی حالاتِ زندگی چھہ سیٚٹھا کم
میلان۔ تہٕ یہ کینژھا میلان چھُ تِتھ تہٕ چھُنہٕ تحقیقی ذریعہ تہٕ توٗژھ
تہٕ کیٛاہ زِ ییمن متعلق چھُنہٕ کانہہ ہم کال شہادت دستیاب سپدان۔ ییٚلہٕ چھہ
دوشوٕنی ہیٚندی حالات واریاہ ہوٚر تنگو افسانوی تہٕ کرامأتی بلکہ کینژن مُلکن
منزٕ مشرہٕ پینہٕ واجینہٕ پرژھ۔ ووٚن گو رژھ کھنڈ چھےٚ فرق۔ تہٕ کیٛاہ زِ لل دیدِ
ہُندہ وجود چھُ گوڈہٕ ییٚلہٕ اندرس تام دیوما لأیی شکتی ین تہٕ پرستأنی کرامژن
وأبستہ اَکھ آسمأنی کردار بنأوِتھ پیش کرنہٕ آمُت۔ چنانچہ چھُ تمُند نِنکے
نژُن۔ تسُند تونُدرس اُژن یا پتو دیت تاکہ مُنز اَژھ غأب گژھن ییٚمہٕ
کرامأتی یا خرافأتی بیانن ہِنز پأداوار۔ اَتھ برعکس چھُ نُندہٕ ریٚوش واقأتو
موجب اَکھ ٹھوس زمینی بلکہ مِثأنی کردار بنیتھ قومی تہٕ اِنفرادی زندگی

ریُوش بالہ کوہ لہٕ ہندی پأٹھۍ کشیرِ منز گژھن تلن وأیس أتھ انقلابس
مأدأنی ذرٕ ہی یاوُک ٹھہراو تہٕ بوز شوز عطا کرِتھ اخلأقی سطحس پیٹھ
گشتیۍ منظم تحریک عطا کران چھُ۔ تہٕ سیأسی سطحس پیٹھ لکُم تکمُ
ولیٔ الدین وٕنۍ والہ قرأنۍ حقیقی بصیرت پأدٕ کرٕنۍ کوٗشش کران
چھُ۔ تہٕ أتھ ماملس منز ورگہٕ پأٹھۍ رواداری ہُند گاشرِ مُنار زانن پتہٕ
وأیس بڈشاہس پننین شارن ہنٛزِ شکلہِ منز آئینِ جہانبانی عطا
کران چھُ۔

(۲) لل دید تہٕ نُندہٕ رِیُوش، دوشوے چھِ کشیرِ منز أکھ نوٚو مذہب
تہٕ أکھ نوٚو زبان برٛونٹھ پکناونکۍ تبلیغی مشن ہہِتھ یوٚت یِنہٕ والین عربی
تہٕ فارسی عألمن یا نے ساداتن وژھ وأنیجہ لولہ متہٕ لاے کران بگر
للہٕ دیدِ کِنۍ منسوب واقاتو موجوب چھِ نہ سوٚ أتھ سلسلس منز نُندہٕ
رِیشہٕ سُندِ کھوتہٕ زیادٕ عقیدتمندی ظأہر کران۔ چنانچہ چھِ نہ سوٚ بڈان
پورچ (پانپرچ) عرفأنی ورگنو نہ صرف کولہ کوم گژھنہ حضرت سید
حسین سمنانی ین ہنٛدِس خدمتس منز حأضری دِوان بلکہ کشیر آمتۍ نوٚن
تہمن پیر یانژال بالہ کس ہیر پور پڑاوس تام استقبالس تہٕ گژھان۔
أتھ برعکس چھُ نُندہٕ رِیُوش عقیدتمندی باوجود پننۍ انفرأدیت قأیم
تھوونۍ تہٕ پردارچہ تراپہِ موحد کوٚد بناونۍ کامیاب کوٗشش کران یِیمہ
کس نتیجس منز خود حضرت شاہ ہمدان صأبنیس فرزند سید میر محمد
ہمدانی یس ہوس بہلہ پایہ بزرگس تہٕ کشیرِ ہنٛدِس أمس علمدارس پیٹھ
سمکھنہ گژھن چھُ ہوان۔ دوٚن کوٗ حضرت میر محمد ہمدانی صأبن کشیر
خنو بہرحال أکھ بٔڑ مہمان آسنک پأس خاطر چھِ ترارنکھ ولس

کیٛشرٕ ن حاَیِن ہٕنٛدیٚن دوٚن رِشن ہٕنٛز شکلہِ منٛز تُہٕنٛدِس بیانس منٛز مُناونہٕ
یِوان۔

(۴) یوٚدوے یِمن دوشوٕنۍ رۅحانی ماجہ لچہ تعبیرن منٛز دیوانگی
گژھنہٕ تہٕ مٕژرکھ الزام ... تہٕ عاید چھُ کرنہٕ یِوان۔ مگر آثار و قرایِن
بٔلکہ دوشوٕنۍ ہٕنٛدِ کلامٕچ شہادتھ چھےٚ اَمہِ کُن ہنٛد ثبوت پیش کران
زِ یِم زٕ گمنہٕ ماتہٕ چھہ زِندگی ہٕنٛدیٚن اکثر گنٛین تہٕ شرٕنن مسلن منٛز حد
پایہِ کو مُفکر تہٕ فلسفی بنٛتھ غور کران تہٕ پتہٕ خدا داد تخلیقی صلاحیتہٕ
ہٕنٛدِ بدولتہٕ تِمن ہٕنٛدیٚن امکانی تاثراتن تخلیکہ زٕو زیتہٕ سیتہٕ مشار
بناوان۔ فکر و فلسفہٕکِس سلسلس منٛز چھُ یِمن ہنٛد نظریہِ عرفان نفس
کُشی ہنٛد رُجحان تہٕ پتہٕ تلہٕ پوزٕ ایہِ خلاف اعلان پانہٕ واتنہِ سیتھا رلنہٕ
خدا تعالا سیتہِ گٕنٛڈ کرتہٕ توحیدکو نغمہٕ گیونس منٛز یِمن درمیان ہشر
آسنک موتحول وجہ چھُ یہِ باسان زِ ژرکہ چھہٕ ہم دوٚنوے رۅحانیتکس
اکوے آگرس منٛز واتتھ (کولہِ نامہِ نکتہ ترٲون واتس حضرت سیّد
حسین سمنانی سیتھا ناگراد کہ ذرہ یہ) پانس تریش کاسان۔ تاہم چھےٚ
نظریہِ عرفانس منٛز اکھ قابلِ توجہ فرق لل وٕدہ ہٕنٛدِس کلامس منٛز درینٛٹھو
یِوان۔ تہٕ زِ ن گوسہ چھےٚ اکس خاص تناظرس منٛز وحدت الوجودس آسے
کانٛچھان، ییلہِ زِ ن نُند رِیوش اکثر جایِن قرآنی تالیماتن نکہ ننٛدٕ رتہ
وحدت الشہودس لل کھول کران تہٕ گوٚنڈ بران چھُ۔

(۵) سماجی پوٚت منظرٕ زٕنگو چھُ یِمن دوٚنوٕنی ہنٛد تول تھو کامس
سیتہٕ اوسمت۔ لل دیدِ چھُ ہنٛد ما لنہٕ کام سہم پوٚرِتہٕ نُند ریشُن نشد آبایی کام
کیمٕوہ چھُ اکثر کامٕژ ین وٕنہٕ۔ پتہٕ کالہِ کینٛ دوٚن دس تہٕ گیوس نوِزٕ تورزکرن

منز سیٹھا شقہ گاٹہ جایہ تہ رُوحانی ویژارہ سان جیعہ دار آسنک باس لگان ہُو یہ چھُ وایہ سنتن ہنتز ترک دُنیا کرنہ کس رجحانس منز اعتدال پسندی بجایہ انتہا پسندی اِختیار کرنیچ تھنتز

خاص ہیچہ منز کتھ تام سماجی یا سیاسی نابرابری خلاف خاموش احتجاج تہ اکھ خاص قسمک ستیاگرہ کرنیچ ہش بوزے تہ یوان یمیک سرحد بُد طرزِ کس (وراثتس منز میلومتس) عدمِ تشددُک سیتر رلان باسان چھُ۔

(۵) پیم دوہ نوزے بزرگ چھُ پن پنتس وقتس منز اکھ بایکہ بہانہ گامہ پیٹھہ گامہ کشیر منتہ بڈِ مس جپتس دوہ کھیلہ پکہ پکہ ژران۔ مگر اکھ مُشد ژہن چھُ بنیپہ سپند ژنہ کھوتہ بلکل مختلف باسان تہ زن گوُ مُشد ریوُش چھُنہ انفرادی سطحک گشت کران۔ بلکہ نوس کلچرس متعلق مقامی زبان پنتس تبلیغی مشنس منز استعمال کرتھ اکھ تنظیمی دورہ کران۔ چنانچہ چھُ تیم اُمتہ پوت منظرس منز شیخ العالم علمدارِ کشیر تہ کأشرِ وعظ خان ہیو یوناو سیتر زانہ تہ پژز ناونہ آمتہ۔

(۶) لل دیدِ تہ چھُ اکھ عرفانی شاعر آسنک ڈیکہ ہنجر منتد ریشہ پندی پاٹھین حاصل مگر تس چھُنہ اُکس رُوحانی پیشوا سپند حیثیژ یتہ ساری انہار دوہ تلان۔ حالانکہ سماجی بدعتن اصلاح کا چھُنہ تہ دوہ پیش دِلتھ اِخلاق ہیچھناونہ موجب چھُ کأشر قوم تیمن اکس شیوا مُشد عقیدت آیتن نشوان آمت مگر اکثر موقن پیٹھ تیشز عار شاہی یاد کرنہ با وجود تہ تھنتد کھوتہ کم روہ نبہ شقون والین سادانن تہ ریشن مُشد دوہ رُس جایہ جایہ متہ ونہ لیوان۔ اَمتہ برعکس چھُ مُشد ریشن سپند ناوکو کینژ دوہ ژرار کیہ دوہ رسہ کھی جوگی پور نبہ دوہ رسہ کیمو ہنکہ دوہ رسہ، ژہر کہ دوہ رسہ تہ بنیپہ

پیٚسوٚر چھےٚ تہٕ زَن گوٚ یِمَن برٛونٛہہ چھُ صرف دَس تمنٛک شاعرٕ شتی نشٕہٕ وُنہٕ
مشخص سپدمُت۔ یِمو دوٚیے آثار و قراین وَنان چھےٚ زِ لل دیدِ تہٕ نُنٛدٕ رٕشیس
برٛونٛہہ چھُ کٲشُر شاعری ہُنٛد اکھ ابتدٲیی دور مکمل گوٚمُت آسان۔ یُس
اظہار و بیانٕچ رٔنٛگو اکھ تیوٚتے سعزرٕ کران چھُ یوٚت فارسی زبٲنۍ
ہِنٛدِس گوڑنیُک شاعرانہٕ ہینٛہٕ والِس اُستاد رودکی یُس برٛونٛہہ ایرانس
تہٕ سینٹرل ایشیاہس منٛز گُزرٕ یومُت چھُ آسان۔ میانہِ یِمن دوشوٛنٕے
شاعرن ہُنٛد کلامہٕ چھُنہٕ وُنہٕ پوٗرٕ پٲٹھۍ دستیاب ہیوٚکمُت سپدِتھ۔ وون
گوٚنمُت ریشو ہُنٛد کلامہٕ چھُ نِسبتن لل دیدِ ہِنٛدِ کھوتہٕ وارِیاہ زیادٕ جمع
سپدمُت۔ یُس تہنٛزٕ شاعرانہٕ ہیٚسٕرٕ ہٕنٛز وارِیاہ جہتہٕ برٛونٛہہ کُن اَنان چھُ۔
اَمہ برعکس چھُ لل دیدِ ہُنٛد کلامہٕ دستیاب سپدِنہٕ رٔنٛگو کم اُسمُتہٕ بہ
تسٕنٛدِ شاعرانہٕ عظمتُک تیشُتھ باس دِوان یُس تہنٛدِس باقے کلامس پیٚٹھ
ژھانٛڈٕنُک تقاضہٕ کران چھُ۔ بیٛیہ پٔکِنۍ شرٛ ہا کلامہ یِمن دوٛیو تُرنٛگ
شاعرن ہُنٛد اکہِ یا بیٛیہ بہانہٕ رِژھرٕ، بیٛیہ اُسہِ تام دوگمُت چھُ سہِ چھُ
تخلیق سپدِنہٕ پتہٕ لل دیدِ پتہٕ تقریبن پانٛژھ ہتھ ؤری گوٚڈ بٕتہٕ تہٕ نُنٛد
ریشِنِ پتہٕ عالمہٕ گژھنہٕ پتہٕ قریبن ژ ہتھ ؤری گُزرِتھ لفظن تہٕ وُمنٛ
ہُنٛد وارِیاہ اَنہار بدلاو بتہٕ درج کرِتھ آمُت۔ اَمہ لحاظہٕ چھُ لل دیدِ کُنٛ
منسوب کلامہٕ بیٛیہ یِمن تہٕ غورطلب بنان۔ تہٕ اَتھ سلسلس منٛز لل گُجن
ہُنٛز ترتیب شیخٕ شکرین مقابلہٕ سیٛدٕ سیٛدٕ ترجیح منٛنک کران۔

(۲) کٲشرِ زبٲنۍ ہینٛدِ یِم دوٚن اہم شاعر چھِ اکھ تخلیقی
زبان بارسس اٲنِتھ تہٕ اَتھ اندر اظہارُک ژوٚو زور ہیتہٕ ووٚد تلاو پکنا
گِنٛدمٕتہِ انجام دِوان۔ یہ خدمتہٕ چھےٚ شیتی ہمسُن ترییُن دامیان

والین کٲشرین گامن ہُند آزاد فضا مگر تمہ اندر یامہٕ کرنہٕ آمتین کینژن
پدتن ہٕندِ دِلتنگی ہُنٛد ہوا چھُ یمن دۄن حساس انسانن ہٕندین دِلن
اَتھ بوٛڈ نیچ تہٕ اَتی ووٚتھ ٹلنچ بٔلکہ ووٚتھ پننچ کیفیتھ کٔشران۔ فرق چھُ یہِ زِ
لل دید چھےٚ کیفیتھ کٔشرن دٲلن حاوی گٲژھتن شہرٕ ہٕنزِ پیٹھ گامہٕ نِشہٕ سیٚٹھا
دِل برداشتہ باسان تہٕ ممکن چھُ کوٚلہِ گامہٕ کینژہہ وق گذارنہٕ علاوٕ گژھہِ ورتمہ
اَکثر وقت وٕچھیٚپارٕ چہِ سرتہٕ شہر یا سرینگرکس شہرس منز تہٕ اَتھ برعکس
چھُ تہٕ نُندٕ ریشس دِلس ووٚتھ پننچ کیفیتھ کٔشرن وول گامی زندگی ہُند
سوکھ تہٕ ہوٚچھا بنیتھ یُس ماحول شہرس منز زیادٕ کالس ٹِکنہٕ دِنہٕ دوان۔

(۹) خاندٲنی پوٚت منظر۔ زنگو چھُ لل دید ہُند توٚلُق اکس
پنڈتہِ بنیٚ گرس سیٚتھ تہٕ نُندٕ ریشن ہُند توٚلُق اکس اَن پڑ مسلم گرس
سیٚتھ ووٚنہٕ یوان۔ بلکہ چھےٚ لوکچار پیٚٹھ جبر زنگو تہٕ دۄن ہٕندس ماحولس
زمین آسمان فرق ووٚنہٕ یوان۔ چنانچہ کیٚاز لل دید میہ کٔشر ییٚنہٕ وول بید مول
ہیوٚتہ گامِل ووٚتھ شاد تہٕ نُمی ہُند ژاٹہ ہال تہٕ اَتھ برعکس کیٚاز کشیر منزٕ کشتوار
پیٹھ آمتہ کمزور اقتصادی یاتہٕ حالہ وزگہ واوس لنگہ منتہ گروک یتیم ہُند
تہٕ تِس لاعلاجی گژھتھ ژور کرنا وِنہٕ خاطر مجبور کرن والین شخص تہٕ عُمرہٕ
ہاوین ووٚتھ بٲین یا ماجہ بٲین ہُند ماحول۔

## فنی پہلوین ہُند ہاشر تہٕ تفسیر

(۱) لل دید تہٕ نُندٕ ریشِن دۄنوے چھِ کٔشرِ منز روٗحانی نیٚکو زٕ
ہُندِ کٲشرِ منا پرآسنہٕ علاوٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہٕندِ کٔرِ زٕ بنیادی پایہٕ شاعر تہٕ یمن
ہُند زولُق دسیاب کٲشرِ شاعری ہٕنزِ زٕ گوڈنچہ سیلہ گتہ (سنگ میل) قٲیم

عمل باسان۔ ییٚہ چھِ یہ کتھ تہٕ غور طلب زِ سنسکرت لفظ "شلوکس" کاشُر
روٗپ شروک کونہٕ چھُ للہ دێد ہندین سنسکرت آمیز شرکین ہندِ خاطرٕ
تہٕ استعمال سپدان۔ بہرحال واکھن تہٕ ژاکھن ہُندٕ دوشوے تہٕ آب بجیٚو گڈٕ نہٕ
پینک کاژ اکس تحقیقس رازٕ ہوتن ہیٚنہٕ وتہ وچھان یُس نشیٚہ ژاکھن
منز فارسی آمیز اصطلاح سازی تہٕ اسلامیاتی فکر انگیزی ہندکرتا کارٕ
اشارٕ مشخص کرٕ تہٕ دوشوٕنی ہندِ مشابہ پچ ہدوٚن ژرالے بدٕ کڈٕ۔

شاعر ذات ژن تہٕ ہیٚرژن ہیٚنہٕ کتھہ اندو انتاوتہٕ خاطر چھِ تم پیتو وُنہٕ
زلل دێد ہندی چھِ وُنیکتام صرف واکھ ذسیاب سپدی متۍ (یودوے
غلطی سیتۍ کینژہ واکھ غزل نما وژن تہٕ لل دێدِ کُن منسوب کرنہٕ آمتۍ چھِ)
امہ برعکس چھےٚ نُندٕ ریٚشی ہندین کلامس ہیٚرٕ وٕ رنگو رنگا برنگی پھٕلے
باگہ آمژ۔ یُس تہندٕ مشاہدک وسعت تہٕ تہندٕ ین تجربن ہُندٕ بہار زیادٕ
کاکارٕ پاٹھو برو تھوِ کُن انان چھُ۔ چنانچہ چھِ نُندٕ ریٚشٕ شرگو ڈ ذکر پیٹھ
واکھس سیتۍ مشابہت تھون والیو شرکیو علاوٕ کاشرِ زبانۍ نظم تہٕ وژن
ہشہِ نوین صنفہ عطا کران۔ اکسی نظمہ ہشہِ صنفہٕ منز چھِ تمہ (قطعہ
شعر مصرع (مسدس) وزٕج دار وژن تہٕ بے وزٕج ہیٚرژ نظم گژھان
تیمتہ سیٚتۍ وردٕ تہٕ دوو۔ بارھو دایا پاپ تھواز۔ شہ ہتی ڈیڈ تہٕ مسلمان
بیٚیہ گوٚنگل نامہ تہٕ دینیات کو او صول تہٕ مسلہ دایرن واجنہٕ نظمہ چھےٚ امہ
سلسلس منز خاص پاٹھو ناوہیٚنس لایق۔

مدہم پیٚتھ دوشوٕنی بزرگ شاعیرن ہُندٕ کلامہ چھُ گُلہم پاٹھو کاشِر
ہندٕ تہذیبہ تمدن تٕ عینہٕ دار آسنس سیتۍ سیتۍ نوین اخلاقی تہٕ اسلامی قدرن
ہُندٕ ترجمان آسنک باس دوان۔ تہٕ امہ کہ ماحولس منز چھِ یم دوشوٕنۍ رہبر

عبیر بتہٕ رٹناونکین، ژینہ وٕژی دینہٕ کین، فراری جذباتن منزٕ ناوساٗل گرٕنہٕ کین
پٮ۪ٹھ بوٗزس منزٕ ہم کھوٗر واٗیتہٕ اپور بوٗزتھ واتہٕ نکین بیشتر معنوٗ ین ختر
تہٕ چھےٚ یمن دربیان سببشعار منزٕ لبتہٕ یوان۔ مگر سلہ گۍ پلنہٕ یہ زناونکو موضوع
ورتاونکین، باہمی دیہ تراوتھ اتحاد تہٕ اتفاق ہیچھناونکین بینیہ روٗحانی
ویٚژار پراونکین مضموٗنن ختر چھےٚ ننہٕ رگوٗش لل دیدہ تیوٗ سے بروٗنہہ باسان
ییژ لل دید باطن پرستی اختیار کرنہٕ کین تہٕ تجبیر یکم دُنیاہ تراوتھ اندر یکم
دُنیاہ سٕر کرنہٕ کین معنوٗ ین منزٕ نُندہٕ ریشس بروٗنہہ چھےٚ

(۵) یمن دوشونی شاعرن ہندین کلامس منزٕ چھےٚ کیژن ہیاین
لسانی فنی تہٕ تکنیکی کمزوری نظر گژھان۔ یم ژن ازکس دورس منزٕ
ورتاون واٗلس کانسہ شاعرس معاف ہیکن نہٕ سپدتھ۔ مگر یم اندر چھےٚ
کینژہ کمزوری یا خامی ہیتہٕ واتن وزی یمن بزرگ شاعرن ہندس
کلامس دٔرج تہٕ سپدتھ ہیکن پہلو یہ سپدن بسپدن ژکانہ یمن منزٕ تبدیلی
یوان روزنک پہلو نظرِ تل تھوٗتھ نظر انداز کرنہٕ لاگِ یم۔ ویسے چھ باقی
فنی لغزشن ہندس معاملس منزٕ تہٕ یمن دون شاعرن ہندین شعرن
امارتس تہٕ خوٗلوٗص ورتاو پیٚچ ہنو رووٗرتھ نتہٕ چھےٚ ممکن سہ

دیہ ژ چھتہ یوٗدسام ہیکہ تار کنہٕ نیس
باسہ مے گاشرٕ تہٕ اسمانکو پھیچھر

تہٕ زن گو یمن دون شاعرن کُن منسوٗب سوٗرُے کلام پرنس دوران
خالص شاعرٕ ژھانڈن والین اگر زیادہ مویوٗسی تہٕ گژھہ نہٕ مگر
کینژہ قدم پکو پتہٕ باسہ تمن پننین ژیٚترِ شیشن باضے زم گروٗن ٹاس
وساں تہٕ باضے سوخن شناسی ہندین اٚنن ژِرن کرہٕ دی کنہٕ چکلی ہیوٗ مشغول

عالم یا ساداتن ہنٛد منٛز حیثیتہٕ سیتۍ دینیاتس پٮ۪ٹھ خبردار سپد نہٕ بُنیاد یقین تہٕ پادٕ
کران لہٰذا چھےٚ یمو منٛز کاتبہٕ اکس مُدٕ قرار دِنچ عوامی کتھہ مضحکہ خیز
باسان. بیٛیہ ییمہٕ آیہ یم دوٕ نوٕے کاشرِ زبٲنۍ ہنٛدِ قوتہٕ اظہارس تہٕ باوتھ
ہنٛدس منٛز ضلس وہارس بالادبا دوان بناوان اکہِ ہیے شاعرانہٕ مقصدٕ پتس
لالدٕ نُند ریشہ. فنی لحاظ چھےٚ امہٕ مامکس منٛز یہ فرق ژٕ پیٛٹھو لیوان زٕ
للہٕ دید چھےٚ نظام اخلاق جُستجو ہنٛدِ شوٕ سازِ گرٕ ژنۍ تہٕ تخلیقی ذہنٕ ہُند ان
پننہٕ شعوری کسٕ زیتہ تولن کُس حق چٲرٕ نیٛتھ پکان. تہٕ زن گوسہ چھےٚ درمیہ
اخلاق دِنہٕ کس مادٲنس منٛز تہٕ پوختہ کاری تہٕ فنکارانہ شہسواری ہُند اکھ
برجستہ مظاہرہ کرتھ ہیکان تہٕ نُندٕ ژیوٕ شچھ امہٕ برعکس تیٛنس تہٕ ناکارٕ
واعظہ تہٕ اظہارس تہٕ پانہٕ نادان ییمہ کینہ تہٕ ہنٛدٕ شعورک قدٕ ور گرٕ تہٕ کیٛنہہ
قدم پتہٕ سیٛن تہٕ ڈچا یہ آو کتان ہیوٚ باسان چھُ. یہ چھےٚ بہر حال
نُندٕ ریشن ہنٛز فنکارانہٕ چابُک دستی زٕ شعورکس امس آچھرس کھیریس
تہٕ چھُ یہ زورا ور سوار کھورٕ ذبٲ بیتھ تیٛنس منٛز لسن کُن دوٕنا وتس منٛز کامیاب
سپدان. عام طالب علمن ہنٛدِ خاطرٕ ہیکہٕ یہ کتھہ پیتہٕ پاٹھو بنتھ زِ
یمن دوٕنوی شاعرن ہنٛد کلام چھُ تہٕ ہیمہ پاٹھو خطابٕ تہٕ وعدہ پشک ردٕ دار
بنتھ تہٕ اکہِ باضابطہٕ پاٹھو امہٕ اظہارٕ تلاوان. یہ پاٹھ عام چھُ شاعرانہ ابلاغ
تہٕ واتناونہٕ کیو خُد جٕ البتہ تبلیغہ کین شروٕ ملاقات مٔلی یہ چھےٚ یمن دوٕن
ہنٛز خودکلامی تہٕ امی تبلیغی الہیپت ہاے بنتھ تہٕ بیٚٹھان. امہٕ سلسلس
منٛز چھُ یمن دوٕن شاعرن ہنٛدِ اکثر مضمون تہٕ موضوع تہٕ پانہٕ واگو زلان.
خاص کرتھ دُز یہ چھُ بنتہٕ باقی وعاقبت ہنٛز پایداری. گورن تہٕ سادن
ہنٛد مسلکہٕ تہٕ منٛزبان چھُ پاکاری سیتۍ تولن کھوتن وال مضمون تہٕ موضوع

چھُ نتہٕ رٕنٛشوٗ ہُنٛد شاعرانہٕ مُشاہدٕ تہٕ زندگی ہُنٛد عملی تجربہٕ تمہ آیہ کاڈ کڈان
یُس لل دید ہیٚتھ کشیر ہٕنٛدین سارِنٕے شاعرن منٛز تس سرفراز بناوان
چھُ۔ چنانچہ چھُ یوٗہَے مُشاہدٕ شیٚنٛزرن تہٕ روپوش کیفیژن ہُنٛد مجموٗعہ ہیٚتھ
وُز مُلو انہارٕ پردٕ تلنچہ کیشر کراماژ ہاوان تہٕ یوٗہَے تجربک تقرزٕ چھُ اکھ
سرساے عالمچہ پرٕ اسرار مُرژہٕ گرٕ یتھ پیکرن تہٕ عناصرن ہُنٛز اکھ پوشہٕ وژ
دولتھ کیاژ شیرٕ نیچرٕ ہٕنٛدِس شاعرانہٕ دیوہارِس گوڈنکی سے قدمس پیٚٹھ عطا
کران۔ مےٚ چھُ پننِس اکِس مضموٗنس منٛز لل دیدٕ ہٕنٛدین شخصی پہلوٗوَن
فارسی زبانٕ ہٕنٛدِس کم معروف مگر بتس شاعرس سرمدس سےٚتہ تہٕ تمہٕنٛدین فنی
پہلوٗوَن مشہوٗر فارسی شاعر عمر خیامس سےٚتہ تقابلی مطالعہ کرنچ دعوت
دژ ہیٚز بلکہ اکھ مطالعس پانہٕ دِس تلمحت۔ یُس برونٛہہ پکناونچ کوشش
کرنٕ ییٚنہٕ والین سانین نقادن ہُنٛز کام چھےٚ۔ یمہٕنٛدِس کرٕ بہٕ زندگی ہٕنٛدِ
سرِ تہٕ تجربہٕ تہٕ تقدیر مشاہدٕ ژنگو عمر خیامس مقابلہٕ لل دیدہٕ تہٕ نُنٛدہ ریشس
ہٕنٛدِ کلامک داوتہٕ غا رِتھ دِینہٕ وول اکھ اکھ بنٛد پیش کیتھ زن اکھ
مامس منٛز نُنٛدہٕ ریشس فضیلتھ آسنُک میوٗن داواسر کرتہٕ ییہ۔

عمر خیام

آن قصر که جمشید درو جام گرفت    آهو بچه کرد و روبه آرام گرفت
بهرام که گور میگرفتی همه عمر    دیدی که چگونه گور بهرام گرفت

نُنٛدہٕ ریوٗش

خانۍ ہٕنٛدین یمن روبہٕ خانۍ    جانۍ دپان آیہ گژھ
سونٛدرٕ وُچھتھ ہرکق ناوان    ژمرو سےٚتین ڈوٗن لژھ
تتو مالہٕ ڈیٚپھم کیُس بروان    نصرٕ مےٚ وُچھ تہٕ وُچھنہٕ گژھ

دِوان۔ خاص کٔرِتھ وۄلسہٕ منظر نٲوِ پھیرِ لفظ ورتاوُن وٲلۍ کیتھہٕ تم
شاعر پٔرِتھ یِمَن مشرٕ لل دید ترٛاو فیصد تہٕ نٔشہٕ رٔنٛیو شتھ فیصد حرف
دوہ پیٹھٕ سٕ لورتہٕ ملاک المَوتس سیتو دب کرٲن باسان چھِ۔

(۶) اَتھہ کنۍ چھُ کٔنۍ آدا شار کٔرِنۍ زِ یِمَن دوشوٕنی شاعرَن ہُنْد
کلامہٕ چھُ کٲشرِ تواریخکہٕ اَکہٕ عوٛ بوٛری دورُک تہٕ انقلاب پذیر سماجُک
اُتہٕ ہاوان تہٕ یِتہٕ آو وُننہٕ زِ یِم دوشوٕنی حساس ترجمانِ انسانیت چھِ
اُتھ سماجس مَنٛز تم استحصال کرن والیٚن کرِمن تہٕ حقل الناس
کھیٚنتھ کاڈ کڈان والیٚن مگر محنت ہِن پٔنۍ نہ خوٗ صوٗ صی خانگی پٔتۍ منظر
مۄجب نشاندہی کران تہٕ نال رٔٹناونہٕ خاطرٕ لگہار اَتھ تھسن دوان۔
فرق چھُ یِہے پٔرتھہ نِلل دید چھےٚ سیٹھا پاٹھۍ یِتھۍ تہٕ نٔبہٕ گوٚڈن تیتہٕ تنقید
نشانہ بناوان یِلہ زَن نٔندہٕ رٔیوٗش پیرن، سادن تہٕ ملن ہُنْد نہ صرف اول
وانکۍ نوٗن کڈان چھُ بلکہ چھُ بےٚ واتہٕ پاٹھۍ تِہنٛد استحصالی آثر پھٕٹراونہ
خاطرٕ نتیجہٕ شکلہٕ منٛز اَکھ منظم تحریک بروٗنٛہہ پکناوان۔ تہٕ لل دید ہِنٛدس
کلامس منٛز زیرِ لبہٕ گنجھ یکہ والیٚن شوٗ ژ اصلاحی شعرن ژھٕٹھ پاٹھۍ روٗن
طوفان بناوان تہٕ دمیار چھِ (استحصال) تحریر تنگہٕ ہِنٛدِ رلہٕ پاٹھۍ وٲنٹس منٛز
داریاہ موثر قدم تُلان۔ لسانی لحاظ چھُ اَتھ سلسلس منٛز نُنشہٕ رٔیشو ہُنْد
قرآنی اصطلاحن تہٕ فارسی ترکیبن ہِنٛد کٲشراونہٕ ہِنٛکہٕ وید ژار تہٕ ہُنٛدِس
کلامس لوٗکن اَتھ کٲشرِ قرآن تسلیم کرناوُن سیٹھا قٲبلِ توجہ باسان۔

(۷) یِہے پاٹھۍ لل دیدِ ہُنٛز بے اختیٲری ہٕنٛز بربٕہہ تہٕ جذبہٕ چھِ رٔہہ
تسٛنٛدِ ین شوٗ عوٗرس کاران تہٕ کٲڈ یتھ بار آفرینی کرناوُنکس عملس منٛز تس
کٲشرِ زبانہِ ہِنٛدِین سارنی شاعرن منٛز امتیاز بخشان چھےٚ اَتھۍ پاٹھۍ

کرشہٕ پیہ۔ نہٕ کیٛشاہ زِ اَلہٕ مالِس منز چھِ دوٚہ نوٚوے کینشرن جاین زمینی کھوتہٕ زیادٕ اَسمٲنی نہٕ مادی کھوتہٕ ماورٲیی تجروبن ہٕنٛد باس دِوان باسان۔ بلکہ یہیکوٚ اَسو وَنِتھ زِ دوہ نوٚنی ہِنٛدِس کلامس منز چھِ تھ فِضا قدمہٕ پتھ قدمہٕ نوٚنی رنگ ہاوان روز نے چھُ یمن دوٚن شاعرن بہلہِ پایہٕ روٗحٲنی بزرگ طور سرس مانِنہٕ پِنِنک سبب بنیومت۔ گویا یم رمز وَنِنس منز مرزا غالبس پننی پان ولی اللّٰہ مانِنہٕ پِنِنک باس لگان مگر بہٕنِز شراب خوری اَسہٕ پتھ عوٲمی حُسن۔

طعون قٲیِم سپدنس ددارٕ واتناوان ؎

یہ مسائل تصوف یہ ترا بیان غالب تجھے ہم ولی سمجھتے جو نہ بادہ خوار ہوتا

رتمنے رمزن کاشرس ماحولس منز کانہہ تھاے تہٕ ھٹوٗرشہٕ آسنہٕ سبسیہ پذیرٲیی سپدنکہ بدولتے چھِ ساعہٕ اَدیبو یِم زِ گاشہٕ تارکھ اَز تامتھ روحانیتکۍ زوٗن تہٕ آفتاب بنِتھ پرزلان آمتۍ۔ حالانکہ اَمو حُسنِ عقیدتن چھینہٕ یہنٛدِ کلامچ صحی قدر سنجی سپدنہٕ نِچ وَتھ واریاہس کالس اجتبا طہٕ رٕنگو بند تھاوِمژ۔ مگر ووٚن ووت وَق یِلہٕ یمن ہِنٛدِن فنکارانہٕ شخصیژ ہِنٛد صحی تعین تہٕ یمن ہِنٛد وقتہٕ پیٛٹھ کاشرِ شاعری ہِنٛدِن بروٚنہہ کنہٕ پکنن وِچھنن ہِنٛد صحی شعوٗر پادٕ گژھہ کرنہٕ یِن۔

لل دید

ژھانڈان لوسس پأنژ پانس | ژھیپہ گیانس وو تمہٕ ناکونژھ
لے کرمس تہٕ واتس اسقانس | بُرِ بُرِ باتہٕ تہٕ چیوان ناکونژھ

(۸) استعارٕ ہندِ پرواز باوژ ہندیس تیہرس تام کھسُن تہٕ تشبیہو سیتو پوشس شرز یار ہشتدأمُن چھُ پیمنہٕ ہُندسہ مُشترک دیوہار پیش چھ دُبُن پیشیہ زِ دمہ نوٕسے لل دید تہٕ نُندہ ریوش چھ اُکس نفسیأتی کشمکشِ تہٕ اندری جنگس شرز گیہر گمیتو باسان۔ امہٕ سِلسِلک آغاز چھُ دمہ نیوی مأکن پرستی ہشیرِ کُل کدہٕ علاوٕ روحأنی وہزار تراوِتھ سنتوش لبنک مأرشکلاوان تہٕ اُتھ خود کلأمی ہُند وہ شلُن عطا کران۔ چنانچہ دمہ نیوی چھ اُکہ پتھ پرشأنی روحٕچ پنگرٕ نشہ ژھینہ گژھنک احساس دِچھ یو شیرکو سہتی باکہ ژھنڈاوان تہٕ دو شوٕسے چھ لولکہ شبنمی قطرٕ بتہ یان عشنہٕ میر یہ چن پنڈن پُشرنک تہٕ روٕ قطرٕ شدرس سیتو رلنک چھوہ چھوہٕ کران باسان زندگی تہٕ موتس نِسبتھ وَننہٕ آیتو امہٕ سِلسِلکو بیان چھُ وونِی ہشیرِ ہشی صوفیانہ بصیرژ ہُند ثوبوت پیش کران۔ فرق چھُ یژہے زِ لل دید چھے رملژار ژھانڈ ہکیس اُتھ سفرس منز انڈ تام تریشہٕ ہزرٕ پاسہ دوان، پیلہ زن نُندہ ریوش اُکس مُقامس پیٹھ وأتتھ حقیقتس سیتو ہم آغوشس شپدنک تہٕ ابدی سنتوش پراونک بافضأ بلطٕ اعلان کران چھُ۔

(۹) یوت تام مُشأہدٕ ہٕنگو شأیرانہٕ کنہ واسس منز فرق آسنک تولُن چھُ تتھ کُن آو اشارٕ کرنہٕ۔ اما پوز یہ کتھ روزِ نامکمل اگر دمہ شہونژ ہُندِ تخلیقی عملس منز رگمن تہٕ جلون ہُندِ ہشر آسنک تہٕ دمہ شہونژ تخیلک ہُو اُکہ ییر سأے جفنا تُلی کرفضا در فضا پأد کرنک ہیہے قوت باسنک پہلو نظر انداز

یِمی زِ یِمَن تُرشوٚنۍ شُرچِھہٕ گٔنٛزٕ ژھٔنٛد استعمال سپدیومُت۔ گوڈٕ یِمو
اَسہِ اَتھ کُنٛجہِ سام نِٕ اَمہِ کاشُر ژھٔنٛدُک تأریخی پوٚت مَنظر کیشا چھُ
اوسمُت تہٕ یہِ سلسلہ کتہٕ پیٚٹھٕ چھُ شوٗروٕ گژھان۔

یِمَو تہٕ از تام للہ واکھہٕ تہٕ رٮ۪شہٕ شُرکو چھاپی مَتہٕ چھہ تِمَو چھُنہٕ یَتھ
کُنٛجہِ کُن توجہ دیتمُت زِ واکھَن شُر چھاوزَن برقرار روزان کِنہٕ نہٕ۔ یُوزٕ
اَتھ کُنٛجہِ چھےٚ تَوأریخی لِسانی نُقطہِ نظرٕ کِنۍ سیٹھاہ اہمیت حاصل
تہٕ یہِ ہیٚکہِ نہٕ نظر انداز سپدِتھ۔ یُدَن واکھَن تہٕ شُرکین چھےٚ گوڈنیچ لیکھہٕ
یا وٕتھ چھےٚ یُدَن شُر میلان۔ چھےٚ یُدَن ہشر شوٗروعات چھےٚ اِژھوٚ ہو نوِمہ
صدی عیسوی شُر سپدان۔ چھُ یِدٕ آسہٕ مُتہٕ اَمہ وقتہٕ لگن شُر سیٹھاہ مقبول
اوسمو کھہٕ پیوٚ شیومَتہٕ کِس ہنٛدِس فلسفی شری ابھنوگپت پاریں ہِنٛدِس
تنترالوکس منٛز چھےٚ مَتَن ہِشرٕ ذکر کرُن۔ تاجُب چھُ زِ چھےٚ یُدَن تہٕ
مہانیٚ پرکاشہٕ کین یُدَن ہشرٕ زبان چھےٚ اَکھہٕ اَکس پوٚچھر کران۔ لسانیاتَس
تُرکیہ پیٚٹھٕ توٚلِتھ چھُ باسان زِ اگر چھےٚ یُدَن ہشرٕ زبان چھےٚ اژھوٚ ہو نوِمہ
صدی ہشرٕ زبان تیٚلہ گژھہ مہانیٚ پرکاشٕچ زبان تُہوڈٕ ژٕکریہ صدی ہشر آسٕنۍ
دوہ شوٗنۍ ہیشری Morpho- form چھےٚ ژٕٹوٚ یاپہٕ وانۍ میشُن
کھسوان۔

چھےٚ یُدَن، واکھَن تہٕ شُرکین ہنٛدِس ژھٔنٛدس منٛز چھےٚ کاشُرُک
ٹاکارٕ پاٹھوٚ پرزلان۔ یہِ کُنٛجہِ چھےٚ لسانیات تہٕ عوٗرٕوضنہٕ کیس بَرُشتس
منٛز سیٹھاہ اہم۔ پرانہٕ کاشُر شاعری منٛز چھےٚ ژھٔنٛدُچ تُرلے پیٚٹھٕ
پاٹھوٚ۔ گوڈنیکہ مصرُک آخری رُکن چھےٚ تریمہ مصرکس آخری یُدس
ستۍ رَلان تہٕ دوٚیمہ مصرُک آخری رُکن چھےٚ ژوٗرمہ مصرکس آخری رُکنس

ڈاکٹر ٹی، این، گنجو

# للہ واکھ لسٲنی زاوِیِ چار

کٲشرِس ادبس منٛز چھُ للہ واکھن ہُنٛد شوٗزر تہٕ پزر اکھ تھوٚد مُقام
حاصل۔ یِم واکھ چھِ اَتھہِ پانٛژھ ہَتھ ؤری بہ سینہ بہ سینہ کٲشرِس ادبس منٛز برابر
وَنہٕ تہٕ گیوہٕ آمٕتۍ۔ زمانٕچ گردشہٕ تہٕ زبٲنۍ ہنٛد ہیر پھیر سٟتۍ چھےٚ یِمن
واکھن ہِنٛزِ زبٲنۍ منٛز سیٹھا تبدیلی آمٕژ۔ اَوٕ موکھ چھےٚ یِمن واکھن
منٛز نوٚو ژھاے تہٕ گژھاسے لبنہٕ یوان۔ یُتھ بدلوٚن زمانن چھُ واکھن ہِنٛزِ
زبٲنۍ پیٹھ نوٚو رنٛگ تہٕ روغن کھورمُت تہٕ نوٚو جامہٕ لاگمٕتۍ۔ لسٲنی
زاوِیِ چار وُچھنہٕ بروٚنٛہہ چھےٚ یہ کتھ منٛنٕنۍ ضروری یِمن نٕزِ اَسہِ وُچھو زِ
واکھن، شرکٕس تہٕ بیدٕن ہِنٛزن عبوٗرٕ وٕن کمہٕ آیہ چھُ رٕوٗدِمٕتۍ۔ تہٕ کیا زِ
کٲشُر شاعری منٛز چھےٚ یِمن صنفن ہُنٛد پھلن سیٹھا رٕوٗدمُت۔ بیٚیمہٕ کتھ
ہِنٛزِ وضاحت چھےٚ ضروری زِ کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد دامانہٕ چھُ حال حالے
تام نثرٕ چہ دولتہٕ نِشہٕ خٲلی رٕوٗدمُت۔ اَوکِنۍ چھُ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛزِ پرٲنۍ شکل
زانُن ناممکن۔ یِم کینہہ پرٲنۍ قلمی نُسخہٕ میلان چھِ تِم چھِ ساری نظمس
منٛز۔ یِمہٕ پرانہٕ نظمہٕ چھےٚ مختلف ناوو مشہوٗر۔ چھِمہٕ متین ہِنٛزِ شاعری
چھِ "بیدٕ" وَنان۔ للہ ہِنٛدِس کلامس چھِ "واکھ" وَنان۔ ریشِس کلامس چھِ "شرُک"
وَنان۔ سوال چھُ پٲدٕ سپدان زِ "بید" "واکھ" تہٕ "شرُک" چھا کٲشر
شاعری ہِنٛدۍ ترٛےٚ بیٚنۍ صنف کِنہٕ اکی صنفکۍ ترٛےٚ بیٚنۍ ناو۔ پوز گو

گرٕ ہہ ختم تہٕ ژ بیچھ گژھی ژہتس مٔنز لے۔ اَمہٕ وزٕ گرٕ ہہ ہنٛدٕ پاتس منٛز

ساری راز ظاہر۔)

قافیہ = سۄ روپ I

نی روٗپ III

کول لیچھ II

پیچھ ٹیٹھ IV

چھُمہٕ پَدٕو بیتہٕ چھِ مہانے پرٛکاشُک دوٗر یواں۔ جارج گوٗیرسنُن چھنےٚ فَفسلہٕ کنو مہانے پرٛکاشیج ارزش پنداہم صدی عیسوی ہانٛزٕ منٛز۔ پوٚز سہ چھُ اکھ شنتہٕ کتھہ۔ ییمہٕ زٕ بالہ بودنی نیاسس ہیپچھ تبصرٕ کوٚرمت چھُ۔ مہانے پرٛکاشک لکھاری چھُ نوٗمہٕ صدی عیسوی ہُنٛد شنتہٕ کتھ۔ ناو ہرسوٗے آسنہٕ کنو چھُ تمس ژہتہٕ برمہ گومت۔ چھُمہٕ پَدٕن تہٕ مہانے پرٛکاشچ زبٲنی چھُ سہٕ ہیٹھ ہشر تہٕ دوہ شونٛزٕ ہنٛدی Morphos form چھِ پانٕہٕ وانٛزٕ میلان۔ یہ مثال چھُ اَمہٕ کتہ ہنٛدٕ ٹاکارٕ ثبوت زِ چھُمہٕ پَدٕن تہٕ مہانے پرٛکاشیج زبان چھنےٚ تواریخی لسانیاتہٕ کس سلسلس منٛز ترتیب وار۔ مہانے پرٛکاشس منٛز تہٕ چھِ چھُمہٕ پَدٕن ہنٛدی پاٹھی ردیف قافیک ورتاو۔ مثالہٕ کنو سہ

(۱) اَکُل چھوٚت وٚیا پیچھ بوٗدانٕ

کولہٕ گنتھ اَپلی شنتہٕ گمنٕ

گنتھ ژکچ آدار دیدارنٕ

سہ نیکہ روٗپ آکوے ویزنٕ

(شوٗ چھے وٚبوٗدٕ تہٕ وٚیا پیچھ۔ سہ چھُ پننہٕ تہوٕتہ کنو۔ سہ ...)

नो धारन
प्रमन
निधारन
निजयन
1:4

پژکژھتھ ھوٚنزِم پوٚپہٕ سیتھ
ژولہٕ کے نار سیتھ وٲلِنج بُزِم
شِنکر لوٗبُم تتمی سیتھ

قافیہ = وُزِم I
بُزِم III
سیتھ II
سیتھ IV

(ب) آیس کمہٕ دِشہٕ تہٕ کمہٕ وَتے
گژھہ کمہٕ وَتے کوٚہ زانہٕ وَتھ
انتس پیٹھ پاپھ لگہٕ تتے
چھم چھنِس پھوکس کوہ سہٕ ماستھ

قافیہ = وَتے I
تتے III
وَتھ II
سَتھ IV

کاشرین ژھندن ہیٚشِرزان نہ آسنہٕ کِنہِ چھیٚ داریا مَن چھانَن
شعرن قافیہٕ غلطی کرِنہٕ آمژہ۔

(ج) آمہٕ پَنہٕ شدرسہ ناوِ چھس لمان
کنہٕ بوزِ دَے میون مٮ۪تہٕ دِیہ تار
آچھن ٹاکین پوز چھم شُمان
زوٗ چھم بڑمان گرِ گژھہ ہا

(his integral energy ستٲری ہیسہ حشر آسہ وُن
سہ چھِ اَمہِ ساری ژھُکھرک وۄجود۔ تَس چھہِ بے شُمار رۄپ پۄز سہ چھُے
بے مُقام تہِ گُنہ)

قافیہ: I بوداش
III دیدارن
II گُمُن
IV وہِزُین

(ب) گوہ موکھ ژتے یوٗد وُے پھل واتے
سحتہ پۄزُن سۄکم اَوِ واد
اَکھ کال اَکھ پُدر واتے
ژوٗدِشن پۄزُن گو کر یاد



(گوہر چھُے پانہٕ زاتش وول اگر ژٔتے گوہ رٹِشند موکھ
اَمہِ زاتٕ ہشرزان حاصِل شیدی تیگیہ چھُے نہٕ کاشہ تہِ پۄزُن۔ نہ چھُے
کانہہ وادِ واد۔ پوٗز چھُ ییمہٕ زِ پۄزاکریٖنج چھتے اَکھ وِز آسان ییلہ
زن ژوٗدِشن پۄز بتہ مُرکہ یاد چھتے پۄرِ شیدان۔)

قافیہ = I پھل واتے
III پُدر واتے
II اَوِ واد
IV کر یاد

لل دید ہِندین واکھن منز تہِ چھُے ژھنیم منز اَسے ییٖچھ
(۱) بُتھے وُن ژٔ ژھیمہ پشکش کل ورتیم

II کری

IV کری

قافیہ: I اُگن

III زن

دوّیم صورتھ سہ

اَشاہ کلینی ژُہتَن پیّیی

بَرَ پڑ کاشے توّاری دَن کرَی

تَنَھ پڑ کاشے اَنَنا ووسَن رِیمی

ساد پیّیی تہ سہز کرَی

قافیہ: I پیّیی

III ریمی

II کرَی

IV کرَی

تریّیم صورتھ سہ

مولَن تَل چھس بوّڈ ناگہ رادا

دوہ دِ رَنگ تہ آمر چیتہ سیتر تَر

گَرشَن بہ اُکھ آشَن وادا

دَرشَن کا سہ دوہ ندیچ ٹھَر

قافیہ: I رادا

III وادا

II تَر

IV ٹھَر

اَمہ واکھچ مِثی صوٗرتھ چھےٚ یہِ۔

آمہ پَتہٕ شدرتس ناوِ چھِس لُٹمان
کَنتہِ بوزِ دَسے میون مٮ۪لہٕ تہٕ دِ ہی تار
آمین ناکین پوٗنی چھُم شمان
زوٗ چھُم یرٕمان گرٕژھہ ہا گار

قافیہٕ:

لُٹمان I
شمان III
تار II
گار IV

لَلہ ہنٛدِ ین واکھن پَتہٕ چھُ رٮ۪شی شُرکین ہُنٛد دور یوان۔ حالانکہ شُرکین ہنٛدی Morpha Farm تہٕ لِسانٛی صوٗرت چھےٚ تِمن اَلگ اَلگ شکلَن منٛز موجوٗد۔ اَتہ چھےٚ نہٕ وُنیکِس تام سام ہیمنہٕ آمٕژ کینٛہہ شُرکو چھِہ چھُمہ پدن تہٕ مہانےٚ پرکاشس لَرلوٗر۔ کینٛہہ چھِہ لِسانٛی ہیٚیتہ بَتہ للہ واکھن تہٕ پرٕانی باسان۔ تہٕ کینٛہہ چھِہ نُنٛدہٕ رٮ۪شہٕ سنٛدِ زمانٕچ نمائندگی کران۔ کہہ ڈینچ صوٗرتھ

اگاد ابود اُگن زالو
اِندا راندَن دَہ کری
ذرٕتھ اَت نزٕ ندرا زلن زانو
ساد پیٚپی تہٕ سہز کری

رَدیف:

زانو I
زانو III

شُن پَدن ہِنْدِ بِن شٕرگِین تہٕ واکھن شُر تہٕ چھُ للہ ماجہ تہٕ نُنْد رێشس یوٚہے سلسلہ اَپنووُمت۔

لل دیدس کینژن رٕنٛز چھے شٔہج بوٚنی
نیر نہٕ ہیر تہٕ شٔہل کرٕ وَسے
کینژن رٕنٛز چھے بَر پیٹھٕ ہوٚنی
نیرِ نہٕ ہیر زنگ کھینہٕ وَسے
کینژن رٕنٛز چھے وٕدٕل گوٚنی
کینژن رٕنٛز چھے زٕدٕل زِہوٚے

قافیہ: بوٚنی I ہوٚنی III گوٚنی V
وَسے II وَسے IV وَسے VI

نُنْد رێشس
ژالُن چھُم وُزمل تہٕ ترٕٹو
ژالُن چھُم مٔنْدٕلین گٹہٕ کار
ژالُن چھُم پان کڈُن گرٕٹو
ژالُن چھُم کھین وُہیتھ گار
ژالُن چھُم پرٕ بُتن کرُن اوٚٹو
ژالُن چھُم شرٕ اَتھس نار

قافیہ: ترٕٹو I گرٕٹو III اوٚٹو V
کار II گار IV نار VI

دوٚن وُچھو اَسی للہٕ واکھن شُرٕ شٕرِی تادِن (Pronouns) تہٕ مارفو فارمن (Morpho farms) ہِنْز وَرتُن۔

نوتنئے / انگنۂ / ایوٗ / گن > ن ۔

زگہِ / جاگرٗ / گرٗ > گ ۔

تیسلہٕ / تیرٕہ / ہرٗ > لِ ۔

کوٗت / کُنتَرٕ / تَرٗ > ن ۔

بَرٗھ / بُجھا / جا > چھا ۔

راتھ / راتیرٗ / تیرٗ > تھ ۔

للہٕ واکھن مَنز گوہ ڈٕ مَنزُس تہٕ اندس پیٹھہٕ اَرِن اَچھرن ہُند

مُشُن (elision)

توٗنتُہ / تنترسےوٕتہٕ / elision / ترٗشےو /

بہٕ / سوٗا / elision / سٔ /

ثٕ / توٗم / elision / و /

لوٗب / لبدھ / elision / دھ /

زوٗن / جیتوٗ ترسنا / elision / ترسنہ /

تیسرٕ / تشار / elision / شا

گَلہٕ / اکپالہٕ / elision / پا /

کوٗر / کُماری / elision / ما /

للہٕ واکھن منز صرفی تحلیل :

" بڑا یوٗہے چھُے وہ پدیش "

(Suggestive sentence with emphasis on Demonstrative pronoun)

پڈوُم < پڑا پتا مَیا + مپلحتہ < مِلتوٗا ÷

للِہ واکھَن مَنز اُرِیٚن اُچھرَن مُشد ہیر پھیرِ

اَکےُ < / ایک ایو/ اسے < اُ + اسے < اُ ÷

یوٗہے < / ایش ایو/ اسے < سیے + اسے < اُ ÷

یُدوٗے < / یُدوٗے/ اُ < اُ + اَسے < سیے ÷

کوسَم < / کُسُم/ اُ < او + ا

اُسی < / اَسحتہ/ اُ < ای ÷

دِشہ < / دِشا/ آ < اِ ÷

دوٗہ < / دِوٗس/ اِ < او ÷

کپوٗل < / کیوٗل/ اسے < ای ÷

زوِنُم < / گیاٗنُم مَیا/ آ < او ÷

بوٗنُم < / راتہ مَیا/ آ < او ÷

توٗسےٗ < / تیتر + شےُ + ایوٗ/ اُ < او ÷

تھُےُ < / یتھا + ایوٗ/ آ < اُ ÷

سورُسے < / سرو + ایوٗ/ اُ < او + اُ < اوٗ ÷

ژوٗر < / چاوُر/ اُو < اوٗ ÷

وُرِیٚن اُچھرَن مُشد ہیر پھیرِ

ہاتےٗ / آتھما ایوٗ/ دِت < یا ÷

تتھےٗ / اتھرٗ/ ترٗ < ت ÷

سَتھ / ستا/ تت < تھ

سوٗرُسے / ہمرَن/ سم < سو ÷

شفیع شوق

# لَلہِ واکھَن ہُنٛد فَن

## جدید تنقیدِ چہِ کٕہو چہِ پیٹھ

مضمونٕک عنوان وُچھِتھ گٔژھہٕ نہٕ پَرَن وول یہِ زانُن زِ
یہِ چھُس جدید تنقیدُک کانٛہہ نظریہ برونٛہہ کنہٕ تھٲوِتھ للہِ واکھَن ہُنٛد
سام ہیُتھ نہٕ للہِ واکھن منٛز چھُس یہِ یژھان کینٛژن برونٛہہ
قٲیِم کرنہٕ آمتین مفروضن ہُنٛد تصدیق کرُن۔ یہِ چھُنہٕ کُنہِ۔ یہِ چھُس
یژھان للہِ واکھن ہٕنٛزِ شاعرانہٕ حسنٕچ نِشتہ تسلیم کٔرِتھ یِمن ہٕنٛز سام ہیٚنٛز
یہِ چھےٚ وارٕیاہ کُنتھ زِ اَتھ سامہِ منٛز واتٕہ میٲنِس نتیجن آسہِ کُنہِ تنقیدی
مفروضن سٟتۍ ہٕشر۔ تنقید چھِنہٕ کُنہِ تنقیدی نظریک ناو۔ تنقید چھِ
اَدب پارٕ زاننٕک، تمیُک حُسن پرزناونٕک تہٕ بیٚیَن ہٕنٛدِ خٲطرٕ یہِ حُسن واریاہ
کرنٕک کانٛہہ خاص رۄیہ۔ آسان یُس پرٛتھ کانٛسہِ نقادٕ سٕنٛدِ خٲطرٕ
مختلف چھُ۔ للہِ واکھن ہٕنٛز یہِ سام تہٕ چھےٚ نتیجہ میانہِ انفرادی رۄیک
یُس سارِنٕے تنقیدی نظریو نِشہِ آزاد چھُ۔ مگر یہِ چھُ ضروٗر واریاہ عالمی
تنقیدی رۄیو کیٚن حِصن تِکیازِ مےٚ چھُ شاعری ہٕنٛد حُسن موٗلانکو نہٕ خٲطرٕ
ضمنی تسلیم کوٚرمُت۔ یہِ رۄیہ چھُ ہیٔتی تنقیدُک رۄیہ، یمہِ مُطابق
شاعری اَکھ تیٚتھ گرٛوٚتھ (STRUCTURE) چھےٚ یُس نثرکہِ




"(بیہ) واٗ ڑیس تیّلی ڑ کاشکس ٿھان"

( Conditional affermative sentence)



چھ ییٚنہٕ کتابہٕ ہٕنٛزٕ پوٚت کنِتھ منٛز لیکھان :

" سائنٛز آخری راے چھےٚ ..... زِ ہیٚتھ چھےٚ تیتھ پاٹھو

پٲغامس وِہاٹھ کران تہٕ اَتھ منٛز تحلیل سیدان، ییٚتھ زَن اَکھ نیٛشتھ مانے

بارسس چھُ پیوان یُس مُبہم پٲغامہٕ نِشہٕ کیٚنٛہہ بیٚیوٚن النکارٕ Ornament

نِشہِ زیادٕ ہِنٛزوٚن تہٕ زیادٕ ٹھوس چھُ آسان۔"۱

شاعری ہٕنٛزٕ ہیٚتھ چھےٚ کانٛہہ ماوراًیی ووٚجوٗد بٔلکہ اَکھ ٹاکارٕ

ووٚجوٗد ییٚمیُک مُطالعہ، مُشاہدٕ تہٕ جاییزٕ سیٛدِ سیوٚد ہیکہ کرِتھ۔ ییٚتھ ہیٚتھ

چھےٚ حرٛفَن ہٕنٛزا اَکھ پیچیدٕ ترتیب آسان۔ یہِ چھےٚ خٲصیت چھےٚ اَتھ

سائینسہِ نِشہٕ بدوٗن کران۔ بقول رینسم :

سائینٹِفِک تولُک چھُ حرفین خالِص علامژَن ہٕنٛز۔ مگر فنّک

تولُک چھُ لازِمت ( یُم دوے حرفین ہٕنٛز ) حرفٕ اِشارَن ہٕنٛز آسان۔"۲

جدید تنقیدِچ کام چھےٚ ییٚمنے حرفٕ اِشارَن Iconic

Signs ہٕنٛزن خاصیژَن تہٕ ییٚمن ہٕنٛدِ ورتاوٕ ہٕنٛز پاٹھی گمژَن

شاعرانہٕ خوبین یا خامیین ہٕنٛز بحث کرُن۔ لِہٰذا اَکھ ہٕنٛزِ یہ سام چھےٚ

اَمی تراِ یہٕ۔

لِہٰذا اَکھ ہٕنٛزِ ساریے پھیرٕ وٕ خاصیژٕ زانٛنہٕ خاطرٕ چھُ گوڈنیچھے

لِہٰذا اَکھ ہٕنٛدِ لاثانی اِختصارس سٕتی منوٗر روری۔ تکیاز یہ اِختصار چھُ

---

1: W.K. Wimsatt & C. Brooks, Lite-rary criticism A short history

2: Jhon Crow Ransom. The New cri-ticism.

کرنہٕ نِشہٕ ترٛڈین مختلف چھُ ۔ ہیٔتی تنقیدِ ہِنٛز تعریف کینژھ پٔژھ
ہمان یِہ ہیٔتی تنقید تہٕ چھُ اکھ مربوط نظریہ یتھ پٲنٛژھ بنیادی تہٕ بدٕ
اصوٗل آسن مگر بیٹھِلہ Ransom ، Richards
Simpson ، Winters ، Eliot بیتر موین ہیٔتی
نقادن ہُنٛد تنقید پران چھِ ، اَسہ چھُنہٕ اَمہ رایہ ورائے بیٚیہ کُنہ کینژھ
تہٕ پٹھ اتفاق نظر گژھان ، بلکہ چھُ تضاد ے یوت ۔ لیٖہذا باسہ للہ
داتھن ہُنٛدِس ہیٔتی نِس جایزس منٛز تہٕ یِہے اکھ کتھ ہیٔتی تنقیدِ رس
سٮ۪ٹھاہ ورٕ شاعری چھےٚ ہیٔتھ نہٕ زٕ موضوٗع ۔

جدید تنقید چ یِہے اکھ راے چھےٚ اَتھ قدیم تنقید نِشہ بیۆن
کڈان ۔ قدیم تنقید بینتہٕ شاعری ہنٛز معمولکون کرنہٕ وزِ پننٛ بحث صرف
موضوعس تامے موٗحدود اوس تھوان تہٕ ادبُک بجر تہٕ حسن اوس ذاتی
پسند تہٕ ناپسند پیٹھ دارِ مدار تھوان ۔ تنہ چھُ جدید تنقید ادبچ معمولکو
کرنہٕ وزِ پنُن بحث صرف ہیٔتس تامے موٗحدود تھوان ۔ جدید نقاد چھُ
مانان زٕ موضوع چھُ شاعری نِشہ آزاد پننٛ الگ وجود تھوان تہٕ اکہ کُھنہٕ
زیادٕ شارن یا نظمن منٛز برابر ہیکان آسِتھ ۔ تمہ برعکس چھےٚ شاعری
ہِنٛز ہیٔتھ اکہ سے شارس یا نظمہ تام موٗحدود آسان تہٕ تمہ نِشہ الگ
روزتھ چھُنہٕ اَتھ کانٛہہ وجود ۔ شاعری ہِنٛدِ خاطرٕ چھےٚ ہیٔتھ سورُے کینٛہہ
شاعری ہُنٛد حُسن چھُ ہیٔتہٕ ہُنٛد حُسن ۔ شاعری ہُنٛد قبح چھُ ہیٔتہٕ ہُنٛد قبح
یِہ وُنُن تہٕ گژھہٕ نہٕ ذیوٗٹھ زِ ادبس منٛز چھُ موضوعک حُسن تہٕ ہیٔتہٕ ہُنٛد
حُسن ۔ شاعری منٛز چھُ موضوع ہیٔتہٕ منٛز تحلیل سپدِتھ اکھ تِژھ وحدت
بناوان یتھ منٛز جُزن بیوٚن کانٛہہ اہمیت چھنہٕ ۔ وِستارٕ تہٕ برعکس

اژھین چھیہ۔ پرٛتھ کانٛہہ مصرٕ چھُ پننہِ جاے ضنوٗر وٕرۍ تہٕ پننہِ جاے مکمل
تہٕ تیٚتہٕ الگ پاٚٹھۍ تہٕ چھُ فنی تکمیلک احساس دِوان۔ واکھکۍ ژور مصرٕ چھِ ژوٚر
اکایہ آسان تہٕ یکہٕ وٕٹہٕ رٕلتھ چھِ اکایہ وحدت خلق کران یوسہٕ سون
ظلوٗن ترکیبی اکاے پیٚن گژھنہٕ بجان بلکہ گمہکم حسین انگیہ یکتیس
(Organic Unity) کُن۔ وہمہٕ گو تجزیاتی مطالعہ
خاطرٕ چھُ امہ یکتہٕ کین بیٚون بیٚون انگن تہٕ ستن ضنوٗر وٕرۍ پیوان۔
للہ واکھن ہٕنٛد اختصار چھُ جذباتی مانے خاطرٕ زی (Suggestivity
ہٕنٛد اختصار یُس للہ آفاق (Universal) کنہٕ نتہٕ
کُنہٕ خاص پس (Particular) منز ویٚپراوتھ پرٛؤ مت چھُ یہ
قہوٕ وتھ چھُ کم زیادہ پرٛتھ شاعرس حاصل آسان۔ مگر للہ واکھن منز چھُ
للہ ہٕنٛد یوٗہے قوٕوتھ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔
۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ پرٛتھ کُنہٕ واکھس منز دٕریشٹھ گژھان تہٕ
یمن واکھن چھُ عامیانہٕ وٕ تمہ ژینہٕ بلند کران۔ یہ کام چھے تمیس
شاعر سٕنٛد خاطرٕ واننے کرِیتھ بنان یمیو منز آواز آسہ یا سہ عوامی آواز
نکھہ آسہ تہٕ بیٚیہ یا سہ آسہ شاعر اکھ اجتماعی آواز منو تمن غار ماروٗف
تہٕ انزانٛز (Unexplored) رانن ہٕندس تلاشس منز یمن
ہٕنٛد تولُق صرف شاعر سٕنٛدس ذاتس سیتی آسہ۔ ذاتی تجربن تہٕ اجتماعی
عقیدن درمیان کُنہٕ حدس تام ہشر اگر کرنہٕ خاطرٕ چھُ شاعر پننہِ جاے
پرٛتھ کانٛہہ باوژبل تہٕ باوژ وٕل کامہ لاگان۔ یہ ہیکہ تہٕ بجو تھے زشہ
ہیٚکہ پننو تخیلی بازیاف اصلی حالژ منز۔ گنٛیک چھُہہ لگتہٕ ورٲے
پیش گژھتھ۔ شاعر چھُ پننو تخیلی بازیاف دِژ ہیٚت ہینہٕ خاطرٕ قابل فہم

باقی سارنے خاصیژن ہٕنز بُنیاد. لل واکھن ہُنٛد اختصار چھُنہ تفکُر
دیُت یئیمہ موجب زن لفظن ہُنٛد سختی سان انتخاب آسیہِ کرنہٕ آمُت
یا تفصیل آسیہِ ہن کم کھوتہٕ کم ورتاونہٕ آمُت تہٕ نہ چھُ یہ اختصار واکھن
ہُنٛد ژور مصرعی (کینژن واکھن منز چھِ ژور کھوتہٕ زیادٕ مصرعہ تہٕ) شاعر جنہِ
ہُنٛد داخلی کردار. یہ چھُنہ ضروری زِ جنسہ ہُنٛد اختصار گیا آسہِ
اظہارُک اختصار تہٕ. مثلن رباعی چھے ہمیشہ ژور مصرعی آسان. مگر سایہ
واد رباعیہ چھے اَز تام ترژھ نیکھنہٕ آمژ یمن منز اظہارُک اختصار
پاد چھُنہ ہیو کمُت سپدتھ. تہٕ رباعیہ متعلق چھے یہ کتھ برقھ نیہے عام.
(یہ سہٕ اکھ غلط رائے چھے) زِ اکیس گۄڈنکین ترٛین مصرعن ہُنٛز
اصلی کتھ گژھہ ژوری مس مصرس منز بروٚنٛہہ کُن ییٛن. یتھے کتھ چھہ
رباعی وزن والی غلط پاٹھی زانتھ رباعیہ ہنٛدی گۄڈنکو مصرع ضروری
تھاوان. رباعیہ منز سے یوت چھُنہ یہ سپدان بلکہ غزلس منز تہٕ نظمہ
منز تہٕ نثری ادبس منز تہٕ. غزلس منز یہ عام خاصکر تھٕ تمن شاعرن
ہنٛدین غزلن منز سپدان ییم کانٛہہ جو بعضو کورتھ قافیہ تہٕ ردیف ذہنس
منز تھاوِتھ شار چھہ لیکھان تہٕ پیٹھہ پاٹھی چھہ شارُک گۄڈنیُک مصرع
تہٕ دوٚیمہ مصرک اکثر لفظ ہربیمانہ آسان. ییتھے پاٹھی چھہ کینژہ نظم نگار
اصلی کتھ نظمہ ہنٛدیس آخری بندس تام پلہ تھاوِتھ غار ضروری عبارت
بران روزان تہٕ آخرس پیٹھ کتھ لیتھوب تکلان —— لل واکھن منز
چھُنہ کُنہ تہٕ جایہ یہ فنی عام نظر گژھان. لل واکھن منز چھُ خیالے کانٛہہ
مصرعس تیٛتھ پیٹھ امہ بروٚنٛہہ مصرک وضاحت آسہ. لل واکھن منز چھہ پیدہ
کانٛہہ مصرع بلکہ پرٕ تھ کانٛہہ لفظ گرٕتھ ژٕرٕتھ ساختک (SETU CENTE)

یِمھِ استعارٕ چھِ لازمی مَن کمزور روزان تکیاز یٔرن وٲلِس شِندِ خاطرٕ چھُنہٕ تلاشہِ خاطرٕ کانہہ گُنجٲیِش روزان تہٕ اَتھ سیٖتی چھِ مانوی امکان کَم گژھان۔ اَمیُک وجہ چھُ یہِ آسان زِ استعارٕ کِنۍ جُزیاتَن تصوُّر (concept) تہٕ مورٕ وُحن چھِ ترٕ لوٚر روزِتھ وضاحتھ پٲدٕ کران۔ اَتھ برعکس چھِ للہٕ واکھَن ہِندۍ استعارٕ علامژ نِچہٕ پوان تکیا زِ یِمَن منز چھُ استعارٕ کیو تریٚیو جُزو (تصوُّر، مورٕ وُحن تہٕ رِشتیچ بُنیاد) منز صرف اَکُے جُز یانے مورٕ وُحن نوٚن روزان تہٕ تِمَو سوٗرُے کینژھہ چھُ پٔرن وٲلِس پیٚٹھ ترٲوِنہٕ پوان۔ مثلَن:

ماچِھو ہارِ تِچہِ پٔیِر ژٔکان گوم  
اَکھ چھان پیوم یِتھ راز دانے  
منز بانگ بازرس قُلفہٕ روٗس وان گوم  
تیٖرتھ روٗس پان گوم کُس مالہٕ زانے

یِمھَس استعارَس منز چھےٚ پٔرن وٲلِس کرِتھ تلاشہ تہٕ تشویقہ خاطرٕ وارِیاہ گُنجٲیِش روزان۔ خارجی منطقہٕ کِنۍ چھِ واکھِکۍ ژور شوٗرے مِصرٕ ژور بٔڈ واتھٕ استعارٕ پیش کران۔ ژورشوٗرے مِصرٕ چھِ ژور مختلف پیکر پیش کران۔ مگر واکھَس چھُ پنُن اَکھ داخلی منطیق، یٔمہٕ کِنۍ ژورن استعارَن ہُنز یہِ ترکیب ممکن چھےٚ سیدیٚمژ وِرٲژھنہٕ روٗس تہٕ ہیٚکہِ اَکھ ہُشار پٔرن وول ژھانڈتھ زِ یہِ کرِتھ تہٕ چھِ یِم ژور استعارٕ اَکی تجربیچ باوتھ کران۔ مگر تو بہٕ چھےٚ یہِ ترکیب اَکھ کُٹھ سوال بنِتھ ذہنَس منز وارِیاہن جوابن وُتِش دِوان۔ کانہہ تہٕ اَکھ جواب چھُنہٕ تسلا کران۔

تہٕ اَہم بناونہٕ خاطرٕ یاتسٕ اَنٛدرٕ یِکھو وۄنٛن دِتھ' کٲینا تکِس پٔرِتھ جہتسٕ ژھاٲنٛڈ دِتھ تہٕ پَتھ کالسٕ تہٕ بییٚہ کالسٕ زٲلِ دِتھ تِمَو مورٕوِ تھٕ ژھایرِتھ اَمان یِم تِمو ہیٚنٛدِس تخیٖلی بازیافتس ترجمہ کٔرِتھ خارجی صوٗرتھ ہیکن عکس ژھتہ۔ لل دیدِ چھہٕ اَتھ گۄڈٕ کامہ منٛز استیارک وسیلہٕ تِمَن مَنٛزٕ مُوافِق زونمُت۔

اِستیارٕ چھہٕ للہٕ واکھَن منٛز ہیٚیٚرٕ ہُنٛد دۄیُم ناو۔ لل آسہٕ بے شمار وَتَن وِزِ شاید ینیہ جایہ واتان زِ تھنٛد کھوٗتہٕ تھوٗد رُوحانی تجربہٕ تہٕ چھُہ توٚتام دوٚی مین ہیٚنٛدِ خاطرٕ بے اثر تہٕ بے مطلب یوٗتام نہٕ سۄ تجربہٕ کُنہِ وِنیٚدِس مورٕ وِ تھنَس منٛز وٕچھیراوِتھ پیش یِیہٕ کرنہٕ۔ اَوٕ کِنہٕ چھہٕ للہٕ واکھَن منٛز باسان زِ شاعرس چھہٕ استیارس سیٚتہٕ مکمل commitment۔ اِستیارٕ چھہٕ للہٕ واکھَن منٛز روحانی تجلیاتَن ڈرامایی شکل دِتھ زانٛتس ماننس اصلی کام کٔران۔

للہٕ واکھَن ہِنٛدیٚن اِستیارَن ہُنٛز کیٚنہہ خاصیَژ چھےٚ خاص کٔرِتھ توجہ منگان تہٕ بیےٚ کیٚنہہ خاصیَژ چھےٚ تِمو ہیٚنٛز شاعری تِمو ہیٚنٛدِس ہم عصر شاعر شیخ العالمؒ سٕنٛزِ شاعری نِشہٕ بدوٗن کران۔ یِمو منٛز چھےٚ اَکھ یہ زِ للہٕ واکھَن ہِنٛدی اِستیارٕ چھِنہٕ وضاحتی یِتھ پاٹھۍ زن شیخ العالمؒ سٕنٛدی اِستیارٕ چھِ مثلن:

موت چھےٚ سِہہ (موت = سِہہ)

آدن سوٚنتھ چھےٚ (آدن = سوٚنتھ)

کیٚنژن رٕژ چھےٚ شیٚچھ بۄنۍ (زنانہٕ تہٕ شیٚچھ بۄنۍ)

پہ ز پڑتھ واکھس منز چھُہ کانٛہہ نتہ کانٛہہ زوردار پیکر جنوٚرورِ آسان

استیارٕ ہیٚکہِ پیکر روٗس تہٕ اۭسِتھ بُتھن ہیٚرٕ و مہ واکھ کس ژوٗرِ مس

مصرس منز استیارہٕ :

تیپر تھۆ روٗس پان گوم، کُس مالہ زانے

اَمہِ قسمکۍ استیارٕ چھہِ محض منطقی بُنیاد پیٹھ دۄن چیزن

یا دۄن تصوٗرن پانہٕ وانٛگی مشر ہاوان مگر پیکر نہ آسنہٕ کِنۍ چھہٕ ہیکان

پرٛن وألی بُنٛد کانٛہہ حسس آوٕ راوتھ۔ یتھۍ استیارٕ چھہٕ ٹیٚٹھ پأٹھۍ اثر کرنس

منز ناکام روزان۔ یہ چھےٚ تقریمن "زٕ تہٕ زٕ گےٚ ژور" ہش کتھ۔ مگر لل دید

ہِنٛزِ شأعری منز چھےٚ پیکرن ہنٛدِ آسنہٕ کِنۍ مجرد دیتھ پأدٕ گمٕژ۔ للہ چھہ

پرٛتھ کُنہٕ قسمکۍ استیارٕ ورتأوی متۍ مگر یمن منز چھہٕ عام پأٹھۍ مجرد استیارٕ

یمہ زن تمۍ یِشہٕ تخیلکۍ بازیاف تہٕ مُبہم تصوٗر ٹھوس موٗروِ چھنن ہِنٛزِ شکلہِ

منز پیش چھہٕ کران۔ یم چھہٕ تمیٚ مجرد باسان زِ چھُنہٕ تہٕ ہیکو کٔھ۔

کیاہ بوٗڈکھ مۄہس بوٕ سوٗدرٕ ذرٕ ے

سوٗرتھ لۄرتہ پٮ۪ٹھۍ تمہٕ پأنکھ

●

نابدی بارس اٹہٕ گنڈ ڈیٖول گوم

دیہہ کاڑ ہیٚوٗل گوم ہا کیاہ کرٕ

●

مشد چھہ ہأنکل کرٕ ژینٛتھم

یلہ ہیٚدٕ ڈُن گیلن اُشن پراوِ

۱۔ واکھَس منز چھُ واحد متکلم صیغہ وَرتاونہٕ آمُت۔ مگر متکلم کُس چھُ؟

۲۔ متکلم چھُنہٕ پانہٕ شاعر، تکیازِ تمۍ سُندِس اَکھتس منز چھے کمان۔ تہٕ روزُن گیشت چھُس محل (یُس دوٚیے ناپایدار چھُ) تیلہِ چھے یہ کانٛہہ شہزادس متعلق کتھ۔ شہزادہ کیازِ؟

۳۔ متکلمس چھے گرٛز منز یاگ بازرس قلفہ روٗس وایُن باش آما وانکُس مُشکیاہ چھُ یتھ ژوٗر ہمیشہ خطرٕ چھُ؟

۴۔ متکلم رٚود زیارژ نشہِ موٚحروم۔ کیازِ؟

و۔ تمس اُس نا زیارژ یاد پے؟

ب۔ تمس اوسا بیٚیہ کانٛہہ آوریر؟

ج۔ شہ گوٚو زیارژ کرنس منز ناکام؟

یمے چھِ تمم سوال یمو رحمان راہی صابن اَکھ واکھس منز دُرپرچہ اَکھ افسانہٕ وچھنک ظوٗن دِیتُمُت[۱]۔ یہ چھُس نہٕ یتھ جاپہ اَمہ واکھک رٕوحانی تجربس پیٹھ تبصرٕ پڑھان کرُن۔ مے اوس یتے ووٚنُن زِ تفصیل سان آسنہٕ کنۍ، واکھس منز احساسن ہُنز گنٛیر کنۍ تہٕ ابہامہ کنۍ چھُ یہ واکھ عظیم شاعری ہُند رتبہ حاصل کران۔

للہٕ واکھن ہُندِ استعارن ہُنز بیاکھ پھیرہاو خاصی یتھ چھے

---

۱ پروفیسر رحمان راہی "کینژن للہٕ واکھن ہُنز تنقیدی وِژھنے"
(لل دید سیمنار۔ ۸ نومبر ۱۹۷۹۔ ٹیگور ہال)

أزی کین کینٹشن محققن تہٕ عالمن ہنٛز شار فہمی ہنٛز ویرٚتھ یہٕ ژم چھ للہ
واکھن منز شومتک کیٛتھ اصطلاح وٕچھیتھ فاعلہٕ بذات کرٕتھ یٕ پرٕتھ کانٛہہ
للہ واکھ چھ شومتک (کینٹشن ہندٕ ونیٛہ تصوفک) کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ فلسفیانہ
اصول پیش کران۔ یہ چھ پۆز زِ للہ واکھن منز چھ شومتکۍ کیٛتھہ اہم اصطلاح
ورتاونہٕ آمتۍ مگر شاعری منز ییتھ چھ یم اصطلاح ۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔
بنان ییٚلہ زٕ فلسفس منز ییٚمہ اصطلاح ۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔ آسنہٕ
رکھو گنہٕ مخصوص موضوعس تابع مۆد چھ روزان۔ یہ چھ للہ واکھن
منز یوٚہے تخلیقی قوت یٚمہ زیم چھ أزتہٕ سرتازٕ۔ یہنٛز افادیت چھے تہٕ
قایم ییٚلہ زٕ شومت کرتام ألماریَن منز شوب چھ بنیومت۔

پیٚکرن ہنٛز نامٕسی ٹُرِ ہنٛز ہٕنٛز یاٗزٕ پٮ۪ٹھ تہٕ اکثر چھو للہ واکھن
منز چھ پرٕتھ گنہٕ قسمک استعارٕ موجود مگر ییمن منز چھ اکثر ریٚتھ حسس تہٕ
توٚت تھاوان۔ سو چھے ذٔنی ییٚمس پرٕتھ گنہٕ ہنٛزس أکس شاعرس ہنٛز واچھو
وُچھان پرکھاوان تہٕ پننین نیرٕل رۆحانی تجربن باوژ خاطرٕ ژارٕ امہ
للہ ہندس گنہٕ تہٕ استعارس منز چھ ٹہٕ جبرک احساس گژھان۔ تمیاز ژھوٚ ہندٕ
استعارَن ہنٛدی بصری تفصیل چھ یاٗدٕ پانے پننس سیاقس خروٗسی تہٕ وارٕ پاسکٕ
مانے ووہ تلاوان۔ پٔرٕٹھ کانٛہہ مثال چھ نظر گژھان ییٚتہ منز تہٕ احساس
گژھو ہے یہ شاعرن چھ بصری تفصیل پنٕ موضوع پاگراونہٕ خاطرٕ یہہ أذ ورتو۔
للہ واکھن منز چھے بصری تفصیلے موضوع ۔۔۔۔ چھ ہماہ کران۔ للہ واکھن
منز چھے مور وٚنس مکمل خود مختاری حاصل۔ استعارٕ ہنٛد پیٚمنہٕ
یہہ گژھ تہٕ مشکہٕ ٹُلٕ کرٕ چھ یہ أکس تخلیق کار ہنٛزن کوشش ہنٛد نتیجہ۔ أمہ

ژھیتھ تھورگ گگنس ژریہ ووٚن
نمیشہ اکہ ژھشٕرٕ بوزنہٕ لُچھ
ژھیتھ وگہ بود رٔبنتھ زون
ژران اٲیان سندٲ رٔتھ یچھ

پرزٕ چھُ یی زِ شاعرس ہُنٛد کام چھُے یِمَے زِ سُہ چھُ۔

"..... gives to airy nothing
A local habitation and a name"

لل دیدٕ اوس پننین تخیُلی بازیاگن "مقامی سوکونتھ" تہٕ ناو دینک بے پناہ قوت وٕتھ حاصل تہٕ امی قوت وجہٕ سٟتۍ چھُے سہ مومنو کُن ہیکنہٕ ہنٛد روٗپ دِتھ۔ تمی سٕندِ خاطرٕ اُس یہ کام زیادٕے کٔرِتھ تکیاز سہ اُس اکھ تۍژھ شاعرٕ یمیس انسانہٕ سٕندس ییتھ دُنیہس منز صورتٕ حالس متعلق کیتھ وُنی اوس۔ سہ اُس پننہ شاعری منز اکھ خاص یا عام ییژھان باوُن۔ یہٕ یا عام تمی سٕنٛدِ بصیرژک تہٕ ادراکک نتیجہ آسنہ بجر تمی سٕنٛزِ پننہٕ انفرادی وُچھن ترٲے۔ مگر للہ ہنٛد وق اوس سُہ وق ییلہ زن اجتماعی یژھ تہٕ دُرجو یاد تھاوان اُس تہٕ تمہٕ یژھ ہنٛزٕ زبان تہٕ تمکو اصطلاح اُسی لُوکن منز عام۔ یِمَے زبان تہٕ یِمَے اصطلاح اُسی باوتھ کرنہٕ معہ کھ للہ میسر۔ اُکنہ اوس پننہٕ انفرادی آواز عوامی آواز بنیہ بدون کہرٕ نۍ سیٹھا مشکل۔ ییژٕ وٕرتاوٕ کنہ اُس یہ زبان سبے مارٕ نیتس نکھ وٲژمژ۔ للہ پانہٕ ناو باوژ ہنٛدِ خاطرٕ یِمَے زبان۔ للہ بخشن اتھ نوٚو استعاراتی مانے تہٕ پننہٕ شاعری تہٕ بچاؤن منظوم فلسفہ بنس نیشہ۔ یہٕ چھُے

شاعری قوّتیچ مثال چھُ پرتھ کانٛہہ واکھ۔

دوٚیمہِ کتھہِ ہٕنٛز للہ واکھن ہنٛدین استیارن ہنٛز ہیٚکیس اَکس
شاعرٕ سٕنٛز کن اشارٕ کرتھ۔ یانے استیارٕکین بصری تفصیلن منٛز Iro-
nical congruity ہنٛد عنصر۔ امہ عنصرٕچ بُنیاد چھےٚ مہیا کرن وجہس
(cause) تہٕ نتیجس (effect) منٛز بالکل تضاد وُچھ۔ یُہے تضاد
چھےٚ Irony پاداہ کران تہٕ Irony چھےٚ للہ واکھن ہنٛد شاعرانہٕ
روح۔ اَمکہ ورتاوٕ سیتی چھہ اکثر استیارٕ طربناک بنیمتۍ۔ مگر یِمے طربناک
استیارٕ چھہ انسانہٕ سٕنٛد المناک صورت حالکۍ اینہٕ۔ للہ واکھن منٛز چھہ طربیہ
تہٕ المیہ رلتھ اکھ خوفناک مزاح پیٚدا گژھان۔ کنگ لیرس منٛز (King
Lear) منٛز چھُ ولسن نایٹن (Knight Wilson) اَتھ
مزاحس (Comedy of the Grotesque) ناو دیتمت۔

تٕلہ چھےٚ زیٚشن تےٚ پیٚٹھ چھُکھ نژان
وٕنتہٕ مالہ مٔن کیتھ پرژان چھےٚ

یکدم چھےٚ اکھ Nightmare ہیش کیفیتھ پاداہ گژھان
اَتھ بُنیاد چھےٚ سوٗے المناک Irony یوس یتھ کائنات منٛز
انسانہٕ سٕنٛدِس مقدر ... سیتۍ وابستہ چھےٚ۔ مگر امہ حقیقتہٕ ہنٛد Ironic
آشتن تمہ سے فردس سٕنٛد شاعرٕ کس امہ حقیقتہٕ ہنٛد اکھ جزٕ اسنہٕ تہٕ امہ نِشہ
دوٗر سپدتھ امیک جایزٕ نِتھ ہیکنہٕ۔ اَتھ استیارس منٛز چھُ اکھ سہٕ دوٚیمہ
Anguish ظاہر گژھان آشت تکیازِ امکان چھہ ساری ختم گژھتھ باسان
امکانن ہنٛد ختم سپدُن چھُ Anguish پیٚدا وان تہٕ خوف (Fear)

گژھان تہٕ فأعِلاتٕ شُند مٕن تہٕ چھُہ پاک سٕپدان تہٕ تِمو شعرٕ تن تہٕ ــــ واکھ
خاطرٕ چھُہ مشرِلی باتن ہُند آہنگ ژارنہٕ آمُت تہٕ زیٹھو زیٹھو سعرٕ چھُہ تاثرٕ
ہُرراونس منٛز مددگار ثابت سٕپدان۔ واکھ چھ درپردٕ جنیت تہٕ چھُنے برمحل
کینژن واکھن منٛز چھِنے لل دیدِ معن زٕ متضاد پیکرٕ لوٗرِ تھاوِتھ
وضاحتی عبارتھ برنہٕ وراٴے پننٕ کوٚ پٔچھمُت اثر پاد کران بلکن بوجہٕ کینہ
ذریع واکھن منٛز ووچھولل دید کیتھہ پأٹھی چھُنے ووٗ جوٗد چہ تہٕ فنا بیچار اضافیتٕ
پیچھ پنینی پرٛتھ ظاہر کران۔ سُہ چھینہ ووٗجوٗد چہ گُتہٕ تہٕ صورژ حتمی زانان بلکہ
ووٗ بیچِ مہ صورژ ہُند اکھ مشرِل:

ڈمی ڈیٹھم نَد وُہہٕ وٕنی
ڈمی ڈیوٹھم سُم نتہٕ تار
ڈمی ڈیٹھم تھٔز چھولہٕ وٕنی
ڈمی ڈیوٹھم گُل نتہٕ خار
ڈمی ڈیٹھم گژ دزٕ وٕنی
ڈمی ڈیوٹھم دہ نتہٕ ساس
ڈمی ڈیٹھم پانڈون ہُنز ماجی
ڈمی ڈیٹھم کرٛاجی ماس

ییم ساری بٕیون بٕیون کیتھہ کرِتھ تصویرٕ چھِہ پیکہٕ وِیٚتہٕ رِلیتھ اکھ فنی
وحدت بنان تہٕ شاعری چھِنے بیانہٕ بأزی رٛنبہ دامن زٕچھان۔ ییمن منٛز چھُہ
پرتھ کانٛہہ تصویر پننہٕ جایہ مکمل آسِتھ اکھ اکأئی مگر بٕیون بٕیون روٗزِتھ چھِنہٕ
ییمن تصویرن کانٛہہ تہٕ مانے۔ یہِ ہُند مانے چھُہ ییمن ہُند پانہٕ واٴنی تضادٕ ستو
پاد گژھان۔

ژۄرس آیہ نیزٕ ژنگہ گنڈنہٕ۔ مکانکی ساری دروازٕ تہٕ دارٕ آیہ بنٛد کرنہٕ تہٕ مکانہٕ کیس
اندریمس اکس لوکٹس کٕٹھس منٛز آو ژۄر وانناونہٕ تہٕ اَتی گوٚ رہس زبردس
شلکھ۔ یرٕ کانٛہہ یرٕ وول ہیٚکہ پانہٕ مۄحسوس کرِتھ زِ واکھک صوتی آہنگ
کوتاہ قریب چھُ اَتھ منٛز باونہٕ آمتس ڈراماہس۔ واکھس منٛز چھِ کینٛہہ اشارٕ
مۄجوٗد یِم ہاوان چھِ زِ یہِ ڈراما آو روٗحانی سطحس پیٹھ گنڈنہٕ۔ ژۄر چھُ انسانہٕ
سُنٛد نفس یُس رحس پکران چھُ۔ مکان چھُ انسانہٕ سُنٛد جسم یمکی برٕ تہٕ دارٕ
حواس چھِ۔ اندریم کُٹھ چھُ انسانہٕ سُنٛد دِل۔ تہٕ ژۄرس چھُ "اومکہ کمچہ" سیتی
شلکھ دوان کرنہٕ۔

یہ اوس ژۄرس سیتی شاعرٕ سُنٛد رُوی یہ۔ وۄنہِ وچھوٗ نیس
محبوبس سیتی کیاہ رُوی یہ چھُس:

پوٚت زوٗنہِ وٕتھِتھ موٚت بولہٕ نووم
دگ للہٕ ناوم دیہہ سیتہِ پرییے
للہٕ للہٕ کران لالہٕ وُز نووم
میلِتھ تس من شرہٕ ژیوم دیہے

گوٚڈنیتھے چھُ وصلکہ سانک انتخاب تارِیفس لایق۔ راتھ ہُنٛد
پتیمہ پہر پیٚلہٕ زوٗن لوستس نیار چھےٚ آسان تہٕ سری یہ کھستس چھُ یمے
کال آسان۔ ژٕہ پاری چھُ ژھعہ یہ یمیُنٛد عالم۔ شاعر چھےٚ پنُن دل وُز ناوان،
یکیا زنہٕ چھُ پنٕنس محبوبس سیتی وصل کرنہٕ خاطرٕ کرٕ یشان آسان۔ آمہ
پتہٕ چھُ پنُن محبوب نیٚنٛدرِ تلنک نوٗزک مرحلہ تہٕ شاعر چھےٚ اتھ منٛز
کامیاب گژھان تہٕ امہ پتہٕ چھُ وصلک ژیٚہہ۔ دوٚن حقیقتن چھُ مثیل

اَسان گنڈان سہز پرٛوُدُم
دَپہٕ نٕے کوٗرُم پانس شرٕے

یہ چھُ پوٗرٕ ہے Paradox یتھ لل "موت" چھےٚ وَنان تہٕ پوٗرٕ ہے چھُ موتہٕ چہٕ تخریبی عملہٕ ہُنٛد پٔرٕ اسرار تہٕ تعمیری پہلو. موت چھُ تلاشُک منٛزِلِ حٲصِل. صوٗفیو چھُ اَتھ حٲصِلس 'فنا' ناو دِیتمُت. موت چھُ یتھ پٲٹھۍ تکمیل پراوٕنُک گٕنٛڈٕ وسیلہٕ. (یہ پٔزرٕ اَسہِ ژھٔنٛڈٕنۍ تفاوُت ز موت چھُنہٕ للہِ ہٕنٛزِ نَظرِ منٛز محض جِسمٲنۍ موت یا خوٗدکشی بلکہ بالا حقیقتس ستۍ واصِل گژھُن.)

لل بو ژایس سومَن باغہ بَرس
وُچھُم شِوُس شکتہ میلتھ تہٕ واہ
تتی لیٚے کرٕم امرتہٕ سَرس
زِنٛدٕے مَرس تہٕ مے کرٕ کیاہ

موتُک یہ تصوُر چھُ رِوٲیتی مذہبی تصورٕ نِشہِ بِلکُل مختلف. یتھ پٲٹھۍ لل پانہٕ تہٕ وَنان چھےٚ:

شاستر بوزتھ چھُ نہ ہےٚ گرٛوٚٹھ

کیتھہ واکھ چھِو یِمن منٛز جستجوُک اسطورٕ شٕنگ پٲٹھۍ باوتھ چھُ لبان:

آیس کمہِ دِشہِ تہٕ کمہِ وَتے
گژھ کمہِ دِشہِ کوُ زانہٕ وتھ
انتہٕ داے لگِمے ستیٚتے
چھیٚنیس پھوکس کانہہ تہٕ نو ستھ

کأشرِ بِدِس شاعرِ سِنٛدِس کلامس ییٚلہٕ کُلس پیٹھ سام چھےٚ ہیٚنہٕ
یِوان ضروٗر چھُ کأشرِ نٔتہٕ کأشرِ یا چھِ اکھ کھوتہٕ زیادٕ استیعارٲتی نظام
اَتھ یِوان۔ مگر للہٕ واکھن منٛز چھےٚ دٔپتھ یہ زٕ لل دیدِ ہِنٛدِ بیشتر کلام چھُ لیکھنس
تَل نہٕ پینہٕ کِنہِ روومُت۔ وُنی کین چھُ کُل 258 واکھ موجود یِمن مُتشد
ووٗثوٗق چھ۔ سان اُسہٕ ڈٕھ ڈٕ آسنتھ واکھ للہٕ ہِنٛدی زٕ اُسنتھ ہیکو کھہ یِمنے کینژن
واکھن منٛز چھُ مرکزی استیعاراتی نظام تلاش کرُن — میأنی کِنہِ چھےٚ
اَمہِ مرکزی استیعارٲتی نظامچ بُنیاد اسطوری جُستجو Quest-Myth
پٮ۪س اکثر واکھن منٛز بادُتھ چھُ لبان۔ لل چھےٚ پننِ وجوٗد ہیتھ کأینات
پٔرتھ کأشرِ جُز پننِ اصلی مرکزس نِشہِ ژھینہٕ گومُت ڈیشان۔ ییٚمہِ کنہِ یہ تہٕ
کأشرِ چیز زوال پذیر چھُ۔ پٔرتھ کینٛشہٕ چھُ پننِس اصلی آگرس سیتی واپس
زٕلنہٕ خاطرٕ کرِشان۔

آمہٕ پنٛنہٕ سوٚدرس ناوِ چھس لمان
کتہٕ بوزِ دئے میون میٚتہٕ دِیہِ تار
آمین ٹاکین پوٚنِ زَن شمان
زُو چھُم برمان گرٕ گژھہٕ ہا

یہ جُستجو چھُ درحقیقتھ پننہٕ وجوٗد کِہ تکمیلہ خاطرٕ جُستجو۔ اَمہِ
جُستجووُک روخ چھُ پننہٕ نبر کُن نہٕ بلکہ اندر کُن۔ شاعرٕ چھےٚ یِژھان
پننہٕ آسنک استاد پراوُن۔ لل چھےٚ پننہٕ کنہٕ اَتھ تلاشس منٛز کامیاب
اٚسمٕژ، یِیٚمہِ کنہِ سوٚ مُطمئین چھےٚ باسان:

راوِنہٕ منٛز سے راوُن رووُم
راوِتھ اَتھہٕ آیس لوٚگُس سے

بان گوُل تے پڑ کاُشش آو زوئنے
ژندر گوُل تے موُ تےُ ژہ ئتھ
ژیھتھ گوُل تہَ کیشہ تہ نا گُنے
گے ,یوُر" بوُ سعوز وہ ویسرحھتھ کیپھتھ

●

ڈِ تِہ نعورگ وَیگہ ہیھتھ روُٹم
ژیھتھ رملہ وِیھتھ دَشہ ناڈ واو
توُئے ششہ کل وہ یگلیھتھ وُڑ ہم
ششن ششاہ میلیھتھ گوَ

●

دَما دَم کوُرمُس دَمَن ہالے
پڑز لیثوم دیھ تہ تغییم ذاھتھ
اُنڈریمُ پڑکاشس نہیر ژھوُٹم

۹...........

ہلِہ وا لکھَن مثُر چھُ وُشتکُ آرکیٹایپ پُرمِحتھ جاپہ جرُس مثُر کُل ترِ چھلِسن مثُر جز جلو گرآسنہ سپنتو ظاہِر۔ وہن گوکینشرِن وا کھَن مثُر چھُ وُشتکُ آرکیٹایپ شنتو پاپھثُو موجود۔ یچھین وا لکھَن مثُر چھُ بوُنیم وا کہ شیطھے حسین

یتھ سَتَرس سیری پھوُل نا ویڑی
تتھ سرس شکلو پوُنی پھَن
مژگ، مژگال، گنڈی، زلہ ہسی
زین نازین تہ توُ ستےُ پہین

گرٚنٛڈ چھُہٕ پھیران زیرٕ زیرٕ
اوٚہکُے زانہٕ گرٕ گٔنٛک ڈھل
گرٚنٛڈ ییٚلہٕ پھیر تہٕ زاٗوِیل نیرٕ
گوٚو واتہٕ پانٕے گرٚنٛڈ بَل

●

لل بہٕ لوٚسِس ژھاران تہٕ گاران
ہل مےٚ کوٚرمَس رٔسہٕ نِشہٕ تہٕ
وُچھُن ہیوٚتمَس تاگٔر ڈیٖٹھُم بَرَن
میٚنٛنہٕ کل گَنٛے یہ زوگمَس تتی

مرکزس منٛز دِبارٕ شرٕ پیٚٹھہ گرٕ ھینہٕ خاطرٕ کرِیشِن چھُ لل ڈیدِ ہنٛز شاعری منٛز جاے جاے اظہار لبان۔ ہیٚتن ییٚتن للہ مرکزُک تصوُر قایم کرنٕچ کوٚشش کرنٕچ چھےٚ تتن چھےٚ سیٚٹھاہ رٔنٛگٕ دٔنٛڈی پیکروٕ تہٕ تلمیحو۔ یمَن پیکرن منٛز چھہ عام پاٹھۍ صرف زٕ اَرکیٹایپ کارفرما روٗدی ہِتۍ۔ گاش تہٕ وُسہتھ یا دوٚنوٚنے پکہٕ وٕنہٕ تکیا زٕ ییم زٕ چھینہٕ جُدا گانہٕ بلکہ اَکھ أکِس ہُندۍ صفتھ۔ گاشچ چھُنہٕ کانٛہہ گنٛڈ ھتھ نہ پیٚٹھہ تہٕ نہ چھُہ اَمہ کہِ مِقدارُک کانٛہہ حد۔ گاش اُسہٕ تن بیری نیک، زوٗنہ ہُنٛد یا ژٕ انگیٹھُک، اَتھ چھُ خاص پیٹھہ چھےٚ اَنہٕ گوٚٹ دوٗر کرُن۔ گاش چھُ برٕ ژھتھ جاے واتتھ پرٕ ژھتھ چیزَن گاشراوان۔ اَمیٚکُے اَگر تہٕ چھُ اَکھ۔

رٕوٚ منٛتہٕ ھٹلہٕ ھٹلہٕ تاپٕچ تن
تاپٕچ تن ووہٕ تُم دیشس

●

شےٚ ووٚت تُرانٛہ وٕتھہ سہتھ مارگ روٚمُل
ییٚلہٕ لل بہٕ واتٕہس پرٕ کاشھان

موتی لال ساقی

# لل دید تہٕ گریرسن سُنٛد تحقیق

سر جارج ابراہیم گریرسن چھُ گوڈنیُک یورپی محقق تہٕ زبان
دان یٚمۍ لل دیدِ ہُنٛد کلامہٕ سوٚمبراو۔ تہٕ اَتھ انگریزی ترجمہٕ سان شایع کوٚر۔
تمۍ یوٚسہٕ کتاب مرتب کٔرٕ تمہٕ چھُ Lalla Vakyani
یا The wise sayings of Lal Ded ناو۔ کتابہٕ
ہُنٛد متن، انگریزی ترجمہ، لفظہٕ وٕ تٕرتہٕ لفظن ہُنٛد مانے، وا کھن ہٕنٛز
بحرٕ پیٹھ نوٹ، یِم ساری چیز چھِ گریرسنٕنہٕ قلمہٕ دراممتۍ۔ اَلبتہٕ چھُ کتابہٕ
ہٕنٛز گوڈٕ کنۍ کنہٕ کتھ لل ہٕنٛز پیٹھ دریج اَکھ مقدمہ تہٕ فاضلانہٕ مقدمہ
لوئیل ڈٔٹنی، بارنیٹ ہٕنٛز لیوگ تہٕ اَمہٕ کیت زاوٕ چبارٕن متعلق زان کاری
ہٕنٛز ژینہٕ وَن دِوان۔ "لل واکھیانی" ناوِچ یہٕ کتاب چھپٕے لنڈنہٕ پیٹھ رایل
ایشیاٹک سوسائٹی ہٕنٛدِ سدٕ اَہم مونوگراف کنہٕ چھاپ ہٕرتہٕ چھپیٔن
سنہٕ چھُس سنہ ۱۹۲۰ء۔ کتابہٕ مَنٛز چھُ وا کھن ہُنٛد متن رومن تہٕ دیوناگری خطس
مَنٛز دریج تہٕ پٔرتھ واکھس بونہٕ کنہٕ چھُ اَمیُک انگریزی ترجمہ تہٕ دِنہٕ آمت۔
کتاب مرتب کرنس مَنٛز چھِ فاضل ترتیب کارن شمار داہس مَنٛز پیٹھ
تہٕ نوہ سٕہٕ یمن تمۍ نوہ سیخٕ ا تہٕ نوہ سیخٕ ب ناو چھُ تھوومت تہٕ گُشہ ہٕنٛدِ یس
دھرم داس درویشہ سُنٛد ژٕنہٕ وٕنٛزٕ کامہٕ مَنٛز اوٚنمُت۔ یہٕ کتاب چھپنہٕ
مرف گریرسن تہٕ بارنیٹ سٕنٛدی یوت میحنتُک حاصل۔ بلکہ چھُ کتاب

اِستیارے یوت چھُنہٕ للہٕ واکھَن منٛزٕ آفاقیت ہُندٕ حنامن اِستیارس سیٖتۍ سیٖتۍ چھےٚ موسیقی تہٕ للہٕ واکھَن منٛز تازٕ ہتھوان۔ کأشر شأیری ہُند اَکھ بوٚڈ حِصہ چھُ موسیقیہ چھَپہٕ لوٚگمُت۔ شأیرو چھہ کانٛہہ خاص لےٚ تُلنہٕ خأطرٕ ییٚتھۍ زٕ بتھ بأتھ لیکھمٕتۍ مگر ییٚمَن بأتن منٛز چھےٚ تاثیرٕچ حباے موسیقیہ رٕٹ ہیُنٛ۔ مگر لل چھَنہٕ موسیقیہ سیٖتۍ زٕ پرٕ گمرٕ۔ تِمہ چھےٚ موسیقی موٚچھ منٛزٕ ژھٕ زٕ تہٕ اَتھ چھُنہٕ شارک بأراو بنینہٕ ڈیتمُت۔ للہٕ واکھَن منٛز چھَنہٕ موسیقی پرٕن وألۍ ہُند ظعون پانس کُن پھِران بلکہٕ چھےٚ تاثرٕس تابیا روزان۔ للہٕ واکھَن منٛز چھہٕ موسیقی وِوتہٕ ناونکھ وارِیاہ وٕل وٕرتاونہٕ آمٕتۍ تہٕ پرٕتھ کانٛہہ واکھ ہیٚکہٕ مثال بنتھتہٕ کرٕتھتہٕ چھُ کینٛژن وٕلن کُن اِشارٕ کرُن ضروٗری :

اَچھرَن ہُند تکرار : لوٚلکہ نار لٕلہٕ لعلہٕ للہٕ نوٚم

سوٚرَن ہُند تکرار : اَژھین آے تہٕ گرٕژھن گٔژھے

لفظَن ہُنٛد تکرار : کُس مرِ تہٕ کُسو مارَن

مرِ کُس تےٚ مارَن کُس

یا

کُس پُشس تہٕ کوٚسہ پُشأنۍ

کم کُسُم لأگزیس پوٗزے

piously disposed to recite Lalla's songs as he had received them by family tradition (Kulaparampara). The Mahamahopadaya recorded the text from his dictation and added a commentary, partly in Hindi and partly in Sanskrit, all of which he forwarded to Sir George Grierson. These materials formed the basis of the present edition.

"لل واکھیانی" ہندِس ترتیب دِنس منز مکند رام شاستری سِندِ یُس
ژینہ وَن دِنہٕ علاوٕ چھپے پہ عبارتھ ییتھ کتھ کُن تہ اشارٕ کران زِ کتابہ منزٕ دیُج
وا کھن ہندٕ ہُنز یاد چھپے تیمبے وا کھن ییتھ کھاتہٕ آمُت یِم دھرم داس درویش
مکند رام شاستری یِس وُنی ییتھ پاٹھو چھِ یِم زِ زُنی تہ باقاعدٕ پاٹھی کتابہٕ
ہندین ترتیب کارن ہندِس زُمرس منز لیوان ۔ دھرم داس ییمہ کینہ زِ تِمو
سِندی وا کھ چھِ ہُنز یادی حُشی ییتھ تھاوان تہٕ مکند رام شاستری چھُ اکھ
واکھ قلمبند کران تہٕ بییہ تِمن ترجمہ تہ سیتی تھاوان ، ییمہ ترجمہ کرِ مُند تہٕ سیتی
گریرسن تینہ انگریزی جامہ وَلان چھُ ۔ سر آرل سٹاین سِندی یِم زِ نسخہ
گریرسن کامہ لاگی تِم کرِ تِمو آکسفورڈ انڈین انسٹیچوٹ منز حاصل۔

تیار کرنس مہامہوپادھیاے شری مکند رام شاستری سُندہ حصہ تہ
رول تہ سیٹھاہ اہم۔ چنانچہ کتابہ منز شامل اَکس نوٹس منز چھُ درج؛

In the year 1914 Sir George Grierson asked his friends and former assistant Mahamahopadya Pandit Mukund Ram Shastri, to obtain for him a good copy of Lalla vakyani as these verses of Lalla's are comonly called by pandits. After much search he was unable to find a satisfactory manuscript. But finally he come in touch with a very old Brah-man named Dharma Dasa Darvesh of the village Gush. Just as the professional story teller mentioned above recited folk-tales, so he made it his business for the benefit of

زِ یہ چھُہ خاص تۆجہس لایق تہٕ "لل واکھیٲنی" منز درج ۴۹ واکھ چھِ اَمی نوٗسخہٕ
منز نہٕ آمِتۍ۔

فاضل ترتیب کارن چھِ اَمی نوٗسخٕکۍ واکھ کتابہِ منز رومن خطس بوٚنہٕ
کُنہِ دیوناگری خطس منز دِتۍ مِتۍ۔

کتابہِ ہنٛدِس گوڈنکس حصس منز چھِ کُلس ۱۰۹ پیٚٹھ (اکھ ہتھ تہٕ
نَو) واکھ درج۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ترتیب کارن اَکھ اَکھ ضمیمہ تہِ شامِل
کوٚرمُت یتھ منز للہ دیدِ کُن منسوب کمہ کینٛہہ واکھ درج چھِ۔ یِم Kash-
miri Proverbs ناوچہ کتابہِ منز شامِل چھِ۔

"لل واکھیٲنی" منز یِم واکھ سر آرل سٹاین سنٛدِ "ب" نوٗسخہٕ
منز دیوناگری خطس منز درج چھِ تِم چھِ یِم۔

۱، ۲، ۳، ۴، ۵، ۶، ۸، ۹، ۱۰، ۱۱، ۱۲، ۱۳، ۱۴، ۱۵،
۱۶، ۱۷، ۱۸، ۲۰، ۲۱، ۲۲، ۲۳، ۲۷، ۲۸، ۳۳، ۳۶، ۳۹،
۴۰، ۴۱، ۴۶، ۴۷، ۵۲، ۵۳، ۵۴، ۵۶، ۵۷، ۵۸، ۶۱،
۶۴، ۶۵، ۷۰، ۷۱، ۷۳، ۷۶، ۷۷، ۷۸، ۷۹، ۸۰، ۸۱،

نوٗسخہ "ج" کِتھہ حدس تام اوٚس فاضل مُصنفن کتاب ترتیب
دِنس منز زیرِ کار۔ تمِیُک حوالہ چھُنہٕ گوڈنچہ جاے ورأے کتابہِ منز بیٚیہ کُنہِ
جاے میلان۔

یۆدوے گریرسنَن ممکن حدس تام غلطیو نشہِ بچن دامانہٕ بچاونچ
کوٚشش کرِمٕژ چھےٚ مگر ژوپٲرۍ چھِ بُجیا کرٕ پیٚٹھ تیار کرنہٕ آمٕژ
بُجیا دی مسودہٕ چھُنہٕ صاف تہٕ شوٗد رۆزمُت ہیٚکِو کٔمِت۔ یَتہِ کیٚنہہ شیخ العالم (رح)
شُعرن تہٕ دوٚیمین کیٚشرن ہنٛدۍ کلامہٕ للہ واکھن سیتۍ رلہِ چھُ گومُت۔ میانی

ییٚتھ نوٚسخس "ا" ناو چھُ دِنہٕ آمُت، اَتھ چھِ کُنہ ڈٔنگو زٕ چھیپہٕ تہٕ سۄلیوٚمہٕ
ہِیپِٕ ہیچھِ سارِی پنٕنِی صفحہٕ اَوی ہتی۔ یہ نوٚسخہٕ چھُ ییمہٕ کِنۍ اہم تہٕ کیشاز
مَتَن پیش کرنہٕ علاوہٕ چھُ واکھَن سیٚتۍ سُہ سنسکرت ترجمہ تہٕ شامِل یُس
اَرداہِمہِ صدی منز ییمَن واکھَن باسکر رازدانَن چھُ کوٚرمُت۔ باسکر
رازدانس چھُ شری کے ہسی، پانڈے باسکر کنٹھ ناو لیکھان۔ سُہ چھُ
ابھنوگُپت ناوِچ پننہٕ کتابہِ منز باسکرنِس زان پیٚتھ پاٹھو کرناوان۔

He was a Savite of 18th Centurey (Latter part). He translated Lalla-Vak in Sanskrit. It is interesting to note in this connection that Lalla-Vak is a Savite work in old Kashmiri written by a woman in about 14th Centurey A.D.

تعجب چھُ ییمہٕ کتھہِ ہُند زٕ "لل واکھیٚ نی" منز چھِ نہٕ باسکر
کشمیرس متعلق تہٕ نہٕ بابہٕ دھرم داس درویشس نِسبتھ کانٛہہ تفصیل
درج۔ حالانکہِ تحقیقی تقاضہٕ نظرِ تل تھوٚوِتھ گژھہِ کتابہِ منز ییمَن دوٚشونٛی
شخصیتن متعلق ممکن حدس تام زان کاری درج آسٕنۍ۔ گریرسنن چھُ سِ
اَوِقار محقق تہٕ زبان دانس ییٚتھ اثر گوٚدھُن چھُ دِیو سٕے ہیوٚو باسان۔
یوٚتام منظور ناسہٕ شاعِرن "ب" لالہ کُٹ تولۍ چھِ اَتھ متعلق چھُ گریرسن وَنان۔

داڑ کوڑ وخا کربا

تہ کربا ژتینٹس پٹے پی

اوڑت ژتےۓ ژونخا خربا

پہ ساٸنژ مرژسے کوہ تمک وٸار کھٹے پی

تینہ کٹس با داری پھوڑبا

پیٹینہ صنربا کرتل پٹے پی

مرنسس برژونھٹے مریا

اڑ مرخا مرتیبہ بہ وی

اُڑا کنخا مترچھینہ کا ٹہہ شکہ زیبخا شنرکیس چھچہ لفظن اودے یورگومت
نکہ ریٹش نامن ہنٹر ریوایخا چھٹے بہرحال تحریرسنش مقابلہ تہ ٹونتہ تنزکیک
مرھنت چھ ساری حضرت شیخس کنٹر راوان تہ موجودہ حالاتن مترچھینہ رہ
داوا تسلیم کرنہ ورائے بیٹپہ کاٹہہ چار۔

پیٹھے پاٹھو نی تون ستہ نمتیشم واکہ سہ

ڈمی ڈیشیٹم گنج دز ونی

ڈمی ڈیو شیٹم دہ نتہ نار

ڈمی ڈیشیٹم پاٹنڈوں ہنٹر ماٸجی

ڈمی ڈیشیٹم کداٸجی ماسس

"ریٹش نامن" مترچھ پہ واکہ یٹپہ اُنہار درج سہ

ڈمی گرز تہ ڈمی درسے

ڈمی کرسے سوہ ہن اولاس

ڈمی پاٹرژن پاٹنڈوں ماج کرسے

یمن چھُ شیخ العالمؒ سُند کلامہٕ للہٕ واکھن سیتۍ زٲلہٕ گژھنکۍ زٕ وجہ، اکھ یہِ زِ حضرت شیخن سُند کۍ وارِیاہ شعرٕ چھِ اَنہارٕ تہٕ بندِشہِ کِنۍ للہٕ واکھن سیتۍ مِلان۔ تہٕ اَوٕے کِنۍ چھُس بیٚیہِ وُنان زِ واکھتہٕ شعرٕ کُس مَنٛز چھِنہٕ ناوٕ الگ الگ آسنہٕ وراے بیٚیہِ کانٛہہ تُہُنز یادی فرق۔ دوٚیِم یہِ زِ یَیمہِ سانہِ گریرسنن "للہٕ واکھیانی" بازر تر آو تۆہ تام اُسہِ رَیشی نامہٕ تہٕ نُوٚر نامہٕ بازر پیٹھ تہٕ اَدس کلامہ شیخ یُنٛژ پاٹھۍ بازرس مَنٛز نوٚن۔ کلامس مَنٛز زٕل گژھ گژھنہٕ موجب چھُ اَکھ کَھری کانٛہہ نوٚوے مژ تہٕ محققن تہٕ عالمن چھے للہٕ دید ہُنٛد کلامہٕ ورٛھنا ونس تہٕ تہُنٛد مقام کَھرکرنس مَنٛز وُنیچھ تہٕ پوٚچھ غلطیہ گامژ۔

"للہٕ واکھیانی" مَنٛز چھُ ستہٕ شیتیمُ تہٕ ارشیتیمُ واکھ یِتھہٕ کنۍ۔

نیم کرِیو تھ گریہ
ژ پتس کر با پتے یی
مرنہٕ بروٚنٛہہ مرٛبا
مرِتھ تہٕ مرتبہٕ ہُری۔

•

اَکھہِ ہما ترٛاوُن کھربا
گکہ نشہِ کونگہ وارٕ کھیٚیِی
تنہٕ کُس با داری کھربا
یینٛہِ نِنس کرتل پیٚیی

ہیم زٕ واکھ چھِ تمام "رَیش نامن" اَکھ شعرٕ تہٕ حضرت شیخ العالمس کُن چھِ منسوب۔ رَیش نامن مَنٛز چھِ شعرٕ کیٚنٛہہ مَتن یِتھہٕ کنۍ

نفس میثون چھے ہوستے

اُمو ہسو موںگنم بل

لچھ منز ساسہ منز اکھا لوستے

نتہ ہیتو تم سائری تل

یمو شُرکیو منز چھ دویم شُرک نامکمل۔ ریش نامن منز چھے اَمہ شُرکچ صورتھ یتھ کنہ

کیشرن ڈیتھم یوت کیا توتو

کیشرن ییتہ نتہ توتے کیاہ

کیشرن ڈیتھم لالو ترولو

کیشرن گاشہ منز گوتے گاہ

ترمیمہ وارچ صورتھ چھے ریش نامن منز یتھ کنہ

نفس میون چھ مہ ہوستو

اُمو ہستو ڈیتھس تل

کرتے کروونس روستو

روٹنس کیاہ چھم چھل

ساسہ منز اکھا لوستو

نتہ سائری ہیتیس تل

لل واکھیانی ہندس اصل متنس منز چھ شعر واکہ یتھ کنہ

ڈمی ڈیشتھم ندہ وہہ وہی

ڈمی ڈیو ٹھم سُم نتہ تار

ڈمی ڈیشتھم بٹھر پھولہ وَنہ

## ڈُوں لٲجِن کرٛاجی ماسہ

نٔنٛدرٕ ریٚشِن تہٕ مانے نظرِ ثٲنۍ بَڑٕ نَتھ چھےٚ سوٚے صوٚرتھ دٕرِس
باسان یوٚس صوٚرتھ ریٚشن نامہٕ منٛز درج چھےٚ حضرت شیخن سٕنٛتو یہ شُرُک
وابستہ آسُن چھُ ییٚمہٕ حسابہ تہٕ صحی تہٕ کیاز یہنٛدِس بزرگن تہٕ اُس کشتوارٕ
نیبرٕ بتہٕ کیٚشرِس کالس پانٕژٕن ہنٛدرٕ پاٹھو ژھیپہٕ ژھیپہ کرٕنۍ پیے یہرٕ تہٕ
یوٚت ماسہ منٛے یاد چھُ ریٚشن نامہٕ منٛز چھُ یہ شُرُک اَتھی سلسلس منٛز درج
کرنہٕ آمُت۔

کٲشُری پراوربس (Kashmiri Proverbs) ناوٕ چہِ
کتابہِ منٛز ییٚم واکھ گریرسنُن لل دیدِ ہنٛدۍ کتھ زاگٕہ تھ تنمیہ کینہ لل واکھیانی
منٛز درج چھِ کُنہِ میتہٕ، تِمو منٛز ییٚم ترٛیٚہٕ شُرُک سیٚد بیٚشو حضرتِ شیخہٕ
سٕنٛدۍ سہ

کیٚشرن ڈیٚتھم اوٚرسے آلو
کیٚشرو رچاپہ نالے وٕتھ
کیٚشرن مَسن چیتھ اَچھ لجہٕ تالو
کیٚشرن پیٚپتھ گیٚے ہُلو کھیتھ[1]

●

کیٚشرن ڈیٚتھم یوٚت کیاہ توٚ تو
کیٚشرن ییٚتہ نٔتہ توٚتے کیاہ

●

---

[1] اَتھ شُرِس چھُ یہ اکھ شارکم:
نینہ ڈٔمولہٕ تہٕ کیٚشہ گُلفالو کیٚشرِ گےٚ وانٕ پھالو دِتھ

دٕمن بٕستہٕ دِتو دٕم
تِتھےٚ پُتھ دمن کھار
شٕستٕرٕس سوٚن گرٚژھی حاصِل
وٕنہٕ چھےٚ شُل تہٕ ژھانٛڈُن یار

(۱۰۰)

دِلہٕ کٔس باغس دوٗر کر گٔاسل
اَدٕ دیوٕ چھوٚلی یمبرزلہٕ باغ
مأرِتھ مَنٛگنےٚ وُمبر ہُنٛد حأصِل
موت چھےٚ پَتہٕ پَتہٕ تحصیلدار

(کٲشِری پرٛاوٕ رٕس. ۵۶۰. ضمیمہ لل واکھیانی)

گوڈٕ نِکرٕ زٕ بٔنٛد چھہ عزیز خانٕنہٕ اَکِہ. وٕژھ نِکوٕ حصٕہ تہٕ ترٛیٛیم بٔنٛد تہٕ چھہ اَکِہ وٕکھسر وٕژھ بُک اکھ بٔنٛد. کلامٕچ فارم، زبان تہٕ طرزِ فکر چھہ کرِتھ دِتھ وٕنان زِ یہ کلامہٕ چھُنہٕ للہٕ عارِفہٕ ہُنٛد. لل دٕیدِ ہُنٛد کلامہٕ چھُ فکری بُلنٛدی ہُنٛدِ سہ أنہٕ خانہٕ بِہتھ تجرُبٕن ہٕنٛدی قوٗتٕن اکھ الگ آہنگ تہٕ وِقار عطا چھُ کوٗرمُت. ژُہنٛدی واکھ چھہ برٛونٛہہٕ وِنی نارٕ تیٚوٚ تگل پٕلہٕ زٕن یم وٕژن بٔنٛد توٗت سوٗر تہٕ چھِنہٕ.

پیٚتھےٚ پأٹھی بٔس شار بٔنٛد کٲشِری پرٛاوٕ رٕس کِتابہٕ منٛز نمبر، ۵ہس پیٹھ دٔرج چھُ تہٕ "لل واکھیانی" ہٕنٛدِس ضمیمس للہٕ واکھ کنہٕ دٔر راونہٕ چھُ آمُت، سہ چھُ درٲصل اَکِہ لکِہ پأنٛژُک حصٕہ.

یمہ غلطیہ گرِیرسٔنس دأنِستہ یا نادأنِستہ پأٹھی کأمِرٕ چھےٚ تٔس پَتہٕ کرٕنہٕ کأشِہ اَکِ زٕ یمہ دوٗر کرٕنٕچ کوٗشِش. چُنانچہ پروفیسر کول صأبٕن

ڈمی ڈیوٗ نِھٹھم گُل نتہٕ خار
ریَنٛش نامن منٛز چھُ یہ واکھ شیخہٕ شُرٛکُہ ناوو پیٹھ کنٛو ـ

ڈمی ڈیٹھم ندٕ وہان وٕنی
ڈمی ڈیوٗ نِھٹھمس سُم نتہٕ تار
ڈمی ڈیٹھم تھرٕ پھولان وٕنی
ڈمی ڈیوٗ نِھٹھمس گُل نتہٕ خار
ڈمی ڈیٹھم ست زٔلہٕ وٕنی
ڈمی ڈیوٗ نِھٹھمس دٔہ نتہٕ تار

دراصل چھےٚ زبانی یادداشتس منٛز شِن سطرن ہِنٛدِس بیٚیہٕ شُرٛکس اکہ الگ شُرٛکچہ زٕ سطر سیتہ ژلاونہٕ آمژٕ تہٕ "لل واکھیانی" منٛز چھ ۹۶ تہٕ ۹۷ گُرٛمژ پیٹھ اٹھ سطر دۄن حصن منٛز بٲگرِتھ زٕ الگ الگ شُرٛکہٕ کو درج کرنہٕ آمتہٕ ـ

لل دیدٕ تہٕ حضرت شیخہٕ سُنٛد کلامہ اکھ اکس منٛز مرنہٕ یُن چھُنہٕ کانٛہہ تعجُب کنٛھا. دۄشوے اُسکالہٕ بٲج تہٕ گنہٕ گنہٕ چھیہ یمن ہِنٛدن خیالاتن تہٕ تجربن منٛز ہیشر نظر گژھان تہٕ فارمہٕ تہٕ زبانی لحاظہٕ چھُنہٕ دۄنوٕنی ہِنٛدِس کلامس منٛز کانٛہہ ٹاکارٕ فرق. مگر تاجب چھُ ننمہ ساتہٕ سیدان پیٚلہ گریرسن تہٕ مکندرام شاستری یس ہیو زبان دان تہٕ عالم پیٹھ ہی شار لل دیدٕ پوچھ چھ گنڈان ـ

غافلو ہیکہٕ قدم تُل
وٕنہٕ چھےٚ شُل تہٕ ژھانڈُن یار
پَرٕ کر پادا پرواز تُل
وٕنہٕ چھےٚ شُل تہٕ ژھانڈُن یار

(واکھ ـ ۹۹)

نشاط انصاری

# لَلہٕ ہِندِس کلامس منٛز تشبیہہ، استعارٕ تہٕ تلمیح

ژٕہتہٕ توٗرُگ گگنہٕ برمہ دون

نیمشہ اکہٕ ژھٔنڈ یوزنہ لچھ

ژٕیٚنہِ وِگہٕ بوٚدٕ ژٕیچھہ زون

ژٕران اپان سندٕ اَرِتھ پٲنژ

زبان خاہ کانٛہہ تہٕ آسہِ یٚتھ، چھےٚ انسٲنی ارتقاہس سیٚتۍ اکھ باوتھ۔
ابتدائی دورُک انسان رُود پننین خیالاتن تہٕ احساساتن اظہارٕ کرنہٕ
خاطرٕ مختلف طریقو منٛز بروٚنہہ کُن پکان تہٕ گوڈٕ گوڈٕ کرِن آوازٕ ایجاد
تہٕ پتہٕ "الفاظ"۔ ابتداہس منٛز آسہِ یِم الفاظ لوٚکٹۍ لوٚکٹۍ تہٕ سادٕ
خیالاتن اظہار کرنہٕ خاطرٕ بناونہٕ آمتۍ تہٕ ترقی ہیٚنز وتہٕ پیٚٹھ رفتار
ژٕ آیہٕ وتھ لوٚکَن یہٕ انسان زندگی ہٕندین اہم قصن تہٕ واقعاتن کُن خاص
خاص لفظن ہٕندِ ذریعہ یہٕ اشارٕ کرنہٕ۔ یِتھہ یِتھہ جاے تِم الفاظ زبٲنی
پیٚٹھ کھوٚتۍ، تِم قصہ یا واقعہٕ آیہٕ فورن ذہنہ کِس کنواسس پیٚٹھ تصویرٕ
بنِتھ، یِمَن کُن تِم خاص اشارٕ کرنہٕ آسہِ یوان۔ علمِ بیانہٕ اصطلاحس منٛز چھِ یِمہ
قسمہ کِس پرتھ کُنہِ اشارس "تلمیح" وَنان، یُس بلاغتہٕ کِس تِتھہ پہلوٗس
وۄنہٕ تلاوان چھُ، یِمہ کِنہ کم کھوتہٕ کم لفظن اندر زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معانہٕ
بَرس چھُ یوان۔ یِمَن تلمیحاتن ہٕندِ دار و مدار چھُ یِتھہ کال یا پینہ والہ

تہٕ کٔرہٕ یِم ساری چیز "لل دید" کِتابہِ ہٕنٛدِس گوڈنِکِس چھاپس منٛز ہوٚ بہوٚ دٔرج تہٕ کِتابہِ ہُنٛد دوٚیُم ایڈیشن تیار کرنہٕ وِزِ تہٕ ژھوٚوُن یِمہٕ کلامہِ کِتابہِ منٛز شامِل البتہٕ وٕژن گوڈٕ کینٛہہ منٛز بحر خانس وٕژن بشدٕن ہیٚنٛز ژیٚنہٕ وَن۔ مگر حضرت شیخہٕ سُنٛد کلامہِ الگ ژارنٕچ کٔرِن تہٕ کانٛہہ کوٗشِش تہٕ چھُن کانٛہہ اِشارٕ کوٚرمُت۔

گرٕیرسنہٕ "لل واکھیانی" کِتابہِ یہٕ سیٚ بینِنٛز توارِخی اہمیتھ چھےٚ نتحقہ ہیٚکِنہٕ کانٛہہ اِنکار کٔرِتھ۔ کِتابہِ منٛز شامِل واکھَن ہیٚنٛدِس بحرس مُتعلق نوٹ، کِتابہِ ہٕنٛدِس آخرس پیٹھ لفظہٕ وٕترٕنہٕ لغظن ہُنٛد مانےٚ تہٕ کِتابہِ ہٕنٛدِس ابتداہس منٛز بارنیٹ سُنٛد گُنڈلِنی یوگس مُتعلق زیوٚٹھ نوٹ چھ کِتابہِ ہٕنٛدی تِم چیز یِم اہمیش ساڈرِ وار روزن مگر گرٕیرسنٕنٛح یِتھ کانٛہہ کنٛھ حرف آخری مانٛنہٕ نہ چھےٚ تحقیقی اعتبارٕ تہٕ علمی حنوٚرٕوٕ ریاتھ نظر تل تھاوِتھ مُمکِن۔ اما پوٚز اکھ کتھ مانٛنہٕ گژھہِ تہٕ کُنہٕ رنگہٕ تہٕ کوٚب زِ گرٕیرسنس پتہٕ یِمَو لُکَو تہٕ لل دیدِ ہٕنٛدِس کلامس پیٹھ کام کٔرٕ، تِمو منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شخص تِنس برونٛہہ اکھ قدم تہٕ دٕرامُت تحقیقہٕ تہٕ ترتیبہٕ کِہ اعتبارٕ چھےٚ اَمی سٕنٛز ترتیب دِژمٕژ "لل واکھیانی" ہٕنٛز تمام ترٕ کمزورِیو تہٕ کوتاہیو باوجود سارِنےٚ منٛزبس۔ گرٕیرسنہٕ سُنٛد میرانہٕ پادٕ کٔرِتھ کِتاب مرتب کرنہٕ کِس میارس نام دِتنس لگہِ وقتہٕ تہٕ آسہِ واریاہ کال۔

آسہ، تِہنٛدٕ وَنُن "استعارٕ" تہٕ تشبیہہ خاطرٕ چھُہ "مُشبہٕ" (یمہٕ تشبیہہ دِمو) "مُشبہٕ بہٕ" (یمہٕ سیٚتۍ تشبیہہ دِموس) تہٕ "وجہ شبہٕ" (یمہٕ وجہ یمِس تشبیہہ کِس سَبَب بنیٚہ) سیٹھاہ لازمی۔ مُشبہس وَنُن "مستعار لہٗ" اَو مُشبہ بہس "مستعار منہٗ" تہٕ وجہ شبہس "وجہ جامع"۔ استعارس منٛز چھُہ "مُشبہٕ" ہو بہو "مُشبہ بہٕ" قرار دِنہٕ یوان۔ اَوٕ کِنہٕ چھِہ یمَن دۄشونی اَندر صرف اَکہ چیزُک تذکرٕ سپدان۔ ییٚلہِ یمَن "مُشبہ بہک" ذکر کرٕو، تِہنٛدٕ وَنُن "استعارٕ بتصریح" (استعارہ بالتصریح)۔ مثالے وَنُن لفظ "شیرٕ" آسہِ مُراد آسہِ بہودُر شخص، گلاب وَنُن مطلب آسہِ ماشوق۔ ییتھے پأٹھۍ وَنُن محراب تہٕ مراد آسہِ ابرو۔ ییٚلہِ "مشبہٕ" مذکور تہٕ "مُشبہ بہٕ" متروک آسہِ۔ سۄ گوٚ "استعارہ بالکنایہ" (استعارہ بالکنایہ) تہٕ ترکِ مُشبہ بہٕ بیہ گٔنہ ورگہ پأٹھۍ زانِنہٕ۔ اَتھ طریقس وَنُن "استعارہ تخیلیہ" مثالے وَنُن "عقلہ ہنٛد ژونگ" یا "زٕہتہٕ توٗرٕ گ"۔

علم بیانہٕ چہٕ اَتھ کہو چہٕ بیچھٹ للہ ہنٛد کلام کٲلیتھ چھےٚ یتہٕ باوتھ سپدان زٕ للہ چھےٚ اَز بٔروٚنہہ قرین شتے ساڑھ شتے ہتھ وری غاڑشو عورٚ تہٕ وارفتگی ہنٛدِس عالمس منٛز تشبیہاتی، استعاراتی تہٕ تلمیحی زبان استعمال کرٕتھ بنیٚہ قادر الکلام شاعرہ آسنُک پوٚز باس دِتھمت۔ یتھ معنوٚ کِس ابتداہس منٛز یمِس واکہ ہندِ بیش کۄر تمہ کرتھ داری اند گرٕتھ ھتہ چھہ نِشانات زٕ "زٕہتہٕ توٗرٕ گ"، "زینہ وگہ" تہٕ "پران اپان" ہیٚ استعارٕ تہٕ تشبیہہ استعمال کرٕتھ چھےٚ لل دید علامتی آیس منٛز یہ کتھ فکرِ تاران زٕ زٕہتہٕ توٗرٕ گہٕ [illegible] زوٗری ہیٚکہ دأنِس مُنٛدی تہٕ اِدرا کِچھ لاکہ سیتو قوٚو گرٕتھ بنیٚتھ تہٕ خود شناسی [illegible] تہٕ بیچھٹ ہیٚکہ اَکھ انسان تیٚلہ رفتار کرٕتھ

دوٚرکین واقاتن ہیٚکہِ پیٚتھے آسان۔ اَمہِ کنہِ یِوان دوٚسے کُنہِ زبانۍ ہٕنٛدین تلمیحاتن
ہُنٛد گہرٲیی سان مطالعہ کرنہٕ ییٚتہِ۔ گٕزٕریمتین واقاتن ہیٚکہِ پیٚتھ چھِنہٕ نظر یِوان
تہٕ تمہٕ دوٚرکین لُکن ہٕنٛدی مذہبی عقیدٕ، توہم پرستی، معاشرتی تہٕ سماجی
حالات تہٕ رسم رٕواج بیتر چھِ جان پٲٹھۍ معلوم سپدان۔ غرض تلمیحات
چھِ شٲیستہ قومن ہٕنٛدِ ادبُک تہٕ زبانۍ ہُنٛد رُح مانہٕ یِوان تہٕ یِمَو معنی خیز
اشارو سیٚتۍ چھُ شٲعری تہٕ ادبس بٔڑ آو کرنہٕ یِوان۔ دیومالٲیی قصہٕ، مذہبی
عقیدٕ، معاشرتی حالات تہٕ تٲریخی واقعہ بیتر چھِ تلمیحاتن ہُنٛد
ماخذ تصور سپدان۔ یِمن ہٕنٛز زانکٲری اَکِس شٲعرَس خٲطرٕ سیٹھا
اہم چھےٚ۔

اَکِہ چیزِ خٲطرٕ دوٚیِم چیز مثگیتھ اَننس چھِ علم بیانکہِ اصطلاحچ
مطٲبق "استعارٕ" وَنان تہٕ سُہ چیز چھُ "مجازُک" اَکھ قسم، یتھ اندر مجازی
تہٕ حقیقی مانیس اَندر تشبیہُک کانٛہہ توٚلُق آسہِ۔ گویا حقیقی مانیُک
لباس چھُ مثگیتھ مجازی مانیس ولنہٕ یِوان۔ کُنہِ لفظٕ کِس تتھ مانیس
اندر استعمال کرنس، ییٚمہِ خٲطرٕ سُہ لفظ بناونہٕ آمُت چھُ "مجاز" وَنان
تہٕ تمن مانہٕ مفہومن چھِ "مجازی" وَنان۔ یِمن ہٕنٛدِ باپتھ لفظ وضع آمُت
سپدمُت تہٕ تمہٕ کِس استعمالس "حقیقت"۔ مثالے ییٚمہِ وِزِ "شیر" (سِہہ)
لفظ جنٛگلی درنٛدِ سٕنٛدِ خٲطرٕ استعمال سپدِ، تتھ وَنو "حقیقت"
تہٕ تمن مانین "حقیقی"۔ ووٚن بیٚیلہِ کانٛسہ بہادر شخصٕ سٕنٛدِ باپتھ
یُہے لفظ استعمال کرو، سُہ گوٚو "مجاز" تہٕ تمہٕ کین مانین "مجازی"
تہٕ اَمہِ استعمالہٕ خٲطرٕ چھُ "مجازی" تہٕ "حقیقی" مانیس درمیان
کانٛہہ توٚلُق (علاقہٕ) آسُن ضروٗری۔ یُس دوٚسے سُہ توٚلُق "تشبیہہ"

"خر" لفظُک مُراد چھُ لل نِش انسان سُنٛد مَن۔ یُس تمام قِسمن ہِنٛزن
خاہشن ہُنٛد مرکز چھُ تہٕ کمہِ نگہ وارہ ہُنٛد مطلب چھُ یہِ دُنیاہ۔ یُس نفس
اَمارس وزرِ وزرِ سنگ چھُ دِوان تہٕ پانس کُن لمان۔ یہ قوتوس منز رٹنہٕ
سیتۍ چھُ نفسِ مطمینہ نفسِ اَمارس پیٹھ غالب سپدان۔

لل ہِنٛزِ شاعری ہُنٛد اکھ خاص پہلو چھُ تِہنٛزِ سادگی تہٕ سہزٕ
اَمہِ برتری ہُنٛد چھُ تس بجاے خود ناز تہٕ تِہنٛدِس دِلس منز چھُ ہیرِ ان
ہُنٛد اکھ سوٗدر ژھیپتھ دِتھ، یمہِ کنۍ تِہنٛد سینہٕ تمکینہٕ بَرِتھ چھُ۔ اَوے
چھےٚ سوٗ فخرٕ سان وَنان سہ

آیس تہٕ سیُدُے پتہٕ گژھہ تہٕ سیُدُے
سیدِس ہوٚل مے کرِم کیشیا
بہٕ تس آسس آگرٕ ے وۄدُٕے
وِدِس تہٕ وٚیندِس کرِم کیٚا

لل دید چھےٚ "عالمِ عدمس" استعارُک لباس وُلِتھ "آگر"
تصور کران تہٕ اَتھ حقیقتس مجازی رنگ دِتھ پننہٕ شاعرانہٕ تجربُک
ثبوت دِوان۔

انسان سٕنٛزِ زندگی اندر چھہ یتہٕ بُدۍ غم بُچھتہٕ پوان۔ کینٛہہ چھہ
یمو منز قابلِ برداشت آسان تہٕ کینٛہہ ناقابلِ برداشت تہٕ اکثر چھُنہٕ یمن ناقابل
برداشت غمن کانٛہہ تہٕ علاج۔ مگر غم کوتاہ سخ تہٕ سنگین آسہ تن ناووہ میدی
چھنہٕ اَکہِ صحت مند ذہنُک علامت آسان۔ لل ہِنٛدِس یمہِ واکھ کہِ مطالعہ
کرنہٕ پتہٕ چھُ فکر ترات زِ تِہنٛدِس ذہنس منز چھُ یہِ تکلیف دہ خیال
گمہٕ دِ پیٹھے اوسمت سہ

یٖلہٕ سُہ علیہ ہٕندِ شوقہٕ کام، کرٕود، لُب، موٚہ تہٕ اہنکارس پیٚٹھ غٲلِب
سپدِ۔

مَن سٕے مان جھَو سَرس
چھُر کوٚپ ییٚرِس نارٕ چھُکھ
لبکھ لیکھ یوٚد تُلہٕ کوٹ
تُلہٕ تُل سٕتے توٚل ناکیٚنٛہ

لَلہٕ چھےٚ یتھ واکھس اَندر تمہٕ تلمیحک پیش منظر بیان کوٚرمُت
یُتھ تُلہٕ پتہٕ چھُہ نشان زٕ سوٚدرٕ ہُنٛد کُس تُل چھُہ غضبناکھ نارٕ لمبکھ وہقان
یوٚدوے تمہٕ ہیٚر نیٚرن سورُے عالمُ ہیٚتھ دَزِتھ۔ انسان ہٕندِس مَنس منٛز
تہٕ چھےٚ کرودٕ کی نارٕ لمبکھ وزٕ وزٕ ووہقان۔ اَتھ نارس پیٚٹھ اگر قابو پیہ تہٕ
لَبنہٕ۔ انسان ہُنٛد سورُے ووجود سپدِ سوٗر، اوٚ کنہِ ییٚتہِ انسانس پتہٕ تُرکھ
ہُنٛد نارٕ دٔباوُن۔

یہ چھےٚ حقیقتھ زِ لَلہٕ ہُنٛد کلام چھُہ علامتی تہٕ ابہامہٕ بوٚرُت۔
تہٕ امیُک مطالہٕ کرٕنہٕ سیٚتی چھُہ نوٚو نوٚو ڈایمینشن برونٛہہ کُن یِوان۔ تہٕ
قٲرِیس چھُہ فِکرِ ترٲن زٕلل دیدٕ تیہ چھےٚ ابلاغ کرُن یژھان۔ بعض کنہِ
درجہ واکھس اندر یوسہٕ استعاراتی زبان لَلہٕ ورتاومٕژ چھےٚ۔ تمہٕ تُلہٕ چھُہ
نشان زاُزی کیس دورس اَندر یتھ نوٚنٛشہٕ اَسہٕ جدیدیت ناو چھُہ کوٚرمُت
سو ہنٛج چھےٚ لَلہٕ ہٕندِس دورس منٛز تہٕ اَمس ہِرش۔

اَچھٕ منب تراوُت نظریا
لوکہٕ ہٕندٕ گوہ بنگہٕ واگر کھیٚییی
تیتہٕ کُس یا دأیرِی پھیریا
ییٚتہٕ نُس کرِ تُل یٮ۪ییی

(طاقت) ہٕنٛدِ کو شٮ۪ژ مُقام طے کرٕنۍ پتہٕ ووٲتِھ اصلی مٔنزِلس یانی سٔتھ
مارگس۔ ع

او مکار ییٚلہِ لٔیہ اوٚنمُے
وُنہِ کۆرُم پنُنٕ یان
شٮ۪ژ وۄٹ تراوِتھ سٔتھ مارگ روٚٹُم
ییٚلہِ لل بہٕ واتٕھس پرٕکاشِتھان

یمن شارن اندر چھ شٮ۪ژ ووت، سٔتھ مارگ تہٕ پرٕکاشتھان
دیومالأیی تلمیح استعمال آمٕتۍ کرنہٕ۔

بوٚنہٕ کنہِ درج یتھ للہِ ہنٛدِس مشہوٗر تہٕ زبان زدِ عوام واکھس
اندر چھُ لل دیٚدِ استعارٕ استعمال کرنس منٛز سۄ کمال ہاوومُت۔ یُس اُکۍ بس
کٲتسہ تہٕ پوٚنچتہٕ کلام شاعرس ہنٛدی دٕسۍ مُمکن چھُ ہیٚکہِ۔ لل دید چھے استعارن
تہٕ علامژن منٛز یمو شارو ذریعہِ پننہِ بےبسی ہنٛد اظہار کران تہٕ مذہبی
ہدایتن پیٹھ عمل کرِتھ اصل منٛزِل حاصل کرنک درس دوان تہٕ سۄتی
چھے یہٕ ہان زِ تٔس گوٚژھہ پننہِ دۄن یہکہِ اتھ سۄدرٕ منٛز نٲوِ تار
لگٕنۍ، یتھ اندر سۄ ہمیوٚس لٔیہ چھے یوان۔ یمن شارن اندر چھے لل
اوم پنٕ۔ "سۄدر"۔ "ناو"۔ "اَمہ تاگ" تہٕ "گر" استعارٕ تمہِ اتھ استعمال کران
یموٚ تلہِ تشبیہہ شاعری اندر ابہام تہٕ کارِ پأیہٕ تھوٚنٕ نأیٚت چھُ۔ ۵

آمہ پنٕنہِ سۄدرس ناوِ چھس لمان
کتہٕ بوزِ دے میون مےٚ تہٕ دِیہٕ تار
آمین تاکین پوٚنۍ زن شمان
زوٗ چھُم برمان گرٕ گژھہ ہا

نابدٕ بارس اَتہٕ گنٛڈ ڈیٚوٚل گوم
دیٖیہ کاڈ ہوٚل گوم ہیٚکہٕ کہیو
گوٚبہٕ شُشند وَنٛس راوَن تیٚوٚل پیوم
پہلہٕ روٚس کھیٚوٚل گوم ہیٚکہٕ کہیو

نابدٕ بار ، دیٖیہ کاڈ ، گوٚبہٕ شُشند وَنٛس ، راوَن تیٚوٚل تہٕ پہلہٕ روٚس کھیٚوٚل ہِو تشبیہات تہٕ استعارات چھِ لَلہٕ ہِندِس کلامس شہٕ رنٛگ بخشان یِمہٕ سیٚتۍ شہ سوٚ نیرِل چھُ باسان ؎

کنٛشدیو گیہ تیٚزیو کنٛشدیو وَن واس
ویچھوٚل من نارٕ بٕلِتھ تہٕ واس
دِین راتھ گنٛزرِتھ پننُے شوٚاس
گیٖھنُے چھٔکھ تہٕ تیٖشہنُے آس

کیٚنہہ لُکھ چھِ ہُمکتی حاصل کرنہٕ خاطرٕ پننٕ گرٕ بار تراوِتھ گوشہ نشینی اختیار کران تہٕ کیٚنہہ چھِ یِوہے خیال ہیٚتھ گوشہ نشینی تراوِتھ گرٕہستی زندگی بسر کران تہٕ دُے ژھانڈان۔ مگر یوٚتاںٛ اَکھ منش پننہٕ ذاتہٕ تہٕ وجوٗدس متعلق اَیکو ہیرزانٕنہٕ خاطرٕ مشغوٗل روزِ تیٚتِس مہٕ کھ چھینہٕ یِہ ضروٗرٕوری زِ تس کُنہہ جایہ پیٚیہٕ روزُن۔ مُکتی تہٕ گیان حاصل کرنہٕ خاطرٕ چھُ لازمی زِ تس پزِتھ کانہہ شہ گرٕ دیٖیہ۔ سٕیدو سے خیالس منزٕ روزُن۔ یِہ خیال چھُ للہٕ دیدِ "ون واس" لفظ استعمال کرِتھ تلمیح ہِندِس رنگس منزٕ معرفتِ الٰہی پراونہٕ موکھ جان پاٹھۍ وَیرٕتھ نووُمت۔

یِتھے پاٹھۍ چھُ یِوہے خیال للہٕ یِتھ واکھس منزٕ تہٕ بووُمت۔ سہ چھے وَنان زِ معرفتِ الٰہی ہِندِ نوٗرٕ سیٚتۍ گوٚ رٕ م پننِ پان روشن تہٕ شکتی

آفاقی بنومُت تس چھےٚ پنٛنہٕ تہٕ پننین شاعرن ہنٛز مادرائیت استعاراتی
اندازس منٛز لبنہٕ یوان تہٕ اَتھ برعکس چھہٕ تسندِس کلامس منٛز تلمیحات تہٕ
تشبیہ بیسترکمہٕ پٲٹھۍ میلان۔ ہیٚرِمین دوٚن واقعن منٛز چھہٕ لٲگہٕ ہیٚو
"ہاربنٛہ" "پیٚنڑ توٚسکان" "اکھ چھان" "راز دانٕی" "بازر" "قلفہ روٗس
وان" "شمن سوٚتھ" "چھٕنۍ" "ہار" تہٕ "نادِ تارٕنۍ برمحل تہٕ موزوٗن استعار
استیمال کٔرِتھ۔ یِمہٕ سیٚتۍ اَمِسند کلامہٕ دُوآتشہ چھُ بنیومُت۔
یوٗدوٕے لل دید مذہبی عقیدٕ کنۍ غار مُسلم خوتوٗن چھےٚ اَمِسٕنٛز
مگر برہمن گور آسنہٕ باوجوٗد چھےٚ سہ ذاتھ پاتھ کِس بدقسمتۍ خلاف اَمِسٕنٛز
اُمیک تذکرٕ چھےٚ سوٚ یتھ واکھس منٛز کران تہٕ اَتھ سیٚتۍ چھےٚ علامتی آیِس
منٛز اکھ جان تلمیحِک پس منظر تہٕ بیان کران ــــ

پٔرِتھ تہٕ بوٗزِتھ برہمن ژھیٹن
آگر کھٹن تہہ شدِ ویدٕ سیٚتۍ
پٔنٛنس سٕنٛز نۍتھ تھوٗن مٔٹن
موٗہت من گژھ ہیکہٕ اہنکاری

اَمِس عظمتہٕ واجبہٕ شاعر خوتوٗنہٕ چھُ شاعری ہٕنٛدِس فنس عروجس سمت
تہٕ علم بیان چھِن پیچیدٕ گیتن ناوی جارٕن بجاے فطری طور تیوٗ ناہ عبوٗرا و
زٲموٚت پٔرِتھ کانہہ واقہ چھُ تشبیہاتو تہٕ استعارو سیٚتۍ انتہائی درجہ
چُست، ٹھٔرِ شبہ دار، برجستہ تہٕ نُدرت بیانک آیینہ دار تہٕ گُمان
چھُ سپدان زِ للہ چھےٚ شاعری ہنٛدِس فنس مُتلق کُنہ شاعری دبستانس منٛز
باضابطہ تربیت حاصل کٔرمٕژ۔ اَتھ ثبوتس منٛز کرٕ یہ بعض کُنہ للہ ہنٛدی
کینہہ اہم تہٕ خاص واکھ قلمبند۔ یِمن پیٹھ غور کرِتھ یِہ حقیقت تہٕ نہہ کُن

للہ ہُند بیاکھ اکھ آفاقی تہٕ معنی آفرین واکھ چھُ صرف تسٕنٛز
بے بسی تہٕ ناگفتہ بہ حالتٕ ہُنٛد آئینہ دار یوت، بلکہ چھُ اکھ استعارٕ
تہٕ یہ استعارٕ چھُ یتھہٕ فٲنی دُنیہِ ہٕکہِ ہن حادثن ہِنٛز باوتھ، بلکہ چھُ
تسٕنٛز زندگی ہُنٛد اکھ شدید احساس تہٕ تہٕ آمہٕ واکھ کیٚہ آکھ لفظٕ ملہ
چھُ تسٕنٛد بہ شدید احساس گرٕ کھوتہٕ گرٕ تیزان تہٕ یہ ہیکہِ پٔرتھ انسان
سٕنٛز زندگی ہیٚمہ اَز تہٕ لاگوٗ سپدتھ تہٕ یہ چھُ للہ ہنٛزٕ زندگی ہُنٛد اکھ بوٚڈ
بارٕ آلمیہ تہٕ۔ سہٕ چھےٚ پنٕن وعہ ندٕ تشبیہاتی تہٕ استعاراتی انداز سٕ ہنٛز
یتھہٕ طریقہٕ باوان ؎

ہیچہٕ ہارٕ ژٕنجہٕ پیٚٹھ ژٕ کان گوم
اَکھ چھان پیوم یتھ راز دانے
مٔنزٕ باگ بازرس قُلفہٕ روٗس وان گوم
تیٖرتھہٕ روٗس پان گوم کُس مالہ زانے

للہ دید چھےٚ پنٕنہ لاچارگی تہٕ تنہایی ہیٚمتھ پیٚرشاہ ورفتارٕ زٕ سہ
چھےٚ کرب واضطرابس مٔنزٕ باگہ ہیٚتھ آمٕژ تہٕ پنٕن پان چھُ تسٕ زندگی
ہنٛدس یتھہٕ آتہٕ گرٕ چھ کٕس گرٛتس مٔنزٕ دمہ راتھ پیٚتھ پیوان۔ تمہٕ چھےٚ
سہ پنٕن اندریم نار ہیٚو میہ راو تہٕ معکہ پنٕنٛز بے بسی یتھہٕ نٛرایہ ظاہر کران ؎

آیس وٕتے گٔیس نہٕ وتے
سُمن سوتھ مٔنزٕ لۄستُم دۄہ
چنٛدس وُچھُم تہٕ ہار نہٕ اتے
ناوِ تارس دِمہ کیاہ بو

للہ چھےٚ زیادٕ ترٛ استعارن کام ہیٚتھ پنٕنہ کلام ہیٚٹھا تہہ دار تہٕ

زٔلہ پیٹھٕ پٔکنٕ تھیکنٕ لوٗکن
نارس اَژنٕ مارسس ویٚد
آکاشس گٔمتو وُپھنٕ آسنٕ
کیٚپٹ باسنٕ آسن ژٕتھ



دوٗبۍ ییٚلہ چھاوٕنس دوٗبۍ کنہٕ پیٹھے
سزٕ تہٕ صابنٕ مُژھنم پٔژے
یِژٕ ییٚلہ پھیرِ تم ہٕمنہٕ ہٕمنہٕ کاٹِے
اَدٕ لٔلہ مےٚ پرٕاوُم پٔرمہ گَتھ

ہیمَن وٲکھن اندر ہیم استعارٕ استعمال چھہِ آمتی کرنہٕ، یِم چھہِ
یارُژ جنگل، وگ، پوٚت زوٗن، موٚت، کیلِم، شنگرٕ، منگرٕ، دروغ گوسہٕ،
صاحب، دُکان، وان، دونی، چھالو ژیٚنٕ، زل، نارس اَژنٕ، کیٚپٹ،
دوٗب، دوٗبۍ کنہٕ، سزٕ، صابن تہٕ پِژ۔

ییمہٕ بٔرم دِنہٕ والہٕ دُنیہِ ہٕنزِ بے ثباتی تہٕ ناپاییدارِی ہُنٛز اکھ
حسین تصویر چھےٚ لل دیدٕ ہیٚتھ وٲکھن منٛز استعارٕن ہٕنٛدِ ذٔریعہٕ پیش
کران۔ تہٕ یہ وٲکھ چھہِ لٔلہِ ہٕنٛزِ شعوری بلندی تہٕ تشبیہن ہٕنٛدِ انجماسٕچ
ہُنٛد اکھ مرقع۔ ییتھ اندر مجازٕچ تہٕ حقیقتٕچ اَدٕ رٔل، تمہٕ چاکہ یَد ستی سان
گژھِتھ چھےٚ، یُس بہ ہیٚنز مثال پانہٕ چھےٚ۔ اَمہٕ تُلہٕ چھُہ صاف نشان زٕ لٔلہٕ
ہُنٛد کلامہٕ چھُہ صداقتھ، جدتِ فکر، مضموٗن آفرینی، اجتہادی
اُسلوب، استعارن، تشبیہاتن تہٕ تلمیحاتن ہُنٛد آیینہٕ دار۔
آمچ پٲرِ منزٕ بیاکھ وِیژار دوٗنٕ

چھیّ یلان زِتس چھُہ استعارہ، تلمیح تہٕ تشبیہات وَرتاونس منز پلوَر دسگاہ اوسمُت ؎

سمسار ہیو مالہ یاربُوٗ جنگُل
لاری کسلُم تہٕ بٔیتہ بدیوسے
گرِ کرُن ہیو مالہ پیہٕ پیٖؤن سنگُر
نیرکھ نشگُر تہٕ دروغ گوسے

●

سو رگہِ جامہ ترائو پتھ اُلکھ پرُوٗم
دگ للہ نوٗم دیہٕ سشتر پرشیے
پٔت زٔونے موّت وُزنوٗم
ژیت تہٕ مالہ کُلس پیہٕ نٔیشدرِ پٔیمے

●

صاحب چھُہ پہتہ یانہ ڈُکانس
سأری منگان کینژھا بہ
دوٚٹ لو کأشبہ مُہشد رأچھ لوٚوانس
یہ ژٔیمے گرٔھی تہٕ پاسنے رہ

●

لٔرا لُزِم منز مأدانس
اُندرا اُندی کرِدمس تکیہ تہٕ گاہ
لٔجہ روزِ ۂیتیو سے تہٕ گرٔھ ریانس
دوٚنی گوٚ وانس پھالوٗ دیتھ

بدری ناتھ کلہ

# لل دِدِ ہٕنٛدِس فلسفس سٟتی مُشر

کشیٖرِ ہٕنٛدِس توآریخس منٛز چھےٚ ژوداہِم صدی اَکھ اَہم صدی مانٛنہٕ یوان۔ اَتھ صدی منٛز وُژھ اَکھ یوگنی (عارفہ) یَس لُکھ لل دیدٕ یا لَلہٕ موج وَنان چھِ۔ اَمہِ ہٕنٛدِس گوٗرس اوس سِدہٕ بوے ناو یُس شیوٕ فلسفُک بوڈ بارٕ پٔنٛڈِت اوس۔ اَوٕ کِنہِ یوٗدوے اَمہِ ہٕنٛدِن وٲکھن منٛز اَمہِ فلسفُک اثر لَبنہٕ یِیہ تہٕ عام اُنی چھےٚ نہٕ کیٚنٛژھ تہٕ۔ مگر مطالہٕ کرنہٕ پتہٕ چھِ نَنان زِ اَمہِ ہٕنٛدِن وٲکھن پیٚٹھ چھُ واریاہن فلسفن ہُنٛد اثر یُس مُت بود فلسفُک، شیوٕ فلسفُک، یوگُک بیتر۔ یِمو ساریوے فلسفو کھوتہٕ چھُ اَمہِ ہٕنٛدِن وٲکھن منٛز شیوٕ فلسفس سیٚٹھا سوٗن تہٕ گوٗن دٕریٹھ گژھان۔ مختصر پٲٹھو وَنہٕ یہٕ ہِنٛدُستانُک فلسفہٕ تہٕ اَمہِ کیٚن مختلف سوٗکولن مُتعلق کیٚنٛژھ ضروری کتھہٕ یِمن کتھن کشیٖرِ ہٕنٛدِس فلسفس سٟتی گوٗن واٹھ چھُ۔ رِگ ویدس منٛز چھُ سَروٕ ایشوٕر واد (Panthetic philosophy) شُروٗعٲتُک گوڈُنیُک مِثلن پُرُش چھُ یہٕ سورُے کاینات تہٕ کیٚنٛژھا بروٗنٛہہ ٲسۍ تہٕ بیٚیہ یِیہ سورُے تِچھ پُرُش۔ رِگ ویدس چھُ پُرُش ... ... پتہٕ ہِستی موتمُت تہٕ یِمس اَسہٕ عام پٲٹھو ایشوٕر ... چھِ۔ گویا یہٕ سورُے دُنیا چھُ ایشوٕرُنٛد روٗپ۔ اَمہِ ویدکس (X 129) مَنترس منٛز چھُ یہٕ خیال رٕٹِتھ ہٕنٛدِس منٛتس منٛز وُٹھمُت زِ یِمہٕ کاینٲتُک ابتدا چھُ وِچِت شکتی،

پٔرٛان تہٕ روہَن ہیٚپیو ما
پٔرانس بُجزِتھ مٔزا ژٕہُن
مۄدُر چھُو تہٕ ہیٚپیو ما

یہ مضموٗن خَتم کرَنہٕ برونٛہہ کرٕ بہٕ للہ ہٕنٛد بیاکھ اکھ مشہوٗر واکھ پیش، یتھ اَندر سعہ اکھ اہم تأریخی تہٕ مذہبی تلمیح استعمال چھےٚ کران واکھ چھُ سہ

نامھ بُوزنو رأنی مَنٛگے
منٛے راوُن راج کرِم کیشیا
یہ گوم لیٚکھتھ تہٕ مایرِم
ہرِم ہرِم تہٕ ہرِم کیشیا



بود سۄ کۆلو لۆیُتہ یِمن یِمن فلسفن ہنٛدۍ سۄ کۆل برہمن مت کیت پأر ووکارن۔
منٛز بارسس آیہ۔ تِم چھہ یِم۔ سانکھیہ یوگ سۄ کۆل۔ یِمو چھہ مأدی طاقتہ
تہٕ خیالک طاقتہ عظیم ہستی مونمُت۔ نیایہ وپیشیشک یِہنٛدٕ نظریہ
کِنہ چھہ یہٕ کاینات سیٹھا ہو تہٕ مختلف مادٕن ہنٛدِ میلہٕ سیتی بنیومُت۔
خاص کرِتھ چھہِ ویشیشک مَتس منٛز یِم عنصر ایٹمن منٛز باگن منٛز تقسیم
کرنہٕ آمتۍ۔ یِمو زٕ گوو سیتی یہٕ سورے سمسار بنیو۔ میماںساتہٕ ویدانت یِمو
دوشوٕ متو کوٚر کرمک فلسفہ تہٕ برہمہ گیانک فلسفہ قایم۔ کرمہ فلسفہ موجب
چھہ زِ یوس (انسان) پننین کرتوتن یا عملن ہنٛد پھل ضرور بوگُن
پیوان۔ رُتہٕ کام آسن کرِمژ تہٕ رُتے پھل مِلہ۔ خراب کرم آسن کرِمتۍ تہٕ ناکارٕ
پھل بوگہٕ۔ برہمہ گیانک فلسفہ چھہ وَنان زِ عظیم ہستی چھےٚ برہم۔ (Ulti-
mate Reality) برہم چھہ سَت۔ چِت تہٕ آنند۔ یِم کیا گیہ۔ سَت
گو ہمیشہ روزن واجینہ ہستی (Eternal Reality) چِت
گو۔ شعورک طاقتہ (Conscious Reality)
تہٕ آنند (Bliss) گو تھدٕ کھوتہٕ تھود سُکھ یا وَنو اتھ پارمارتھک
سُکھ۔ ہندوستانس منٛز آیہ وقتہ وقتہ شےٚ فلسفہ وجودس منٛز۔ یِمو پننہ
پننہ نظریہ کِنہ نوےٚ نوےٚ فلسفیانہ خیال پیش کرۍ۔ یِم فلسفہ چھہ (۱) سانکھیہ
(۲) یوگ (۳) نیایہ (۴) ویشیشک (۵) میماںسہ تہٕ (۶) ویدانت۔ مہرشی کپل
چھہ سانکھیہ شاسترک۔ پتنجلی یوگک۔ گوتم نیایک۔ کناد ویشیشک
جیمنی میماںسا شاسترک تہٕ بادراین ویدانت شاسترک بأنی کارمانِنہ یوان۔
یِمن سیتی گو ویاکرن شاسترکین (Grammarians) عالمن
منٛز شبد برہم واد تہٕ سپھوٹ واد سۄ کۆل شوٗرو۔ یِمو دوشوٕ فلسفو موجب

(conscious principle) پیٹھ شوٗد و تُو لت ریگوید
چھُ (2000 - 3000 B.C) دوٗرس منز ووٗجوٗدس منز آمُت۔ وید
رِکس اَنتس پیٹھ آو ادویت بَرہمک تِک فلسفہ وجوٗدس منز تِکیہ
گوٗ پُریمہ کاینات چھ حقیقت۔ یتھ Reality چھُ اکھ بَرہم (Abso-
lute Truth) یوٚہے چھُ ہنٛدستانُک اہم فلسفہ۔ یی تا حال
اُپنشدن منز تہٕ ویدک آریک ہندین ویدانت فلسفس منز پھیلیٖتھ پانچھ
ویژ صحنا ورنہ۔ بُد تہٕ مہاویر سُنٛد دور (6th century B.C) پیٹھ گیہ
ہندوستانکہ فلسفکہ مختلف سوٗکولن جارۍ۔ یمن کینژن سوٗکولن منٛز نظریہ
چھُ پیٹھ پانٛچھ۔ لوکایت یُس چارواک تہٕ چھ وَنان یمہٕ سۭہ مادٕ پرست
تہٕ یمو کوٚر ایشورس سٟتۍ انکار۔ مرنہٕ پتہٕ زندگی آس ہس خلاف چارٕ
یم اُس وَنان زِ مرنہٕ پتہٕ چھنہٕ زندگی ہُنٛد کانٛہہ تہٕ وجود۔ براہمنن ہُند
اوس آمہ سوٗکولُک بانی کار۔ چارواک تہٕ اوس اُمۍ سُنٛد ژاٹھ۔ جین مت
والین ہُنٛد چھُ انیکانت واد (Doctrine) پیٹھ آمُت ہوٚوِر۔ امہ
منز آو بیٛون بیٛون روٗپن وجوٗدس منز مانٛنہٕ آمُت۔ ژوٗرِم اُس بُدھن ہنٛد
ہُنٛدِس گوم رِچھن تیسر فلسفک چھ وَنان۔ گوم ڈیٚنیک اوس پُشپ دیوتہٕ اُکری
اوس وَرد مان مہاویر۔

سروا ستہ واد۔ کھنک واد۔ وگیان واد تہٕ شونیہ واد چھ بُدھ
ہُنٛدکو ژور شیٛہو سوٗکولن۔ یمن منز چھ کھنک وادس تہٕ شونیہ وادس
زیادٕ زور دنہٕ آمُت۔ وگیان وادس پیٹھ چلن وال چھ مانان زِ عظیم
ہستی چھےٚ خیالک ہیٛر وِزِنز (Flow) یوسہ مٕنٛز ہیٛشہ بدلوان رہان
چھےٚ شعوٗر وادی چھ وَنان زِ عظیم ہستی چھےٚ شعوٗر (consciousness) یمو

دورِ پیٛٹھ اُس کٲشیرِ ہِندین لُکن خبر کیتہٕ کالہٕ پیٛٹھ تولُقاطہٕ سیٚدِ کرٕمیتر
اَمیُک نتیجہ درٛاو یہ زِ کٲشیرِ منز وٲتۍ ہِندوستانہٕ پیٛٹھ وقتہٕ وقتہٕ مختلف مت
تہٕ فلسفہٕ۔ یِمن منز ویدِک شیومت تہٕ فلسفہ شٲمِل چھُ۔ یِمو سوٚکو لوٚ ژۄدو
کٲشیرِ ہِندین عالِمن پیٛٹھ سیٹھا اثر۔ بُدمت اوس کٲشیرِ منز مسیح سِندِ
دورِ پیٛٹھ سیٹھا کال بٔرونٛہہ پھٔلیومُت۔ یہِ مت اوس اشوک سِندِ وقتہٕ
پیٛٹھ سٔتمہِ صدی تانۍ کٲشیرِ منز عروجس پیٛٹھ۔ اٹھمہِ تہٕ نٔومہِ صدی
منز آو کٲشیرِ منز اَکھ مذہبی انقلاب۔ یَمیُک نتیجہ درٛاو یہ زِ بُدمتس
لوٚگ سیٹھا دکہٕ تہٕ بٔرونٛہہ شیومت آو بیٚییہ بارسَس۔ نٔومہِ صدی
منز بنیہٕ یہ کٲشیرِ مختلف فلسفن ہِندین لہرن ہُند سنگم۔ یِم لہر آیہ ہِندوستانہٕ
پیٛٹھ بودن۔ ویدکن۔ شیون۔ شاکتن۔ ویاکرنن (Grammarians)
سانکھین۔ نیایکن۔ ویدانتین تہٕ یوگہٕ درشن کین سۆکولن نِشہٕ کٲشیرِ منز۔
یِمن فلسفن ہِندِ سنگمہٕ کِنۍ آو اَکھ نوٚو فلسفہ وجودس منز یُس عام
لُکھ چھِ کٲشیرِ شیوازم ونان مگر یہ چھُ اَکھ خاص فلسفہ۔ یَمیُک ناو پرتیہ
بِجنیا فلسفہ چھُ۔ یہ چھُ یوان بوزنہٕ زِ یہ فلسفہ پیش کرن والیوٚ اَتھ سیٹھا
فلسفی یا خیال پنٕنۍ سۆکول مکمل تہٕ معقول بناونہٕ خاطرٕ یِمو مُتو منز مگر
کٲشیرِ ہِندیو فلسفہ دانو کوٚرٕ یہ فلسفہ پیش ٹیکنیکس منز پیش یُس یِمو
کٲشیرِ شیو اگمو منترن کوٚڈ۔

کٲشیرِ شیو فلسفن منز
شیو متکۍ تہٕ ویدانتکۍ اصوٗل کیاہ چھہ تہٕ یِمن دۄن
کیاہ چھے بُنیٲدی فرق۔ اَتھ گیٖنہٕ کٔڈنۍ چھپے منوٚرٕ وٲری۔
کٲشیرِ شیومتس تہٕ ویدانتس چھے بُنیٲدی فرق یہ:

چھُ یتھیٖ سارِی کاینا تمٕک ابتدا لغیظ۔ امہِ ٹھیمہ صدی منٛز آیہٕ ز بُھدی فلاسفر بارسس۔ گوڈپاد تہٕ آدِ شنکراچاریہ۔ یمو کوٚر ادویت برہمہ واد تازٕ بتھ کرنہٕ خاطرٕ وۄرت، ناوُک مَت یا مایاواد رائج۔ امہِ مَتہٕ (Doctrine) رکنہٕ وۄن یمو۔ اکھ برہم چھُ پوٚز تہٕ بہ دُی یاہ چھُ اپُز۔ تہٕ زیو (انسان) چھُ برہم۔ اتھ متعلق لوٚگ پتہٕ مس دورس منٛز بٮ۪یَن مَتَن سیتی ٹکراو۔

یمَن منٛز بھاسکراچاریہ۔ رامانُجاچاریہ۔ ولبھاچاریہ بیترین ہنٛدِ کہ سوٚکوٗل ذکر کرنس لایق چھِ۔ یموٗ شنکراچاریہ سٕندِ مایاواد پھُٹرووٗ تہٕ یمَن منٛز چھُ کشیر منٛز ہٕندِ پرتہٕ بھجنیا فلسفہ (Doctrine of Recognition) تہٕ شامل۔ امہِ پرتہٕ بھجنیا فلسفن مونہٕ شنکر آچاریہ سٕندِ مایاواد۔ ہنٛدستانکین شیوٕ مَتَن منٛز تہٕ آیہ مختلف واد (Doctrine) وۄنہٕ جاۓ دِنہٕ منٛزٕ۔

ییتھ پاٹھۍ ہنٛدستانس منٛز مذہبی مَتو منٛز بٮ۪یہ فلسفہ وۄچھ جاۓ دِنہٕ منٛز آیہٕ تتھے پاٹھۍ آو کشیر منٛز تہٕ فلسفہٕ شیوٕ مَتہٕ پیٹھ وۄچھ جاۓ دِنہٕ منٛز۔ مطالعہٕ کرنہٕ سیتی چھُ نَنان زِ شیوٕ مَت چھُ سیٹھاہ پرون تہٕ ہنٛدستانکین مختلف جایَن منٛز اوس یہ ق۔م 3000 وری برونٛہہ میٛ وقتہٕ پیٹھے لُکن منٛز مقبوٗل۔ امیُک ثبوت کار پوٚر بُتھ چھُ سِندھ وادی منٛز کھنٛنہٕ سیتی ڈرامُت پشُپتہٕ ناتھنی یا نۍ شوٕ سٕنز موٗرتی ییٚتھ تمہِ ورز لوکھ پوٗزا کران۔ تہٕ کشیر منٛز اوس یہ مَت مہاراج اشوک (232-213 B.C) سٕندِ وقتہٕ برونٛہٹھ بارسس آمُت۔ شوٕ تہٕ شکتی مَت اوس کشیر منٛز بٮ۪یَن مَتَن ہُر لوٚزا بتھہٕ تہٕ زیادٕ سے مقبوٗل۔ یہ چھُ بنیاد زِ شوٕ تہٕ شکتی مَت کر آو کشیرِ۔ مگر کلہن سٕنز راج ترنگنی مطابق چھُ بامسان زِ مہابھارتہٕ

کُنہ کُنہٕ قسمُک صِفتھ۔ نۄ لُت یا نسبتھ منسوب سپدان۔ یہ ذات چھےٚ ! نہ
مُکانہٕ تہٕ کارنہٕ نِشہِ مُچھٕ۔ یہ برٛہم چھُ نِراکار (بلاشکل) تہٕ نِرگُن (بلا صِفتھ)
"خالِص شعوٗر" (وِدیا) اَوٕ کِنہ چھُ روٗحٲنی آنند تہٕ تیٚکیا زِ یہ آنند
ہیٚکیہٕ شعوٗرٕ وراے ممکن سپدِتھ۔ یہ آنند چھُ تمہٕ آنندٕ نِشہٕ بیٚون
یُس خواہش ہِشہِ ذٔریعہ یہ اِنسان محسوٗس ہاکان چھُ کران۔ برٛہم سِنٛد
یُتھے ماورٲیی پہلو چھُ یتھ "تھزٕ حقیقتھ" تہٕ چھہ ونان۔ یہ برٛہم چھُ
شعوٗرٕ ہمیشہٕ کھُو پوشہ ؤن۔ شانت تہٕ خاموش۔ اَمِس چھِہ ترٛیِہ صِفتھ:۔
ست، چِت تہٕ آنند۔ ست گوٚ ہمیشہ روزَن واجینٛہ ہستی (Eter-
nal Reality) چِت گوٚ شعوٗرُک طاقتھ (Con-
scious Principle) آنند (Bliss) گو تمہٕ کھوتہٕ تھوٚد
سعۄکھ۔

شیو فلسفہ دان چھہ یمَن ویدانتیَن یمَن نوکتَن اعتراض کران۔
یُتھ دوےٚ اوِدیا چھےٚ اَپُز۔ تیٚلہِ ہیٚکیہٕ یہ یتھ کاینانتُک وَجہہ (کارَن)
بنِتھ۔ یوسہٕ اوِدیا پتہٕ وتھہٕ بیچھٕ وۄجوٗدس منز چھےٚ۔ اَکہ چیز یُس
اَپُز چھُ تہٕ یتھ تہٕ کانٛہہ دَرِیر چھُ۔ ہیٚکیہٕ تتھِس چیزس وۄجوٗدس منز
اَنِتھ یتھ آدار (Base) چھہ تہٕ یُس پوٗز تہٕ پوشہٕ ؤن چھُ۔ یہ چھُنہٕ
صاف ظٲہر سپدان زِ اوِدیا یہ ہنٛد اَثر کَس بیچھٕ چھُ غٲلب تہٕ کَس
چھُ اثر انداز کران۔ یہ ہیٚکیہٕ برٛہمس بیچھٕ پنُن اَثر ترٲوِتھ یُس ہمیشہ
شُدروپ (پاک دار) گیان روٗپ (عرفانی) تہٕ آنند روٗپ چھُ۔ اَتھ
چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شکھ زِ یہ ہیٚکیہ اَکس موجوٗدٕ چیزس اثر ترٲوِتھ مگر ویدانتہٕ
موجوٗب چھُنہٕ موجوٗد گوٚ دُرح ہمیشہ روزِ ؤن۔ یہ چھُ صرف برٛہم یُس

ویدانت چھُ اُپنشدَن پیٹھ مبنی شیومت چھُ تنترَن پیٹھ۔ ویدانت چھُ
مۄلہٕ تلہٕ ویدِک مگر شیومت چھُنہٕ ویدِک کینٛہہ۔ یہ چھُ تانترِک تہٕ ویدانتُک
ارتقا چھُ ویدِک آریَن تہٕ تواریخی مگر شیومت چھُنہٕ ویدِک تہٕ چھُ تواریخ
برٛونٛہم (Pre-Historical)۔ شیومتُک مذہبی اعتقاد چھُ شِو تہٕ
شکتی ہُند فلسفہ یانہٕ تصور تہٕ شیو بوٚزِتھ پرٛکرِتھ اُس بِنہٕ وادی ہندین
زمانس منٛز ہندوستانس منٛز سیٹھا مقبول۔

ویدانتہٕ مطابق چھُ دُنیا یا اَپُز (False) یہ چھُ ییتھے اَپُز
ییتھ اَسہٕ صحراوس منٛز سیٛکہٕ پۄنۍ باسان چھُ۔ دُنیا یس اَسہٕ اَمہ چالہٕ باسان
چھُ تمیُک وجہ چھُ اَکہ قسمُک لاعلمی ییتھ ویدانتس منٛز اَوِدیا وَنان
چھِ۔ اَتھ اَوِدیا یہ چھُنہٕ گوڈٕ کینٛہہ۔ یہ چھےٚ اَنتہٕ رَستہٕ زمانہٕ پیٹھٕ
(Eternity) کام کران تہٕ یُتھ علمہ یانے وِدیا یہ رَنگہ ہیٚکہٕ یہ ختم کٔرِتھ
ییمہٕ وِزِ انسان زِہنہٕ منٛز یکہٕ ژٕکرِتھ مۄکلہٕ تِتھہ حالژ منٛز چھُ زیو پوٚر برٛہمن
(Absolute Truth) اَتھ منٛز لے گژھان۔ پَرزٕ چھُ یہ زٕ رُح
چھُ پانے پوٚر برٛہمن مگر اَوِدیا یہ رَنگہ چھُ یہ رُح برٛہمنس نِشہٕ پانس بیون
زانان۔ وودٕنی ییلہٕ اَوِدیا چھےٚ غٲب گژھان تہٕ رُح چھُ پنٛز۔ پوٚز حقیقت
(Nature) یانے پوٚر برٛہم زانان۔ اَمہ قسمُک زانُن چھُ پوٚرٕ موکلُن
یانے پوٚز نجات۔ یے چھُ حقیقتن انسانہٕ سُند آخری مقصد۔ پَرزٕ چھُ یہ نہ
چھُ رُح نہ چھُ کائنات۔ نہ چھُ بَندَن نہ چھےٚ مکتی (نجات) یہ سورُے چھُ
اَپُز۔ وودٕنی چھُ اَسہ اَوِدیا یہ رَنگہ یہ ہُند وُجوٗد باسان۔ یہ اَوِدیا تہٕ چھُنہٕ پوٚز
کانٛہہ چیز۔ صرف پوٚر برٛہم چھُ پوٚز۔ یہ برٛہم چھُ خالص ذات تہٕ اَتھ تانٛہِ
ہیٚکن نہٕ سانِین حواسن ہنٛدہ پادٕ کرِتھ مِتہ خیال واتِتھ۔ اَکہ رَنگہ ہیٚکہٕ نہٕ اَتھ

بذاتِ خود قسمہ درتی پرٛکاش روٗپ اُمیٖکہ پرٛکاش روٗپ آسُن چھُہ پانٕنی
اَمیٖکہ شوٗعوٗر۔ دراصل چھُہ یہِ اَکھی زِ ناو (شوٗعورتہٕ نوٗر یا پرٛکاش)
یوٗسہٕ گوٗبرہِ میہِ ہشو (اعلاترین حقیقت) یہِ چھُہ شیٖشہِ تہٕ ہِشو تہٕ توٗ (عنصر)
ہیٚتوٗر۔ اَمہِ سٕنٛد نوٗری روٗپ گوٗ ہشو تہٕ اَمہِ سٕنٛز شوٗعوٗری حالتہٕ گیہِ اَشکھتی
یا طاقتہٕ (Energy) ہشو سٕنٛد یہِ طاقتہٕ چھُہ تمِس منٛز اَکہِ قسمٕچ
حرکتہٕ۔ یِمہِ ہشو شٕنٛز یہِ حرکتہٕ چھےٚ اَمہِ سٕنٛد منوٗر وٗری صِفتہٕ۔ دراصل
چھےٚ یہِ شوٗعوٗر چہِ حرکژ ہیٚنٛدہِ یا پھٹو اَکہِ قسمٕچ لگاتار اندرٛوٗنی تہٕ نیبرٛوٗنی
دوٚہٕ دوہٕ (Vibration) یتھہٕ شیو فلسفس منٛز سپنٛدوان چھہٕ
ہشوس چھہٕ زِ پہلو۔ عالمہٕ ہیتوٗر (Transedental) تہٕ
عالمس منٛز (Non transcendental) سُہ چھُہ سپنٛد چہِ اَنٛدرٕ
دوہٕ دوہٕ کنہٕ عالمہٕ ہیتوٗر پہلوٗ محسوٗس کران تہٕ کاینٲتی پہلوٗ بچھُہ
پینٕہٕ نیٖشِرمہِ حرکژ کنہٕ محسوٗس کران۔ اَمہِ حرکژ کنہٕ چھُہ سُہ ہمیشہ عالمہٕ ہیتوٗر
تہٕ عالمی پہلوٗ زانان۔ یِمہِ ہشو سٕنٛدی کُمن دوٚن پہلوٗہن وَنوٗ اَسی پوٗزتہٕ کمن
وَنوٗ اَپزٕ۔ دراصل چھُہ دوٚن شوٗسے پوٗزٕ۔ اَمہِ کنہٕ چھِنہٕ ہشو شوٗعوٗرٕ ورٲسے
شٕنٛکہ یا پھٹو شانٛتھ یہِ کنٛتہٕ چھُہ دیدِ اَنٛتر وَنان۔ سُہ چھُہ شانت تکیازِ سُہ شوٗ کہہ
دوہ کہہ الاپچہٕ بیٖتر نِشہِ مُچھہٕ۔ مگر اَمہِ سٕنٛدِس اَتھہ شانت صِفتس منٛز چھےٚ خالص
شوٗعوٗرٕچ حرکتہٕ۔ تہٕ یٚیمہِ اَنٛتہٕ روٗس تہٕ ساروے وَیاپتھ "بِنٛدُ" یہِ کاینات
چھُہ خالص "بِنٛدُ" اَتھہ منٛز روزان "بِنٛدُ" کس روٗپس منٛز۔ حرف "بِنٛدُ" تہٕ چھےٚ
شوٗعوٗرٕچ حرکتہٕ یوٚسہِ کاینٲتس مجازی شکلہِ منٛز بناوان چھےٚ۔ پرٛکاش
روٗپس منٛز چھُہ ہشو عالمہٕ ہیتوٗر۔ وِمرشس منٛز چھُہ سُہ دُنیاوی۔ اَمہِ
سٕنٛد وجوٗد چھُہ یتھہٕ پانٛژاَبدی تہٕ اَنٛتہٕ روٗس۔ سُہ چھُہ پننہٕ ہشونایہ (God head)

ہمیشہ پوشہِ وُن چھُ پیٚتھ پأنٛژ چھُ یہ مسلہ ویدانت عٔلمہ ورأے ژاوان۔
شیوٕ فلسفہٕ دانو مُطأبق چھُ شِو تہٕ پوٗز کأینات تہٕ پوٗز۔ اَپُز نہٕ
کینٛہہ۔ یہ کأینات چھ ہمیشہ شِو سٕندِس روٗپس منٛز یُس پٔرتھ جاے
ویاپتھ چھُ، چھُ ہمیشہ موجود۔ شِو چھُ پننِس روٗپس منٛز شُدھ چیتیشہ
(خالِص شُوعوری) تہٕ شُدھ پرکاش روٗپ (خالِص نوٗرٕ نوٗرٕژ) یہ پرکاش
(روشنی) چھُنہٕ مأدی پرکاش یِتھ کٔنۍ بجلی ہٕنٛز روشنی ہیٚش۔ یہ چھُ شُوعورُک
نوٗر یٚمہ کِنۍ اُمہِ سُنٛد شُوعوری صِفتھ (Nature) زانُنہٕ یوان چھُ۔
تہٕ شُوعورٕچ حالتھ پانہٕ زانان چھُ۔ اَکھ بیٚاکھ زٕ چیز ہیٚکہ نہٕ پانہٕ ہِنٛز شُوعورٕ
صِفتھ زأنِتھ۔ تمہِ سُنٛد صِفتھ ہیٚکہ بیاکھ زأنِتھ۔ سُہ ہیٚکہ نہٕ پنُن وُجود
پانہٕ ثابیتھ کٔرِتھ۔ تمہِ کِنۍ تہٕ چیز چھُنہٕ پانہٕ پرکاش روٗپ

اُکِس جاندارس چھُنہٕ پنُن وُجود زانُنہٕ خأطر
کانٛہہ تِہُنٛد مدد ضروٗر ورتھ۔ اُمہِ سُنٛد وُجود چھُ پننہٕ پرکاشہ کِنۍ پانے
زانُنہٕ یوان۔ پرتھ جاندار یا پرتھ کانٛہہ انسان چھُ 'بہٕ' اَکِس روٗپس
منٛز وُجودٕچ ژینہٕ دِوان۔ یقینن چھُ یہ اَکھ اہم سوال زِ کینٛہہ انسان
چھ جِسم (Gross Body) 'بہٕ' مانان تہٕ کینٛہہ چھ عقل (Mental Body)
'بہٕ' مانان حقیقتھ چھِنے یہ زِ 'بہٕ' آسُک تصوٗر چھُ
اَکھ زأوُل عُنصر یتھ اَسۍ پران (life force) وَنان چھِ۔ اگر اَسۍ
اَمہِ کھوتہٕ زأوِی جایہِ گژھو تیٚلہ چھ اَسۍ اَمہِ ہِنٛزِ گژھتھ یتھ مأدی نیٚتس
منٛز شُنیس وَنان یہ گری پرزی پانٛژو 'بہٕ' چھُ سُہ زٕرح یتھ منٛز پرکاشُک تہٕ شُنیُک
تہٕ آسُن خایہٕ رۆس تِہُنٛد منٛز باسان چھُ۔ عالمہ ہِنٛدِ 'بہٕ' چھُ خالِص
پرکاش (نوٗر) تہٕ خالِص شُوعوری۔ ذرا عیل پرتھ شُوعوری حالتھ چھِنے

ہم کران تذکرٕ ہُنٛد بیتریٖن راج واکیپتہٕ تہٕ بھوبھوٗتی۔ بھوبھوٗتی۔ ناگارجنُن۔ اشو گھوش۔
بوٗزنیشیر ہیچھِتھٕ یوان چھہٕ۔ مگر اَمِس آچاریہ سُنٛد (شنکراچاریُن) تہٕ کینٛہہ اَتھ
چھُہ اَکھ خاص وَجہہ اگر شیو فلسفس آسہے شنکر ویدانتُک اثر رۆٹمُت تیلہ
آسہے بےشکھ سومانند ُن یا اُتپل دیون اَمِس سُنٛد تذکرٕ کوٗرمُت۔ آچارٕ
اَبھنوگُپت تہٕ چھِہ ویدانتیچہ اوِدیا یہ ہِشہِ تھیوری مُفصل طریقس مَنٛز تنقید
کران۔ بَیہ چھِہ گوڑ پادن تہٕ شنکراچارِنہِ ذکر کران۔ اَمہ تیلہ ہیکو اَسی
یہ کنٛہہ مَنٛمی پاٹھۍ وَنِتھ زِ یِمَن مُصنفن ہنٛزن تصنیفن مَنٛز چھِہ ویدانتُک
کانٛہہ تہٕ اَثر۔ شیوٕ فلسفہٕ داتو چھُہ پنُن اَثر (Inspiration) آگمو
ہیچھِتھ رۆٹمُت۔ ویدِک کِتابو ہیچھِتھ تہٕ کینٛہہ۔ یہ فلسفہ چھُہ مۆلہٕ تیلہٕ اویدک
امتِیٲزُک ٹیکنیک اَمہ فلسفُک اصطلاح یا زبان بیتر چھِہ ویدانتس سیٖتی
رَلان۔ دۆشوٕے فلسفہ چھِہ نظریہ کنہِ بِٹھۍ بِٹھۍ ییہِ چھُہ تہٕ چھُہ مگر اَتھ مَنٛز
چھِہ کانٛہہ شہادت زِ شنکراچارِیُن اَثر کیاہ چھُہ للہ واکھن ہیچھِتھ ییوٚمُت۔
یہ کنٛہہ چھِہے یِمَن زِ لل دیدہِ ہنٛدین واکھن مَنٛز چھِہ فلسفو یا تہٕ کینٛہہ اصطلاح
مشلن یِتھ واکھس مَنٛز:

ژٕ ہیتِہ تمہٕ رگ وَگہٕ ہیتھ رۆٹُم
ژٕ ہیتھ بیلہ وِتھ دَشہِ ناڑہِ واو
تۄرَے شِشہِ کل وِگہ لیتھ وُزِہم
شُنِس شُنیاہ میلِتھ گو۔

(لل دید۔ صفحہ نمبر ۱۲۸)

ہیتِہ مِیس واکھس مَنٛز چھُہ شُنِس شُنیاہ میلِتھ گو۔ یہ ہیتھے
پاٹھۍ چھِہ سہز لفظک واریاہ لٹہٕ استعمال کرنہٕ آمُت جِشلن یِتھ واکھس

پیٹھ زِ پوٚشِندِس روٗپَس مَنٛز یوٚن وُسان تہٕ بیٚیہِ پَرَم شوٗ ہِشِندِس مُقامَس
پیٹھ کھسان۔ سُہ چھُ ہمیشہ اَنٛتہٕ رٔستیٚن روٗپَن مَنٛز وسان تہٕ کھسان شیٖو
فلسفہٕ مُوجوٗب چھےٚ یہ کایِنات تِمو مَنٛز اَکھ کھیٖل۔ یِیمہِ کِنۍ شہ یہ کاینات
پنٕنہ وجوٗد موجٔتاراَنہٕ قوٗتہٕ سیٚتۍ بناوان چھُ۔ اَمہِ قِسمُک اَمو شُند ظُہوٗر عالمَس
مَنٛز تہٕ عالمہِ ہیٚنٛدوٗر چھُ اَمو ہنٛز شوٗتا (God head)۔ یِوٚدوٚے اَمِس مَنٛز
اَمہِ قِسمُک یا نے کاینات بناونُک طاقتھ آسیٚہے نہٕ تہٕ اَمو ہِشِندِس وُجوٗدَس
پیٹھ ہیٚکہِ ہے نہٕ کانٛہہ تہٕ ؤنِتھ۔ مگر تِمو شُند وُجوٗد چھُ برقرار شہ چھُ شوٗروٗپس
مَنٛز ہمیشہ موجوٗد تہٕ چھُ ہمیشہ طاقتہٕ پوٗرٕت۔

ہیٚیِر کِنہٕ آو ژھوٗٹٕراوِتھ مختلف فلسفَن مُتلق وَنَنہٕ۔ وۄہ ذِکا ہِمو
اُسوٗلَو واکھن ہَنٛز سام تہٕ وُچھو اَمو ہِشِندِین واکھن پیٹھ کَمہِ فلسفُک اَثر
چھُ پیوٚمُت۔ اَمو ہِشِندِین واکھن کُنہ فلسفس سیٚتۍ چھُ ہشر تہٕ کُنہ سیٚتۍ
چھُنہٕ۔

سر رِچرڈ ٹیمپل چھُ 'The word of Lalla' ناوِچہِ کِتابہِ
مَنٛز وَنان زِ شنکر آچاریہ یِیلہ یور یوان چھُ تہٕ کٔشیرِ مَنٛز اوس شیٖو مَتُک
سیٹھا پرچار۔ یِیمہِ کِنۍ اَمو شُند مَت آو 'لَلہ واکیاہہٕ' یِس مَنٛز چھٔنٛٹراونہٕ۔ اَمیُک
نتیجہ دراو یہ زِ شیٖو فلسفہ دوٚن ہیٚوات ادویت (وحدانیت) فلسفہ دویت
(dualism) فلسفہ بجایہ ہیٚچھناوُن شوٗرو کرُن۔

یِیتیٚن چھُ یہ سوال پٲدٕ سپدان زِ شنکر اچاریہ چھا کٔشیرِ یوان
کِنہٕ چھُنہٕ یوان۔ اَمو شُند کٔشیرِ یُن چھُنہٕ کیٚنٛژن عالمَن ہنٛز رایہ مُوجوٗب
ثابتھ سپدان۔ تِم چھِ یہ دلیل اَتھ مُتلق پیش کران؛
کَلہن چھُ راج ترنگنی مَنٛز کِہین ہندین شاعرن تہٕ عالمَن ہُند مُتلق:

شوٚعوٗری تہٕ آنشد روٗپ چھُ۔ یمہٕ اَسو شیو فلسفس منٛز پرم شوٗ وُنیُس شیٚتہٕ تتِرٛس عنصرو ہیُوٗر چھُ۔ سو چھُ شُد تتٛرس منٛز چھُ امیُک تذکرہ یمہٕ پاٹھو کرنہٕ آمُت۔

شَٹ شوٗ نبانہٕ پرٕ تیٖنجیہ
ستیٚنہٕ تہٕ لیکھِم کرٕ
نہ شوٗ نیٚشِم تہٕ پرٕم سوٗ کیتھِم
سرواو ستھاوُر جیتھِم
اَشوٗ نیٚشِم شوٗ نیٚشِم اکھِم
شوٗ نیٚشِم چھا بھاو اَچھیٖنی
اَبھاو سہٕ سدٕ وِشوٗ
نیٚشر بھاوٕ کھیٚنیٖم گتہٕ

[1] وِگیان بھیرٔوس منٛز تہٕ چھُ اَتھ آمُت شوشُنیہ ناو دنہٕ۔ حقیقتس چھُنہٕ یہ (شُنیہ) خالی (void) یہ چھُ آزاد تہٕ مکمل۔ اَتھ چھہ وَنان 'شوشُنیہ'، یمہٕ منٛز ساری عنصرٕ چھہ گژھان تہٕ یمہٕ منٛز ساری عنصر (تتوٕ) پاَدٕ گژھان چھہ۔ اَمہ کنہٕ چھُنہٕ یہ بوٗدن ہُند شُنیہ (void) ییتہٕ تہٕ کیتھہ چھُ۔ لل دیدِ ہُند شُنیہ چھُ یوٚہے 'شُنیہ'۔ یمیُک تذکرہ ییرِ کمیس واکھس منٛز سپد۔

[2] یِس 'سہز' لفظ استعمال کوٚرمُت چھُ یہ چھُ ناتھ سمپردایہ (cult) والیو ورتوومُت۔ یمیُک اثر شمالی ہندستانس منٛز چھُ محسوس کرنہٕ آو تہٕ یس

---

[1] وگیان بھیرو۔ صفحہ نمبر ۱۱۱-۱۱۰

شُرٕ وُچھو : مۆڈو کرٕنہٕ چھےٚ پٔزٕ دھارُن تہٕ پارُن

مۆڈو کرٕنہٕ چھےٚ تہٕ رٕچھنُک کاے

مۆڈو کرٕنہٕ چھےٚ پٔزٕ دیہہ سنٛدارن

سہز ویژارُن چھےٚ وۄدپیش

شنکر لال کول چھُ Mother Lal of Kashmir

ناوکس پننس مقالس منٛز یمن دون لفظن مہایان بُدازمک تہٕ شیو شنتن ہندٕ ناتھ فرقک (Cult) اثر مانان۔

ژوارٕ بخش سام ہیہٕ سیٹھاہ چھُ۔ اَسہٕ ننان زِ کشیر اُس یتھ کالہ بُدازمہ کِس مہایان سکولُک اکھ اہم مرکز روُزمُت۔ کلہن چھُ کشانٕ ورِس منٛز ناگارجنُنس دوریہ ذِکر کران۔ یہ کتھ چھےٚ ممکن زِ شیومتس تہٕ مہایان بُدازمس آسہٕ پانہٕ وانٛنی اثر پیومُت۔ شیومت اوس ییٚتہٕ بُدازمہ برونٛہہ مرُوج۔ یہ کتھ چھےٚ اَسہٕ ژیتس تھوٚوُن زِ ناگارجنُن 'شونیتہٕ' لفظُک مطلب ہاوان چھُ سُہ مطلب چھُنہٕ لل دیدِ ہنٛدِ 'شُنیہ' لفظہٕ ہاوان۔ شعرس منٛز چھُنہٕ للہ 'شُنہس' یہ مطلب ہیومُت یُس ناگارجنن ہیومُت چھُ۔ اَسہٕ ہیٚز زانُن زِ 'شُنس' کیا مطلب چھُ۔ شُنیہ لفظ چھُنہٕ تہٕ کُس منٛز لل دیدِ تتھ مطلبس منٛز استیمال کوٚرمُت ییٚتھ منٛز ناگارجنن کوٚرمُت چھُ۔ لل دیدِ چھُ پننس تجربس پیٹھ یہ استیمال کوٚرمُت۔

'شُنیہ' چھُ شعرکس منٛز ستہٕ قِسمہٕ [illegible] 'شُنیہ' چھُ سیٹھا سکھم (subtle) یہ چھُ سُہ شُنیہ یُس سارِنٕے سٕیٹھا ہیوٗر چھُ۔ شُنیک مانے چھُ ییتھ پاٹھو 'اباو' یانے نہٕ آسُن۔ مگر یہ چھُنہٕ سُہ شُنیہ یُس بلکل خالی چھُ۔ ییٚتہٕ نہ کینٛہہ چھُ۔ یہ چھُ سُہ 'شُنیہ' یُس خالص

یُس اوٗمکار ( زُپھ ) تہٕ یِہنٛد منٛز کھاٗرِتھ کُمبکہٕ ذٔرِیہِ برٛہماندٕس
یا شُشمنایہ سیتی مِلناوِ تہٕ یوٗہے مُنتھرِ ژھیٚتُن کرِ۔ تس چھُنہٕ ساسُن پٔیُن
ہیٚنٛزِ ضروٗرتھ کینٛہہ۔

ونان چھِ زِ یوٗگی چھِ پرٛانا یام ( حبسِ نفس ) کرِتھ سیتی پرٛان پیٚنٛز
برٛہماندٕس ہیٚتھ کھاران۔ پرٛانا یامس چھِ ترٛیشے قٕسم۔ پوٗرک۔ کُمبھک۔
تہٕ ریچک۔ پوٗرک : اکہ قسمک پرٛانا یام یتھ منٛز کھوورِ نٔکہ وارِ کیٚنٛہ شہہ
وارِ وارِ اندر واتناونہٕ یِیہ۔ کُمبھک : پرٛانا یامُک سُہ عمل یتھ منٛز اُس تہٕ تس
بنٛد کرِتھ شہہ بنٛد کرنہٕ یِیہ۔ ریچک : پرٛانا یامُک سُہ عمل یتھ منٛز کھوورِ تھ
شہہ نبر ترٛاونہٕ یِیہ۔ یوٗہے گوٚ یوگا بیاس شیون ہینٛدِ ٹیکنیکہ مُطابق چھِ
اتھ شیو سماویش ونان۔ سماویشُک مطلب گوٚ اُزُن یا نے یوٗگیہ سٕندِ ناپہ
سیتی تھٔوٗرس تہٕ پرٛزرس منٛز اُزُن۔

میٚانہِ خیال چھِ یتھ واکس منٛز ابنہٕ یِوان۔

دوٗا دٕشا نیتھ منٛڈل یُس دیوس تیٚجہ [۱]
ہمکہ پیٚتھ نیٚتھ دارٕ دٕ انا ہت دوٗ [۲]
سوٗمیم کلپن انتھ ژہ
پانے مشہ دیہہ تہٕ ارزُن کُس
للہ گو ر برٛہماندٕ ہیٚتھ کُن و چھم
شُشُم کل وُزِچھم پادُن تام
گیاناکہ امرِتھ پرٛکرٛت بٕرم
لوٗبہہ موٗرم اندِ ونٛدِ تام

---

[۱] یہ گوٚ برٛہماندٕ رندِر [۲] سُہ آواز یُس یوٗگی ژینان چھِ برٛہماندٕ
گوٚ کائنات ہیٚتھ دماغ۔

پَتہٕ ساد و سَنتو گوٗرُو نانک، کبیٖرَن ییٚتہٕ استعمال کوٗر۔ لل دیدِ تہٕ وٲر توو یہٕ لَفظ پنٕنین واکھَن منٛز۔ گوٗرو نانک تہٕ چھُ لَلہٕ ہِنٛدی پٲٹھۍ شَہجہٕ لفظ تہٕ اِک اوم کار گَرِ گَرِ پنٕنیٚن گرٛنتھہ صاحبس منٛز وَرتاوان۔ اَمہٕ تَلہٕ چھُ نِشان نیٚرِ یہٕ لفظ چھُ مُشترکہ پٲٹھۍ وَرتاونہٕ آمُت۔ اَسہٕ پَزِ ییٚتھین یاد تھوٗن زِ ناتھہ سمپردایک بانی کار، متیندر ناتھہ یُس کٔشیرِ منٛز مچھندر ناوِ کِنۍ زانٛنہٕ یِوان چھُ۔ چھُ یِوان کولہٕ سمپردایک اکھ اوتار مانِنہٕ۔ (یہٕ شَہجہٕ

(سنسکرتس منٛز سَہجہٕ) لفظ چھُ تیٚمہٕ کُلس منٛز تیتہٕ گیانس وَنان یُس پانٛنۍ پانٛنے پننہٕ پٲٹھۍ کاشِہ (نوٗرِ) سیٚتۍ چمکان چھُ یُس رٕنٛگک صِفتہٕ چھُ۔ اَمہٕ تَلہٕ چھُ اَسہٕ نِشان زِ سہجہٕ لَفظُک تصوٗر چھُنہٕ اَسہٕ نیٚشہِ ییٚتھ دوہ زُم اوٚنمُت بلکہ یہٕ چھُ تیٚمہِ کُک تصوٗر۔ شُو سوٗتر واد یکس دوٚیمس جِٹس چھُ ناو سَہجہٕ دِیُتھ۔

اَمہٕ علاوٕ چھُ اَسہٕ لَل واکھَن منٛز واریاہ تِتھۍ واکھ میلان یِمَن منٛز پَژِ گ ساد نِکۍ طریقہٕ میلان چھُ۔ شیو مَتس منٛز چھےٚ یوٗگا بیاکھ اہمیتہٕ سیٚٹھا تھٔزِ۔ واکھَن منٛز گیٖشِہ واکھ پیٚتہٕ پٲٹھۍ :

اکوے اوٚنکار یُس نابہِ دَرِ سے
کُمبے برہما نڈس سُم گَرِ سے
اکھ سُے مَنتھر یہٕ تیٚس کرِ سے
تَس ساس مَنتھر کیا کرِ سے

چھیوٗگ سادٕ ہکو بٲژن بٲژن طٔریقہٕ یمہ سیٚتۍ لل دیدِ ساداںہ ٲس۔ یہِ چھُنہ یتنجلی یا ناتھ فرقک ہٕمٹھ یوٗگ بٔلکہ چھُ شٔد شیو یوٗگ۔ ییمقے پٲٹھو چھہ اُمو سٔندین واکھن منٛز یوٗگکو واریاہ اصطلاح میلان۔ ییمن سارنے ہینٛٹھ گاش تراوُن چھُ یتھہ مضموٗنس منٛز ناممکن۔

یوٗدوے اُمو سٔندین واکھن منٛز شیو یوٗگک سوٗن تہٕ گوٗن اثر ڈرینٛٹھو یوان چھُ۔ تونہٕ چھُنہ بُدٔمتک تہٕ ویدانتک اثر کم کینٛہہ۔ وُچھو ییم نٕ واکھ۔

دیو وٹا دیور وٹا
پیٹھہ بوٗن چھُے ایک واٹھ
پوزٕ کس کرکھ ہٹو بٹا
کر مٔنس تہٕ پرانس سنگاٹھ

بُہ ازم چھُنہ مُرتہٕ پوزا مانان تہٕ اُتھہ ہیٹھ چھُکس نہ یَژھ پَژھ بٔٹس کُن مُخاطب سپدِتھ چھُے لل دید تَس اَمہ کتھہ ہُنٛد اشارٕ یتھہ واکھس منٛز دِوان۔

لوٗ کاسی شیت نیوارَی
ترٛن زل کران آہار
یہ کمہٕ دیوہ پیٹھ کوٗرُتھ (ہیٚوٗ بٔٹہ) بٔٹا
اُڈٕتَن وُشنہٕ شنٛزٕ نَتن دِیُن آہار

یہ واکھ چھُ عدم تشدد کس کھاکار تُہ بو ہتہ یس بُدٕ ازمٕنس اَکھ اہم اوٗل صحولی چھُ۔ یہ زوٗ کتہ زوٗدار کنہ ٹھٔلی دیُن چھُنہ گٲیر جانوار۔ یہ چھُ اَکہ قسمُک طنز یُس لل دید بٔٹس کُن کران چھُے۔

شیوی چھ مانان زِ اِنسان ہیٚندِس جِسمَس منز چھےٚ داریاہ ناڑیہٕ آسان۔ یِمَن منز چھےٚ ترٛے ناڑیہٕ سیٹھا اہم۔ یِمَن چھہٕ ناو : (۱) سُشُمنا (۲) اِپڑا (۳) پِنگلا۔ یِمہ چھےٚ دِماغہٕ پیٹھہٕ یٔنڈ بوٛن تانٛۍ وٲتِتھ مَژ آسان۔ سُشُمنا منز چھےٚ اَکھ ناڑی (ناڑیہٕ) اَتھ چھہٕ وَنان چِترا۔ اَتھ ناڑی سُشُمنٕس رَچھ وَنان گُنڈلِنی۔ یہ گُنڈلِنی چھےٚ تۄ ہُنس نِشہٕ آسان تہٕ یہ چھےٚ سَرپہٕ سٕنٛدِ کہ پٲٹھۍ اَرکہٕ کٔرِتھ آسان۔ اَتھ سُشُمنس چھےٚ شے جایہٕ یہ چھہٕ یوان خیال کرنہٕ زِ یِمَن شَن جایَن چھہٕ شے چَکھر (یِتھ شٹ چکر وَنان چھہ) یِمَو شَن ہٕنٛدِس رۄپَس ہیوٚ کہٕ آسان۔ یِہُنٛد تفصیل چھُ بوٚنہٕ کِنۍ یتھہٕ پٲٹھۍ :

سُشُمنایہ ہِنٛدِس بُنہٕ مَس اَندٕس پیٹھہٕ چھُ (۱) مولادار یا آدھار چَکھر۔ خیالہٕ کرنہٕ چھُ یِہ اَکھ پمپوش یِتھ ژور وٕتھر چھِہ۔ اَمہ ہیٚوٗر چھُ (۲) سواد شِٹھانہٕ چَکھر یہ چھُ وۄزِلہٕ رَنگہٕ شَیِن وٕتھرِن ہُنٛد پمپوش خیال یوان کرنہٕ۔ ترٛیِیُم گۄ مَنہٕ پوٗر چَکھر۔ یہ چھُ یوان خیال زِ یہ چھُ دٕہَن وٕتھرِن ہُنٛد سوہُنہٕ رنگہٕ پمپوش یُس سواد شِٹھانہٕ چَکرس ہیٚوٗر تۄ ہُنس نِشہٕ چھُ۔ ژوٗرِیُم گۄ اناہت چَکھر۔ یہ چھُ یوان خیال کرنہٕ زِ یہ چھُ بٲہَن وٕتھرِن ہُنٛد وۄزِلہٕ رنگہٕ پمپوش ہِردیس منز۔ پٔنٛژِیُم گۄ وِشُدھ چَکھر۔ خیال چھُ یوان کرنہٕ زِ یہ چھُ شُراہَن وٕتھرِن ہُنٛد پمپوش ہٲٹس اَندر۔ شیٚیِیُم گۄ آگیا چَکھر۔ یہ چھُ یوان خیال کرنہٕ زِ یہ چھُ دۄن وٕتھرِن ہُنٛد چَکھر ڈیکس منز۔ یِم زٕ وٕتھر چھِہ دۄن اَچھَن کُن۔ خیالہٕ کرنہٕ چھُ اَمہ گُنڈلِنی ہِنٛدِس ہیٚرِ کِمِس اَندٕس پیٹھہٕ اَکھ چَکھر یُتھ ناو سہسرار چَکھر چھُ۔ یہ چھُ اَکھ پمپوش یِتھ ساس وٕتھر چھِہ۔ یِم

آسان، بے حس و حرکتھ۔

وُچھوٕ سے تہٕ صوفی شاعیر تہٕ چھہٕ خود ایس متعلق اُمی تراپہ سچان

صمد میر چھُہ وَنان ؎

کُن اَلِف ڈراو نوٗن میمہٕ تلے جیم نور نو دَیان جاہ ملے

میم موجود محمّد چھُہ کلے کوٗر سے دیدار اذ کار تلے

بیتھے کنہٕ چھِہ احد زرگر تہٕ وَنان ؎

لا لا لا ( لہہ، لہہ، لہہ) گوم الف کیو نیایو

نگاہ پیوم میمہ چھو گژایو ستو

صمد میر چھُہ وَنان زِ ( اللہ) اوس کُن آسنہٕ کنہٕ ژوٗر یوٗن

منز، میم ( محمد صلعم) نکھہ آسنہٕ کنہٕ ڈراو نوٗن۔ اے عاشقو ہر طرفہٕ چھِہ

محمد صلی اللہ علیہ وسلم تہٕ سے چھُہ کُل۔

احد زرگر چھُہ وَنان زِ دَیہ پیٹھ تُرلے رچھ تُرژھ زِ اُمی پیٹھ پو نیایو

کنہٕ وُچھم نہٕ وجود ذات باری تعالا کینہٕ۔ ییٚلہِ محمد صلی اللہ علیہ وسلم

منظر عام س پیٹھ آے نہٕ آسنہٕ کیس اَنہٕ گٹس پیو گاہ تہٕ عالم پژز لیوو۔

شاعیر چھُہ اَتھ تصوٗرس پیتھ کنہٕ وَکھنے کران ؎

دال گوم میلیتھ اَلفس تہٕ حیس

اُمی حیَین کوٗر تمہٕ ییس ناشں

یان رووم ژھوڑم موسیٖں متوش

لوٗبم نتے رُوٗدم واسے

ششش کل تُرژپیتھ رو رس احد کس حیس

میمہ روٗس احمد لوٗبم راشں

کیاز کھوژ بہٕ ننگے نژ نسک۔ ارادٕ کوٚرُن بہٕ سوٚدرن خوٚداے تہٕ پاک دامنی ہیٚنز وَتھ کرُن اختیار۔ یِیمہٕ وَقتہٕ اکوسے قوم مختلف مذہب اختیار کرِتھ چھِنہٕ چھِ سُہ قوم مذہب تبدیل کرِتھ تہٕ وراٚتن مشترک تھاوان۔

للہ دیدِ ہُنٛد بذاتی مذہب اوس ہندو دَرم۔ ہندو دَرمس کس اثرس تحت تہٕ سِدھ شری کنٹھس گرٕ بنا وینہٕ پتہٕ اینو تمہٕ شیو مت ہندٕ دَرم اوس تمِن فلسفیانہٕ ہنٛجن بیچھٕ پکان۔ وِشنو مت، شیو مت تہٕ بھکتی۔ شیو اوس کنین تہٕ سنگرن منز پادٕ گومت۔ امہٕ کنہٕ کوٚر یِمن کامِ شروع لولہٕ منتہٕ لاے۔ دیان شیو چھُ پانٕ پانے نہٕ ابتہٕ ہینہٕ وول' بے حس کنہٕ ظاہِر پانہٕ چھُ ژھعبہٕ دَم کرِتھ۔ مثلن مکا یہٕ پھوٚل گنہٕ گرپسہ گرکس لوپیس منز۔ یہٕ دُیٚو زہٕ اتی ہیومت۔ یِیلہٕ یہٕ کھاہس منشن ووون اتھ پیہٕ زوٗ۔ اِنسان چھُ یِتھہٕ گنہٕ زوٗ زاژ پننہٕ آپہٕ وُچھان۔ شیو چھُ تمام کائینات منگر ژھوٚرے موہ نیشہٕ کیاہ کرِ یوٚ تام تہٕ امس جوٚر آسہٕ۔ جوٚرٕ روٗس آسہٕ یہٕ چھُ افتر' نار ژاپان۔ یِیژرِ دھ، ہے تہٕ سارے دُنیہس ہیکہٕ اکی آتہٕ بنود کرِتھ۔ حسن وموہبتہ تہٕ لول ہی وصف گرژ حضس تیلہٕ پادٕ ییلہٕ زنانہٕ سیتی آسہ یس۔ لہٰذا اتھ گوہس زنانا پانی شکتی لرِ لوٗر بشکتی آسنہٕ کنہٕ چھُ شیو وہ لشنس پیوان۔ دیان شکتی گوٗڈا ثتھ۔ اتھ چھِ پانژھ موکہ۔

ژیتھ : ہینٛ پان نوٚان کدُن۔ یِیمہٕ موہ کھ چھُ یہٕ پانٕ پانے پژلان تہٕ چمکان۔ چھاہے کانٛہہ چیز یتھ بیچھٕ یہٕ پژ لبہٕ امس تنس پانہٕ۔ یہٕ چھُ بے پرٚوا تہٕ آزاد۔ یتھ حالژ منز چھُ یہٕ ہر وزِ آرامس منز

تمثیٖلی لےؔ کرٕم امر ہیتہٕ ہتر سس زندٕ ے مرس تہٕ ہمے کرٕ گیاہ
چینکیٖ فلسفس منز تہٕ چھُ انسان رُحس بینز ہیچھ مُدٕ ے
گنڈٕ تھ نجات حاصل کران تہٕ اتھ منز چھینہٕ مذہبیچ یا اخلاق پرستی ہُنز
کینہہ ووہ تھان۔ تمثیٖل چھُ لیکھان زِ تژ کاشُر شیو فلسفہ یُس قرون
وسطا ہس منز کشیر منز پٲدٕ گو تہٕ اتھ منز چھُ پرانہٕ چینکیا فلسفُک
تہٕ پرانہٕ شکتی تصوُرُک وارِیاہ کینہہ وُیپر اونہٕ آمُت۔ تژ کا فلسفہ چھُ
دراصل انسانی زندگی ہنٛدِس تجربس ہیچھ بنیومُت (ادیوییتا)۔ اَمہ
فلسفہ مطابق چھُ انسانہٕ سٕنٛد رُح تہٕ رُوحہ مطلق (دٕے) اکوے۔ دیوییتا
فلسفہ چھُ وَنان زِ یہم چھہ بٕیون بٕیون۔ کاشُر تژ کا فلسفہ چھُ ادیوییتا۔
دٕیان کشیر منز یُس پرٛون شیو ازم اوس سُہ اوس دوییتا
تہٕ شنکر آچاریہ ۸۰۵ء برٛونٛہہ یور آو۔ کاشرین بٔٹن آیہ ترغیب
دِنہٕ زِ اَمِچ ہُنٛیچ بدلاوٕ تہٕ اَمہ پتہٕ دِژ ہمو اتھ ادیوییتا ہیچ ترٛاے۔ کاشرو
چھےٚ اتھ متعلق ترٛٮ۪ے کتابہٕ لیچھہ منز: (۱) سپنٛد شاستر (۲) اگمشاستر
(۳) پرتیبِنہ بجنا شاستر۔ سپنٛد شاستر کہ مصنف اوس واسوگپت۔
اُمِس سٕنٛد اَمیٚک الہام تہٕ وَنہٕ چھُ یوان زِ یہ الہام اوس اُمِس شیو
جی سٕنٛدِ طرفہٕ۔ کاشرِ شیو متس ہیچھ روٗد پرتیبِنہ بجنا (سپنٛد شاستر)
فلسفُک اثر۔ دٕیان شکتی ہُنٛد تصوُر اوس شیٖیمہ صدی منز پٲدٕ گومُت شکتی
چھےٚ وارِیاہ روٗپ دھارٕن کران تہٕ تتھہ معہ کہ تمو کٕڈان یتھ اسی
کاینات وَنان چھہ۔ کاشرِ شیو مت وٲلی چھہ وَنان اَمہ کی برکتہٕ چھہ چیز پٲدٕ
سپدان۔ یُو دوے اُمہ سٕنٛدِ تصوُر منز یم ساری چیز تھتہٕ یوان چھہ مگر اُمِس
نہٕ چھُ کینہہ چھوٗنان۔ نہٕ چھُس کانہہ نکھ۔ وانان تہٕ نہٕ چھُس کُنہ شایہ اندٕ یوٗر

شیون گوٗلم ستے واڑس نیس

للہ پرٕ موکلیتھ رٕوٗدُم واشس

اَکھ انگریز مُصنیف ٹیمپل چھُ پننہ کتابہٕ" للہ ہُند پأٹھ عامؔ"
منز لیکھان زِ لل دید چھےٚ غأرشوٗعوٗری طور قرونِ وسطا ہِکین مذہبی
اصلاحی تحریکن ہنز علمبردار یہنْد مقصد بےٚ خوٗداے مذہبن منز خوٗدایہ
ہُنْد تصوُر وؠہ پأدُن اوس مسلمن بُد مذہب ... ... تہٕ جین مذہب
اُسی بُنیأدی طور خوٗدایس مُنکِر اوسات۔ یوگا تہٕ اوس اتھی نتیجہ پیچھِ پکان۔
یا نی اندریہ اُندرِی سعدُن زِ رُح کیاہ چھُ تہٕ خوٗدایہ سُنز ذاتھ نہ مُجرا دِنی۔
مگر ڈیان گیھنے بکتی ہُند تصوُر وؠہ پدٕ لوٗ دِیہ سُند تصوُرن رُٹ یوگی بن
منز جاے۔ وِنی آو یہ وننہٕ زِ اخلاق پرستی چھےٚ ضروٗروٗری تہٕ ایشور چھے
سعہ ذاتھ یمیس ہقدِ ہتوٗد عِلم تہٕ طاقت چھُ۔

ییم دوٚہ شوے کیفیژ چھے لل یہتھ کُنہ وِیژھ ناوان۔ تہٕ آسنیچ

کیفیتھ چھےٚ زیادٕ وزن دار باسان ؎

گوڈس پرژھوم ساسہ لٹے
یس نہ کینْہہ وَنان تس کیاہ ناو
پرژھان پرژھان تھچس تہٕ لوٗسس
کینْہہ نس نشے کیاہ تام دراو

ییٚلہ تصوُر ایشور تہٕ تصوُر شوٗ پہأ چھلیو وَنن ییتھ ژوٗردیس
نوٗ دِ کڈنہ خاطرٕ آو بکتی ہُند تصوُر۔ لل دید چھےٚ اتھہ ییتھ کُنہ وِیژھ
ناوان ؎

لل بہٕ ژایس سوٚمن باغہ برس   وُچھم شوس شکتھ میلتھ تہٕ واہ

یتھے کُنہ چھےٚ اَکس یوگ شُندِ سبق دِوان یُس مُدٕے گنڈتھ شہ
سوٚران چھُہ سہ

دیو وٹا دِ وُر وٹا ہیٚر بوٚنہٕ چھُہ ایکہ واٹ
پوز کس کرکھ ہوٚشہٕ بٹا کرمنس تہٕ پوٚنس سٹکا چھُ

یِیتھ نَس چھےٚ لل دید خوٚدایہ سٕندِس تصوُرس مُتعلق ژھوٚہ تہٕ کرِتھ
ساٚر ہیے پانی منٛدرس تہٕ موٗرتی محض کنٛہ وٕنان تہٕ پوٗزا یہٕ مُنس تہٕ شٕشٕ ہس
نِشِس ہیچ زانان۔ تہٕ اَتھ منٛز آو ابھیاس تہٕ کرم یارُت ورتاوُن پزِ کینہہ
بلکہ پچھلہ کڈٕن، اَندری اَندری سوٚرُن سہ

ابھیاس کنی ویکاس پھولُم پرکاش زوتُم یو ہیٚے دیہہ
پرکاش دھیان موکھ پیوٚرم سوہ کیچھے بوٚرُم کوٗرُم تی

اَندری اَندری من سوٚرُن والین چھےٚ اَندرم کاینات وارٕ وارٕ
نظرن تل گژھان۔ اَتھ منٛز چھُہ اَمِس واریاہ چیز نشہٕ رِتھ بوزنہٕ یوان
تہٕ واریاہ وٕرگہ پانٛہ تھو۔ کینٛژن کنٛھن چھُس پھٹِتھ نیران تہٕ کینٛژن چیزن
ہنٛدِ شکل تہٕ پوز آسٕنُک چھُس فِکرِ گژھان۔ تصوُفس منٛز چھُہ امہِ چھےٚ
کینٛہہ وٕتہٕ۔ اَدٕے چھُہ مُنس تہٕ پوٚنس سہ نگاہ کران۔ اَدٕے چھُہ کُنہ خاص
چیزس کُن مُدٕے گنڈان تہٕ اَندریُم حال وُچھان۔ یتھے کُنہ چھُہ واریاہ
طریقہ دِسے ژھانٛڈنہٕ پکو۔

لل دید اَمِس مستانہٕ اَسِتھ تہٕ مُشارتہٕ حقیقت پُرِتھ۔ تمہ
کوٚر شاہ ہمدانس لبیک۔ سوہ اَمِس سانہٕ مُشترکہٕ نہسنہٕ آتھ عَلمبرادہ۔

بوزنہٕ یوان۔ کایِنات یُتھ شکلہِ منز ابہ ڈرشٹھ یوان چھےٚ سو چھےٚ وٕتھو پۆٹھو پانٛھو حقیقی شیومتٕس اظہار۔

للہ دید چھےٚ یہ فلسفہ کُنہ شایہ وِرژھ ناوان مگر امہ بیشدین شارن منز چھہ ابکو کینہہ پہلو نٔنو نیران سہ

پانےٚ آو پانس سیتی ۔۔۔ پانےٚ کوٗرُن پنُن وہرزار
پانےٚ پنُن پان نیچھِ بووُن ۔۔۔ پانےٚ گیوٗن پنُن پان

یا

شو چھےٚ زاوُل زال وِہراوِتھ ۔۔۔ کرژن منز چھےٚ تارِتھ کٔنھ
زندہ نےٚ وُچھہ مٔن اُدہ کتہ مرِتھ ۔۔۔ پانہٕ منز پان کڈ وِزارِتھ کٔنھ

سوامی لکھمن جو چھہ وَنان زِ کاشرِ شیوازم چھُ یہ کٔنھ ژٕنٕس پاوان زِ یہ دُنیا چھہ غایٕن تہٕ غامِن ہٕنٛدس پادہ کرُن وااٗلس ہیوٗ۔ کشیرِ شو اوس واسوگپت ناتھ بٕیمو بُد ازم کین تیمن پارو کارن خلاف یہ سسٹم بنوو یم یہ وَنان اُسو زِ خود اسے چھےٚ کینہہ۔ پرٛیٔتہ بھجنا گو پنُن پان بتیہ کرِ لیکھِ پرٕز ناوُن۔ سوامی لکھمن جو چھہ اکھ مثال یِتھہٕ کٔنھو دِوان۔ نیستون یا کھہ سو مہرِ تٔیمو یِتھہ ہنٛدس مہرازس مُتعلق یا نے امو شیرز خود بصورتی تہٕ صفتن سوٗرُسے کینہہ بوزِمُت چھُ۔ داریاہہ لیٚٹہ چھُن یہ وُچھمُت تہٕ مگر وُچھتھ کرِتھ نہٕ چھُس نہٕ پَتہ زِ یوٗہے چھُ مہرازہ۔ یٕیہے کٔنھ چھےٚ تلاشِ حق کرن واٗلِس بیشدِ خاطرِ تہٕ۔ یوٗتام نہٕ امس پنُن گوٗر یا پیر وَنہٕ زِ دٔے کیتھہ گوٗسہ وأتہٕ نہٕ ہنٛدس مُقامس سہ

للہ گوٗرِ برہماندہٕ بیٹھ کتہ وُچھُم ۔۔۔ سشش کُل واٗرِم پادن تام
گیانہِ امرتہٕ پرِ گرت ہیُم ۔۔۔ لوٗبہ موٗرُم اندہٕ وندہ تام

داو عمیچکٕ مستی کران پوشن تہٕ شبنم ہُنٛد چھلان
شین ہٕ ہٕ سحہ وا تان زمستان سوٚنٛتہ شہلاوان جگر
اوٕ ییٚمے بُتراژ دیُت زابُن کمن سادن ریشن
آیہ وولسنہ ناگ، برینگہ، امرنتھکٕ مجنوٗب میر
ویہتھ وُٹھریٚں پھوٚل اشن۲ ہمپوٗر پہی تھر پوشہ چوٗ
مُشکہ نوٗرن سور اوٚتھ پوکھد ڈرلے ۳ اشرمہ بختہ ور
زوٚن زن ژندہارکھژ، فتنہ ہار ہوز وٚنت لوگ گرٛن
کاڑ کوٚڑ للہ ہشد یژ کاشن، لگو ہرسو لوسر
سوہرگہ روٚزنیچ کوہ نگہ وُڈپیٹھو، تھوٚدکشتہ پیش کاتہ
لوپہ شدرس گرٛاے نیچ، پھوٚل شنکر آچار۴ جگر
دژایہ اکھ مستانٕ ژمرژ، ییٚمہ سوڈ ترنہ ہُسپرن
نگہ امرپت چون، ییلہ اد عظمتس گگے داریر
پاسہ سعہن نلہ مارج ڈیشٹھن، بانہ ہاجن ہین رٕج
ماری غنت، دیُت شاہ ہمدانی سحر برونٹھے پھوٚلی شنکر
موٚرخو اد چاوڑ ڈرٕ ڈ عظمتکی افسانہ لیکھو
بیر سر کوٚر تیمہ مرد ڈیشتھ ذرہ وینس توتہ ترس اندر

---

ٴ۱ ویرناگ پرٛیؤر پٔیمن اکھ ناگ ۲، لل دید ہشر زینہ مباسے
پتیرمن نیشس اکھ کام ۳، بختاوار "تفعلیج ژھعہ رٹن"
۴، سوا ہ، ستنکر آچاریہ ییٚمو سیہٹھا پژ اژس زمانس منز
اُدویت وار "فلسفہ ویژہ نوو۔

غلام نبی آتش

# قصیدہ

١

اَسہٕ چھہٕ نٔژرِ بیتھ نہٕ بڑس بیتہٕ بڈ ی سبھٹا نامی، مگر!

اَسہِ ہُنٛد شُر بیمہٕ کال، ہتا بیرِ رادی، دژ ما لیوٚت نظر

سانہٕ دٕ بیچھہٕ گوڈٕ باج اَسہٕ نادران کم مہراج پٔر آو

کٲشُرن ہُند شاعر بوزِ بیتھ اَسہٕ کاشپان بحر و بر

اَسہِ تہٕ اَسہٕ دٕ نہٕ ویر اَسہِ شُر دژ اے للتادت[١] تہٕ زین[٢]

اَہر سۆ غلن ڈیکہ پو شہرک کاج ژٕک[٣] ہیٛلہ شیرٕ تر

عالمس گوم بگہ بیتہٕ سج ہتن، رٔشو ذن تہٕ ناگن ہُند وطن

قدرت کہ اعجازس سمسرٕ تہٕ ریشہٕ مر، کاشر مرٕ[٤]

بکہ ابجہ رنپا تا کھیمندر تہٕ کٲشرٕ ناگ سیرٕ[٥]

شرکھ ژبنتہٕ ژا اکیس تہٕ نام چھہٕ رود شولاک تامترٕ

---

١ رازٕ للتادت کیاپیڑ ۲ سلطان زین العابدین بڈ شاہ ۳ سہٕ ژک خاندانک اَکھ پہلوان ۴ کشمیر ہُند عبرٲنی ناو ۵ وَنہٕ چھہٕ پوان زِ مشہور بودھ عالم ناگسین تہٕ اس ژٔہی کٲشرٕ

ایس، راحنی

# لل دید نذرانہ

یٚپہٕ وٕلنتھ اُنٛگار کاسن آیہٕ لل
پٔردٕ ژٔٹۍ ژٔٹۍ پٔرد سیٚے مُشرٲیہ لل

دوٚرِ کنہٕ تامتھ وٕنس مُشرِ لال اوس
ساری سٕتر تل گٔنڈ مُلہ مایہ لل

اُچھہ وُچھتھ عمرِ فانہ کٔیس سوٚدرس انٛدر
رۄدِ قطرکو پٲٹھو وٕژھ بےوایہ لل

سرِ گژھ آسمان تامتھ ناد دیُت
از تہ تاپیٚتانہِ مُشرِ گوٚن سایہ لل

از تہ کھوٚت تمُت پوٗرِ کیٚتھ چھُکنہٕ تھرپرتھ
دِل ہُشارن رۆز مُشرِ چھُکنہٕ ژھایہ لل

یٚیشِ چھیٚ آخر راجنیس نی زٕن ہیٚیس
جیام جسم ہیٚتھ ڈرایہ اُتھوٚ گرایہ لل

وُنہٕ چھُ لل نزاکتَن اندر دادِین دوا مرضَن شفا
ییٚمہٕ چھپیٚکِس بیپھ توٚٹ پھٹیٚتھ ژوٚٹ آب، بَس تمہٕ شُنٛدرٕ
بٕچھیہ شٔنز ییٚلہِ ہیٚی گوٚنٛد پھٔوٚل کأشرِین ہُنٛدِ یارِ ساز
تام مٔرٕ ژوٚ تہٕ یاسے ممتا، تاں وچھِس للہٕ رٕچ سٔیسٔر
لل چھےٚ سعے ٹُلی ٹُلی کرٛان ییٚمہٕ لالہٕ وُنہٕ نوو پوٚت شیبہٕ[2]
گاشہٕ آگرٕ دام کھنٛدٕ چھیٚتھ، یاتہٕ سیدیہٕ گاشہٕ سٔر
فلسفس ییٚمہٕ اچھرٕ ژن لوگ، لفظن میب دِیٚت
ییٚمہٕ گٔٹ لٔرٕ پارکوٚر، تس گاش ژٕھیشِتھ دوٚپھ مرٛزٕ
چھکہ ژٕ نہٕ ہندٕ آرٕیچ علامتھ، چھکہ ژٕ تارآیچ کتاب
یان ملاکین شعرٕ ژٕ تے شمرٕ وُچھتھ تہٕ سٔسپر کھہ مُوٗچر
کیٛا مہکن تأریف سپدِتھ، حیاتہٕ بحرکی عظمتکی
شأعیرا اٚنچھ ڈالہٕ سورِہی، شارٕ نے ہشرٕ موہ ختہ لرٕ
تُل قلم اکی شأعیرن دعوٕ یہ خارمشگنک شرٕ کوٚرُن
مدرح خانا، کیٛا مشگی تس چشمہٕ سپرٕ سے نزبتر[3,4]
بیٚیہ بیٚنمی مشرٕ ژوٕ ذا شاہ کرٕ تہٕ بیٚنیہ ژھیپہٕ ژھارِ گنڈ
سپدِ ہے دیوٕرا اچھ عفتس حیاو صبرکی بس ہکلرٕ
حأرتن ہندٕ موول کوٚر ہتن، سوزِ دِل دِتہٕ عالی متَن
پرانہٕ ابھیاسٕ سٔے ساد رٔنیش، چھی گور برتل دِسَن نگرٕ[5]

---

۱- علمدارِ کشمیر حضرت نورالدین ریشیؒ ۔ ۲- للہٕ واکھ "ٹُلی ٹُلی کرٛان لالہٕ وُنہٕ نوو سم" اُکھ کُن اشارٕ ۔ ۳- زیروس اُدرِ ۔ ۴- للہٕ ہُنٛد گورٕ ۔ ۵- تأبیٚت ۔

موہن لال آتش

# اۆکُس تہٕ لۆکُس

ہمکُس بہٕ کُس ژھشڈان ھتوٗکُس
یہ کُس وۄنہِم مےٚ کیشاہ ناو
ناوَن مۆرٕزے ناوا ہیٚوٗکھُس
تہٕ کُس وُچھان ڈۆلمُ باو

●

کامِشِ لۆبسٕ[۲] "ور" نا ژھیۆنم
توٚے لۆگمُ سیٚھٹا ژیر
سیزرٕ پیٚزر مےٚ ما تۆگمُ
زٕرِ یِتس ٹۆکمُ سیر

●

اَٹن[۳] اَنان مَسٹن تھوَن
وۄڈِل کھسٹان پَنُن پان

---

۱۔ خاہشات ۲۔ طمع

۳۔ اَہنیج سَن دِ ھتھ ھتاوان مَٹن
لۆ ہہ یِہ چیٚر بولان گیاٚنیج کتھ
پھِٹہٕ پھِٹہٕ نیرن تِم کتہٕ وَٹن
ژٕ کےٚ مالہِ چھٚکھ تہٕ پۆرٕ گرشھ پیٚھ (لل دید)

دینا ناتھ الست

# لل دید

آو زن کوہ ٹگہ پوشہ سے پیمچھ واو انٛد
مُشک ییمہ سگہ زن دیما عنٛن ژاو اَز
واشُنہ ہُنٛدُ سے لوٚب تمنا ڈراو اَز
ناو کمہٕ شُند اُسہ زباٗنی پیمچھ آو اَز

لل سعہ ییمہٕ اَسہ گیشِ نکھ پژا گاشہ برٛگ
لل سعہ ییمہ دِل ساُنی یوٗگاہ گاشہ برٛو

ہوو ییمہ وایان چھِہ کیتھہ کٔتھ سازِ دِل
بروٗ تیھٕ کتہ ییمہ کھوٗلیتھ ٹھوٗو رازِ دِل
عرشہ کھوتہٕ ٹھوٗد کھوٗت ییمِس پروازِ دِل
ژُنہ ییمِس ییمہ واتناو آوازِ دِل

شاعِرہ بیٚیہ یوٗ گیہ چھے عرش لل
شاعِرن بیٚیہ یوٗ گیہ آدرش لل

لل سعہ ییمہ زن دیُت سبق ہیلہ ژارسُہ
سانہ وتہ ییمہ گاش تروٗو باٗسہ چارسُہ
لل سعہ ییمہ زن کیس گوٗشہ ونٛدِ وگنیارسُہ
صاف پاٗٹھو ییمہ راز بوو ہمسارسُہ

بدگمانن تیمہ دوٗپ نبگواس تیٚلہ کٔن
دہشہ لہراو ہتہ ژھنوانہ ساس جیہ کٔن

پٕکُس پٕکُس وُچھان ڈوٗلس
ژوٗلس ژٔلان ڈوٗلس کوٚت
پھوٗلس کشٕڈ ہِن۔ اَنْدر گوٗلس
بٕرگٕن گوٗنڈس پٔنچِن پوٚت

●

وُچھان وُچھان بہٕ کمہٕ ژوٗکُس
اپٕرٕ صدا گرزان رُود
مالیشن ژھشٕڈان تالیشن بٕروٗکُس
تاپٕلی ووٗڈٕر منگان! رُود

●

نَظر کرم سُشتری[2] بیر
لاگے شیر وھزلی پوشش
کرٕلی وَنَس رنگٕ پھیر
زَنزٕری یَتَس کھسیم پوشش

●

---

۱۔ سعہ آواز یِمہ سٕہ خمہ د یادٕ گژھان تہ عائبٕلس ہوش بس کرُن یکناوان۔
۲۔ حضرتِ علمدارِ کشمیرؒ

سوم ہیر زرکڅ[۱] تیمے ژٹن
منس ونان یہ گو جان

●

ونان ونان تاپے گولم
سے کمڅ ولم زڑی ھقان
کینان کینان سوڑ سے گنتم
ھوڑوم نیس انیڅ ھٹان

●

بڑیچ ہاڑس نارس گیشڑم
تارس تمان رووم کھوڑ
پنڅ راورتھ پرد اوتم
کھونم شیتہ پلن سوڑ

●

گران گران اپشر گوروم
پاتس پھوڑم پنڅ شاپچہ
کرمینس منس کیشہ ما سوڑم
تیمنی شلکڅ[۲] ہیہ نا تاپچہ

●

---

۱۔ وارت۔
۲۔ بیلہ نیشہ چیچہ میثون مطلب شلا میچی کنچہ۔

پرتھوی ناتھ کول سایِل

# شہُج بوٚزٕ ـــــ لل دید

ہے کانٛہہ اَنٛدنہٕ موٚکُل یێتہِ باسان
سورُے آوُر پوٚد پوٚد دیشد
دٕ چھِنتھ کھوٚرِ ہیٚرِ بوٚزٕ بہٕ کٔشیے
کُنہٕ نہٕ رٕکھیس پوٚز وُنٛلیے بٲژ
نَظرَن ژھانٛپھ بیٚہتھ ٹھٔہرسایِنٛ
اَنٛد رێشِہ کٲہتو وٲفرٲز
ہُتہِ یێتہِ کانٛہہ چھُنہٕ نظر گژھان
ہے کوٚت گٔیہِ یِم کوٚت گژھ آدم؟
وَتھ چھےٚ پیٚیے کٕنہٕ مۆتے تہٕ گوٚ بُل مُچک!
آمتےٚ پیتہٕ وَتھ دُ ژیوٚت دُ دوٚت

پوٚز ہیمہ وَتھ چھےٚ ویٚژے اَسہِ کیاہ ساگ؟
بوٚزٕ شیہِج وُچھ وُنہٕ تہٕ یێتی
شیہُل کرُ وٚ شیہلاوو نار .....

# مٲری مٔنز سٲنۍ لل دید

چھکھ ژٕ نوٗرِ سرمدی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی
تامہٕ وِزِ چھکھ آیٮ۪دی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

یتھٕ سوٗچٕتھ لا اِلٰہ — تتھٕ حاصِل چھےٚ بقا
ییٚز وٕنہٕ بیٚہتھ چھی ئٔدی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

دٮ۪ژٕ ژےٚ تیٚتھ فکرٕ توٚرُے — چون موٚر پٮ۪تہٕ مامۆرُے
خاص ہیم تیم تُس وٮ۪دی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

شاہ ہمدانس پٕچھتھ — روز مٔنز توٚنہ درس گٔیتھ
تتہٕ ما اعتصا دٕدی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

جنتکۍ خلعتھ وٕلتھ — عطر تہٕ خوشبو مٔلیتھ
رٕژ خیال آسی تھدٕی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

گاہ تراوُن چُون کار — تفسیر بدس روٗد خار
وولتھن سٕے ژٕ تیٚ مٔدٔن — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

لا الٰہ اوسُے ژےٚ یار — عمرِ پوٚتُے کارٕ بار
عشقہٕ نارسے کمہٕ دٔدن — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

تھوٚد وُچھم پرواز چون — دٔز یٮ۪ہُن پٮ۪ژو پاٹھو موٚن
کارِ حیاتٕچ چھی پیٚتھ تھٔدی — مٲری مٔنز سٲنۍ لل دٮ۪دی

عبدالغفار مجبورؔ

# لله عارفه

کاشرِ بٔنِہ ہیٚتھ موج لل سر پوش سۅ ہے بہتھ ۂندیٚن برن
سانہِ وطنٕچ لانہٕ کٔھر سانین دِلَن ہیٚتھ ژٕھ تہٕ لوٗب

چھوس ژٕہ شیخ العالمٔن زیوٗوٕت گوڈٕ دۅک دعہٕ گوٗل کمُس
گَے سۅ لل دید عارف باللہ یوس وطنٕچ چھے محبوب

مٔنز چھُکہِ زینہٕ ماژٕ ہیٚنہ چھُکھ مٔنز جہان ہیٚتہٕ دامہٕ دۅد
دام دیتِت تمشِہ رٔٹِش دۅدس لل ماجہِ ہیٚتھ بہٕ خشوس لوٗب

شولہٕ وٕنہٕ توٚ آ ندٕ ژور کھٔر ملیوٗس سۅ ہٕ گنگو لاگِ گھٔٹ
آے جبہٕ میر کبیر بٔنٕتھ شانِ علام الغیوب

شیخ حمزہ حضرتِ سلطان تہٕ ہیے باوٕن پرز
ییلہِ تلہِ لاگتھ عما مثَس بیٹھ تہنٕدِس واہ چہ خوب

ہے افسوس اُدّہ لُنچہ دوہ دریمُڑ

پہ چھپّے کیثاہ تا منتہ سائی غلطی

اَسہ ما یود بیٹّیہ پڑکرکتہ ڈُج پِش

اَسہ ما نیرشن کھوڑمُت ڑُوڑ

اَسہ ما دِیے دوُ گتیار ڈوال بُرم

اَسہ ما ڈھُمہ ڈُھم لُج پِش بوکد

نتہ کمہ غمہ اُدّہ دوہ دریر ڑامُت

اُدّہ ما یئِشگر ڈُتیمُت شیطانٹ

یا ما نیتہ بدن اُدّہ بھوکہ ڈیٹ

ساہن آشن کلہ ڑُڈی ڑُڈی

بینہ اُدّہ لُنچہ تہ نہریرتام دوہ دہ زان

اَسہ بیٹیہ نیرشن ہیٹنو بٹیہ سام

اَسہ بیٹیہ نتہ ٹُنبہ تنگ دیتہ ژژھرنی

اُپچی شیلتہ بیٹیہ شیہار

اُدہ دلو بتہ اَسہ معہ کلش پاے

سوے گتیہ للہ ہیتر آسنو ماسے

# نوجوان لِکھارین ہُنٛد دُیت

- مختلف فلسفہٕ تہٕ لل دۄد

فاخر حرمین

- لل دۄد بحیثیتہٕ شاعر

رشید راشد



نفی و اثباتک دپُن رُت غاٗفلس اَکی سِن سبق
لا الہ، گم، دڑلے الّا اللہ پرِتھ نشتھ ماکیاہ قلوب

یُس فنا فی اللہ گوٗ، تمِہ جسم و جانس جاے کوٚس
گو بقا باللہ تہٕ دُیہ اَتھ عملہ اسرارِ وُجوب

کاشرین ہیٚنز لاچ، عرفانچ سعہ پٔریہ وٕنی پورِ زون
تحت و فوق مشرق سہ مغرب یا شمال اَہسن جنوب

لاہر چہ اَچھ کیاہ وُچھن ہا گرٕ دھر باُطنچ آسہ نظر
گوٚ تہِہ شدی کنہ بدرِ کامِل لولہ اسمانک غروب

ہیٚنڈی وَنان للیشوری، لل دید مُسلمانن بہ لب
ساریِ نے سرخم تمِس لل ماجہ کتھ سوے سانز شوب

میاٗنہ دِیہ سوے پیٚزہ ہیٚنہ ہُش موج چھے بُتھ میانی کنہ
یُتھ نہِ ہیٚمیہ ہَم سام تمِہ پایِن، تہٕ غفار الذنوب



فاخرؔ حسین

### لل دید ہنز شاعری پیٹھ

# مختلف مذہبی تہٕ فلسفیانہ تحریکن ہُنٛد اثر

کٔشیرِ چھےٚ پتھ کالہٕ پیٹھ فلسفن، فلسفیین، ریشن، یوگین
شاعرن، عالمن، مُبلغن ہنٛز جاے تہٕ اہمیت روزمٕژ۔ یمن مذہبن تہٕ
فلسفن منٛز چھہٕ نیل مت، ویدانت، بُدھ مت، وِشنو فلسفہ، سانکھیہ
شیو مت، یوگ فلسفہ، اِسلام، تصوف جادٕ ناو ہیٚکو لایق۔ مختلف
وقتن تہٕ دورن منٛز چھہٕ مختلف مذہب تہٕ فلسفہٕ آسمٕتۍ۔ یِم فلسفہ تہٕ مذاہب
یا دَرم چھہٕ پرٛتھ وقتہٕ اِنسانٕنۍ ذہنس متأثر کران روٗدمٕتۍ۔ کُنہِ وِز
شعوری طور تہٕ کُنہِ وِز غار شعوری طور۔ لل دید چھےٚ ژۄداہِمہِ صدی
منٛز لٔگنہٕ پیوان تہٕ سۄ تہٕ چھےٚ یِمو عقیدو تہٕ فلسفو سیتۍ شعوری یا
غار شعوری طور متاثر سپٕزمٕژ۔ یہ چھہٕ شُہ وُن آسان یِیلہٕ کٔشیرِ منٛز ہِتہٕ
بُدھ وٲرِ پتہٕ پرٛوٗن شیو فلسفہٕ اوس دمہٕ ہاران تہٕ اسلام اوس ہیٚنہِ پاغام
ہیٚتھ زور شور سان برونٛہہ پکان۔ یِمن مختلف فلسفن تہٕ مذہبن
ہُنٛد کوتاہ چھہٕ لل دید پیٹھ اثر پیوان تہٕ چھہٕ تِہِنٛدیو واکھو تلہٕ[1] ناکارٕ

---

[1] "یۄدوے لل وٲکھن پیٹھ شیو مَتک تہٕ اسلامک زیادٕ برٛونٛہہ اثر چھہٕ مگر
یمن ہا تِمے فلسفن ہُنٛد اثر تہٕ چھہٕ لفظو تہٕ اشارو سیتۍ میلان۔"

"Vedanta, the culmination of thought" by R.D. Rande.

بود قبسان۔ لہٰذا چھےٚ یہٕ حقیقتھ زلِلہٕ ہیٚندِس کلامس پیٹھ تہٕ آسہ شوٗعوٗری یا غاَرشوٗعوٗری پاٚٹھۍ ہیٚہندا اثر پیوٚمُت یتھ نٕ یٚیتہٕ بدمست قناعت یا سوٗکوٗنت ہیچھناوان چھہٕ تہٕ امارٕ ن تہٕ نَفسس (خاہشن) پیٹھ قوبوٗ کرنکۍ زور دِوان چھُہ تتہٕ چھےٚ لل تہٕ یمن کتھن پیٚنہِن واکھن منٛز وِہڑھناوان سہ

کھینہٕ کھینہٕ مُنشٕ کُن نو وآتکھ      نہ کھینہٕ گژھکھ اہنکاٗ رٕ کی
سوٗمہٕ کھےٚ مالہٕ سوٗمہٕ آسکھ      سوٗمہٕ کھینہٕ مُژرنےٚ برنہن تاٗ رِی

یا

نَقھے میون چھےٚ ہوٚ ستےٚ      اَمہِ ہشہ موٗ نگنم گرٕ گرٕ بل

یٚیمہ حقیقژٕ نِش کرِنہٕ کانٛہہ انکار زٕ لل دیٚدِ ہیٚنددٕ ذٲہنی تہٕ فِکری پس منظر چھُہ دَرم شاسترن تہٕ ہندومت سیٚتی تیار گومُت یکیاز سو چھےٚ ہیٚندِ ی گرس منٛز زامٕژ۔ اَدٕ کِنھ چھُہ اَمہِ سیٚندِس سوچس تہٕ سمجھس پیٹھ اَمیُک اثر پیوٚمُت۔ تہٕ یِتہٕ چھےٚ تاکارٕ حقیقتھ زٕ للہٕ دیٚدِ پیٹھ چھُہ شیومتُک سٔروٗن تہٕ پاٗیدار اثر اوس مُت تہٕ اَدٕ کِنھ چھُہ تمِس اَز شیو پُز اٗرِی وَنان۔ مگر شاسترن پیٹھ چھےٚ تمِس عمل اٗس مژٕ تہٕ اکثر اوقات چھےٚ سو گیتا پران اٗسمژٕ۔ یوسہ ہیٚندن ہنٛز موتبر کتاب چھےٚ ویدن تہٕ گیتایہٕ چھُہ واریاہ حدس تانٛ ہشر۔ دوشوٕ نٛہنز بُنیادی کتھ چھےٚ رہشےٚ تہٕ اَوتے چھےٚ گیتا تہٕ ویدانتس منٛز گنٛز راونہٕ یوان تہٕ وید چھِہ بگوت گیتایہٕ سیٚتی ژٕ لاونہٕ یوان۔ لل دید چھےٚ گیتایہٕ تہٕ ویدن ہنٛد مطالعہ باقاعدٕ پاٗٹھۍ اٗسمژٕ کران۔ اَدٕ کِنھ چھُہ تَسنٛدِ ین واکھن پیٹھ تہٕ اَمیُک اثر پیوٚمُت۔

نوسنا۔ للہ ہنٛزِ زندگی زانِنہٕ خاطرٕ چھُہ صرف للہِ واکھن جائِز پرمان ہیٚوان۔ تہٕ کیٛازِ اَمہِ بغار چھُنہٕ اَمہِ نِش ہنٛزِ زندگی زانِنہٕ تہٕ پرزناونہٕ خاطرٕ کانٛہہ مُستند خبر اَتھ۔

بُدمت چھُہ مہاراجہ اشوک سٕنٛدِ وقتہٕ کشیٖرِ منٛز عام اوسمت مگر یہنٛدِ وقتہٕ لوٚب اَمہِ فلسفن زیاد۔ےوۄر۔ یہ زور چھُہ مہاراجہ کنشک سٕنٛدِس وقتس تام برابر جاری روزان تہٕ یہنٛدِ وقتہٕ تہٕ کرٕ اَمہِ فلسفن سیٹھا ترقی۔ بُدمتُک یہ اثر روُد کشیٖرِ منٛز سٕتہٕ مہ اعظمہ صدی تام جاری مگر اَمہِ پتہٕ چھُہ یہ پتہٕ گژھان تہٕ شیو فلسفہٕ تہٕ ویشنو فلسفہٕ چھِہ زور لبان۔ بُدمتچ بُنیاد چھےٚ نِروان (نجات یا مُکتی) کرم تہٕ اہنسا ہس پیٹھ دٔرِتھ۔ یِمن ساریٕنی کمن ہُنٛد مقصد چھُہ انسان جان تہٕ نیک بناوُن۔ تِمی سٕنٛدِ پاپ مَل دوٗر کرُن تہٕ تِمی سٕنٛد چال چلن بہتر بناوُن تہٕ اَکھ تِیتھ سماج تامیٖر کرُن یُس سوٚکھس پیٹھ دٔرِتھ آسہ۔ بُدفلسفہ چھُہ اِنسانس قناعت (سکوٗت) ہیٚچھناوان۔ تِمن اَاَرن تہٕ خاہشن پیٹھ قوبو کرنس اندر مدد دِوان۔ یِمن ہُنٛد نتیجہ دراتہٕ جُرم چھِہ انسانی تکلیفن ہُنٛد وجہ تہٕ چھِہ پیدٕ اَمار۔ یِم زُن پنٛنیو تہٕ تسٕو کمو اِنسانہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ فریبن ہُنٛد زال واہرِتھ تس پامال تہٕ بدحال کران چھِہ۔ بُد عقیدٕ مُوجوٗب چھُہ بُدی تہٕ بدٕ عاشی ہُنٛد نتیجہ جہنم[۱] ییم واریاہ چھِہ تہٕ اَکھ اَکی سٕنٛدِ کھوتہٕ خطرناک چھِہ۔

للہ دیدِ ہنٛدِ وقتہٕ آسہٕ ہِن کشیٖرِ منٛز واریاہ بُد پارُو کار۔۔۔ بہٕ چھُہ اَسہِ ہیمیٖہ تُلپہ پاسان زِ اَز تہٕ چھِہ کشیٖرِ منٛز خاص کرٕ لداخس منٛز واریاہ

---

[۱] اِسلام تہٕ چھُہ پیتھٕ پاٹھو واریاہن جہنمن ہنٛزِ نشاندہی کران۔

کأشُر شیو فلسفہ چھُ واریاہ کالہٕ پیٚٹھٕ کشیٖرِ منٛز عام او سمٕژمُت۔
وقتہٕ وقتہٕ آسہٕ أمہِ فلسفُک کأشِر عالم تہٕ پیشوا پأدٕ گرُی ہیتو۔ یہ چھُ ہندُستانٕ
شیو فلسفہٕ نِشہِ بدٕلُن تہٕ وکھر۔ کأشِرس شیو فلسفس چھِ "ترِکا فلسفہٕ"
تہٕ وَنان۔ اَتھ کنہ زِ اَتھ منٛز یاد چھِ تریٚن کٕتھن پیٚٹھ قأیِم۔ یِم ترٛشٕ
کتھہ تہٕ اصوٗل چھِ نَرٕ، شکتھی تہٕ شیو۔ ترِکا فلسفہ چھُ شیو یا پرم شیو
سأرِسے حقیقتس تہٕ یِہے حقیقت چھِ پرٛتھ کُنہ چیزس منٛز یاد تہٕ اَتھ
پیٚٹھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیز دٔرِتھ۔ شیوس چھُ سارِنے وجودن ہُنٛد وجہ۔ سُہ
چھُ سُہ پُرزٕ یُس سارِوے کھوتہٕ طاقت ور چھُ۔ یُس پرٛتھ کینٛہہ آمان چھُ
سُہ چھُ زمانٕ کُرٕ تہٕ اَندٕ تہٕ۔ شیو چھُنہٕ کانٛہہ شکل تھاوان، سُہ چھُ اَمہِ نِشہِ
آزاد۔ سُہ چھُ دُنیاوی بنٛدی شوٗنِشہِ تہٕ آزاد۔ سُہ چھُ سو حقیقت تہٕ
اصلیت یُس ہمیشہٕ آسہِ تہٕ روزِ تہٕ، سُہ چھُ اَنٛتھ رووس۔

اَمہِ فلسفہٕ مُطأبِق چھُ دُنیا حقیقتُک تماکار (ظأہِری) روٗپ
آتما (رٗح) چھُ شوٗ عوٗرتہٕ یہ شوٗ عور چھِ تریٚن طاقتن ہُنٛد زُل۔ قوت تہٕ
ارادٕ (اِچھا شکتی) قوتِ شناخت (گیانہٕ شکتی) تہٕ قوتِ عمل (کرٛیا
شکتی)۔ یِمہ کائیناتُک ماخذ چھُ شوٗیا مے اعلا ترین ماخذ مانہٕ یوان۔
یہ چھُ سرو گیان (سوروے زانن وول) سرو کرتا (سوروے بناوَن وول) تہٕ
سرو سوتنتر (شکتہٕ مان) یِمن سارِنے طاقتن پیٚٹھ خود مختار (مالکھ)
اَتھ برعکس چھُ اِنسان محدوٗد سوچُن وول (اَلپہٕ گیانہٕ) کام کرنُک
محدوٗد طاقتُک تھاوَن وول (الپہ کرٛیا) تہٕ محدوٗد قدرت تھاوَن وول
(الپہ شکتہٕ مان) زانہٕ یوان۔ کأشُر شیو فلسفہ چھُ ویدانت، بودھ، سانکھیہ
ویشنو بی فلسفن تہٕ مذہبن ہُنٛد اَکھ یا میٚلہٕ ہیچو تہٕ اَتھ پیٚٹھ چھُ یونُک

دَرم شاسترن منز چھےٚ پٔرزِ ستھ سٕنٛزِ یاسہ سٕنٛزِ تصویر ییتھ پأٹھۍ
بیان آمژ کرنہٕ "سٕنٛزِ یأسہ چھُ مال وجاداد تہٕ خانٛدٔرشٕ تہٕ دوٗر روٗزتھ
ہِنہ نوع انسانَس سٟتۍ سنٛز نہ سمتھ کرِتھ پننۍ فرض نبھاوان تہٕ تھوِ دایہ مُشند یا عام
لُکَن نام واتناوان تہٕ اُخرس چھُ حقس سٟتۍ زم گژھان۔"

اگر اَسۍ غور یِمن وُچھو تیلہ چھےٚ صرف لل دیدِ ہٕنٛزِ زندگی
دَرم شاسترن منز بیان کرنہٕ آمژِ سٕنٛزِ یاسہ سٕنٛزِ تمام خوصوصیژ نظر واتان
بکو یِ چھےٚ امیک اکھ عملی ثبوت تہٕ پیش کران۔ لَلی دیدِ ہٕنٛز سارے
زندگی یاچھ ترٛٲوِتھ اکھ بنیدس پٕہ چارس منز گُزریمژ۔ تمام یادٕ اندر
یہ یراتے آسہ مالہ بیچ گرتہٕ لل دیدِ ہٕنٛزِ یہ آواز چھےٚ اُپنشدن ہٕنٛزِ بیمہ
دٲرِ ہنٛز یادگشت "سرود برہما" یانے سارے یادٕ اپش چھےٚ یادِ کرن
مرادفِ ظاہر سمندر لل واکھ پرِتھ پتہٕ چھےٚ یہ کتھ واضح گژھان زِ تمہ
چھےٚ پننہِ درمعنی تجربن ہٕنٛد بیانہٕ خاطرِ تشبیہہ استعارِ، علامژ ہتشبیہہ
تلمیح بیتر استیمال کرمژ۔ یِمہ ہٕنٛد تعلق براہِ راست دَرم شاسترن تہٕ
ویدانتس سٟتۍ چھُ مثلن اوٗم، برہما، اہنکار، سوزن، گیان مارگ،
دیان (دھیان) زیچھ، یاچھ، وِلاس، یاندو، زگنتھ، ندماوس، اپشرہ
جونسر، سعہ باو، پرتبات (پربھات)

ییتھے یأٹھۍ چھُ اُپنشدن منز بیان کرنہٕ آمُت زِ "شیو چھُ کاینات چِہ
ذرٕ ذرس منز تہٕ یہ بزونہ کتہ ییلہ نہٕ تہٕ یہ زندگی منز حاصل ہیکہ ہٕنٛ کرِتھ مرتھ
بلکہ یأٹھۍ یہ زنادِ ہٕنٛ تہٕ لل چھےٚ اکھ ییتہٕ یأٹھۍ للہ کھولِ کران ژ

شیو چھُے تھنہ اُویی زال وہرأوِتھ — کرزن منز چھُے تریتھ کیمتھ
ییتہٕ دُچھتا اَدٕ کنہ مرتھ — پانہٕ ہنٛز بان کٔد وشرأوِتھ کیمتھ

یانے اُچھیل پَرزرس پَرزناوِتھ تہٕ لَل چھےٚ اَتھ خیالس پیٹھ پاٹھو باوان.

لَلہٕ بہٕ دِرایس لولہٕ رے ژھاران لوُسُم دِن کیو راتھ
وُچھُم پنڈتھ پننہٕ گرے سُے مےٚ رٹُمس نیچھتر تہٕ ساتھ

انسان چھُ شوشُند روٗپ تہٕ ظہوٗر. لَل چھےٚ وَنان ع

کُو چھاکھہٕ دِوان اَنہٕ نے برژھ ژٕرُگ کھٔے چھُکھہ تہٕ اندِ پے اَژھ
شو چھُے اُتی کُن مو گرژھ سہجس کتھہٕ میانہٕ کرتو پَرژھ

اَتھ واکھس منز چھےٚ لل وَنان زِ سُہ خودا (شِو) چھُ انسان پننس منز سُہ چھُنہٕ اَمہٕ نِش الگ. ہِنگہٕ منگہٕ ادرٕ یور ژھانڈُن گوژھ نہٕ کرُن مگر پننس پانَس (مَنس) منزٕ شو ژھانڈُن. خاطر چھُ انسان شوشُند آشر ظہوٗر. شیو فلسفہٕ موجوب چھُ انسان اعلا ترین حقیقژ ہنز رٕژ. لہٰذا پنُن پان پرزناوِتھ ہیکہٕ سہ حقیقتھ لبتھ. اَتھ خیالس چھُ یہٕ واکھ تہٕ وضاحت ع

گوُرن دوپ نم کُنے وژن نیبرہٕ دوپ نم اندرٕ اَژُن
سُے گو للہٕ مےٚ واکھ تہٕ وژن تَوے مےٚ ہیوٚتم نَنگے نژُن

لل واکھو منز چھ اکثر واکھ تتھی ہمت پیچھ میٹھ سیٹھاہ شوکتک اَثر چھُ. دوٚیمِس لفظن منز بِہمت اَندر چھُ شیو فلسفہ وضاحت آمت. مثالہٕ خاطر کرو اسہٕ یمن واکھن ہنٛد کانٛہہ حصہ پیش یمتہٕ موضوع طوالتھ لگہٕ.

(١) گگن ژٕ یے بھوتل ژٕ یے ژٕ یے چھکھہ دِن پَون تہٕ راتھ
ارگ ژندن پوش پوٚنۍ ژٕ یے ژٕ یے چھکھہ سورُے تہٕ لاگِ زِ کیاہ

(٢) شو چھُ تھلہٕ تھلہٕ روزان مو زان ہیوٚند تہٕ مسلمان

تہٕ اثرتہٕ تمِہِنٛدۍ نتیجہ ژھاے تہٕ۔ اَتھ فلسفس ڈیٖٹ کأشرِ دِماغن زٕنم یِمیٚہ پیٚٹھ تہٕ باقۍ علاقن تہٕ اندن کُن ووت۔

یہٕ آو پرٛون نۍبِرِ وَنہٕ زِ اَتھ فلسفس ڈیٖٹ کأشرِ دِماغن زٕنم تہٕ اُتھۍ سیٚتۍ گوٚو فلسفیوٚن تہٕ شاعرن مُنٛد اَکھ بوٚڈ بارٕ طبقہٕ پأدٕ یِمَو ترکا فلسفک (شِو فلسفک) اَکھ شوٚکہٕ دار محل تیار کوٚر۔ اَتھ ستھ ہندۍ پیٚٹھ ژودأہِمہ صدی تام یِم شاعر تہٕ عالِم یِم فلسفہٕ شیٖران تہٕ برٛونہہ پکناوان روٗدۍ تِمَن منٛز چھ وَسُہ گُپت، سوٚمانٛند، اُتپل دیو، اَبھنو گُپت، یوگ راج، تہٕ لل دیدہِ ہِنٛدۍ ناو گنٛزرناونس لایق:

لل چھےٚ شیو یوگنی یا شیو پُزٲرۍ مانٛنہٕ یوان۔ یہٕ چھُ اَسہٕ صرف اَمۍ سِنٛدۍ واکھو تلہٕ ظأہر سپدان۔ لل واکھن پیٚٹھ چھُ شیو فلسفک سوٚن تہٕ پایہ دار اثر موجود۔ شیو اِصطلاح اوم برٛناد (برٛہماد) شِو، پرم شِو، پرکرتھ، ژھیٚتھ، برٛہمہ، اِندرِی، گیان، کُنٛڈلی، شٹشکل، سوہم سو بیتر چھِ اَمۍ سِنٛدۍ واکھن منٛز جایہ جایہ نظر گژھان ع

تلہٕ گوو برٛہمانٛڈس پیٚٹھ کُن وُچھم شِشِہ کل وُژھم پادن تل

گیانہٕ اَمرِتھ پیٚٹھ کرِتھ برٛونم لوٗبس موٗرم انٛد وَنٛد تام

شیو فلسفہٕ مطأبق یِمَو پیٚٹھ یان پرٛزنووُمُت ہیکہِ نہ تس (خوٗدا یس)

---

ﻠ اکثر موٗرخ تہٕ نقاد چھِ لل دیدِ شیو پُزٲرۍ مانان مگر ممکن چھُ زِ تِمہٕ آسن تِتھۍ تجربہ کرِتھ منتج یا زأتی پہنٛتھ، یِم شیو فلسفس سیٚتۍ رلان چھِ۔

ﻠﮧ اکثر زَن تواریخ چھِ گواہ زِ للہٕ ہِنٛدِس وقتس (زاسنس) تام چھُ یِتہٕ شِو فلسفہٕ عام اوسمُت۔ مگر تاہم چھِ ما کانٛہہ ثبوت زِ تہٕ لل وا کھ۔

ہاوباوکین اوٚصوٗلن تہٕ رسمن سیٹھاہ خلاف ۔ ییمہٕ آسہٕ گژھنہٕ ھدسن تاکہ
بُت پرستی، تیرتھ یاترایہ تہٕ مذہب چہٕ ظاہر داری بدلہٕ پیٚمہٕ چٕھ خدایہٕ سٕنٛدِ
عشقِ حقیقی پیٹھ زور دیوان ۔ یمو تحریکو اُس اوٚنیُج آیُج تہٕ کھسوٗسس
خلاف اکھ زبردس آواز تُجمٕژ ۔ شاید ییمہٕ کِنہٕ تھو گژھ آسہٕ ییمہٕ عوامس
منٛز مقبوٗل ۔ یٔیلہٕ اسلامن تہٕ ییمن تحریکن پیٹھ زور دیُت، لکو کٔرو
اتھ نالہٕ میتر ۔ لل دید چھےٚ اُتھی ووٚت منظرس منٛز تھٔنہٕ پیوان ۔ یہ چھُ
شہ دف آسان زِ اسلام چھُ کشیرِ منٛز اکثر لُکو قبوٗل کران آسان
کوٗرمت ۔ لل دید پیٹھ تہٕ چھُ شیو گورن یا غار شیو گورن ہٕنٛد اتھی امہٕ
مذہبک تہٕ فلسفُک اثر پیوان ۔ یہٕ دوے سبہ اسلام چھِنہٕ قبوٗل
کران ۔ لل واکھن اگر غور سان سام ہیٚنہٕ ییہِ آتہٕ چھُ صاف باسُن
نِشان زِ لل چھےٚ امہٕ مذہبہٕ ترجہٕ تہٕ متاثر گمژ ہیٚر ۔

اسلامُچ بُنیاد چھےٚ توحید، تہٕ یمہِ چھےٚ گژھِن یُس خودائن
زانُن تہٕ تسنٛز کانہہ شریک زانُن یانے لا الٰہ الا اللہ یتھ
خودائن زوٗن تہٕ پولُن شہ چھُ منٛز ہرلس داتان ۔ لل چھےٚ یمہٕ زانتس
تہٕ پالنس لامکانس واتنک درجہ دِوان

لا الٰہ الا اللہ صحی کوٗرُم وُحی کوٗرُم پانٔے
دوٗجود ترٲوِتھ موجود روٗزُم تیٚلہٕ سٕتہٕ میوٗلُم لامکانے

واکھ ۲۱۸ ۔ لل دید از جے لال کول)

تیٚتھے یا اتھی چھُ اسلامس منٛز کلمہٕ بُنیادی درجہ دِوان یانے اتھی
پیٹھ چھُ اسلامک شوبہ وُت تہٕ پیٚر زلوٗن محل دٔرِتھ یانے خودائن
زانُن تہٕ محمد رسول اللہ صلعم زانُن ۔ انسان یٔیلہٕ یہ کلمہٕ زانہِ تہٕ

(۳) گوڈس پزٕژھا م سا بہ کٔلے — بٔس تہٕ کیشہ وٕنان تس کیاہ ناو

(۴) شیو چھُہ زاُوِتھ زال وٕہرُاُوِتھ — کرٕ تزٕن منز چھُنہ تَرِتھ کیتھ

(۵) ڈٕمبہ ڈٕمبہ کوٕرمس ڈٕمتھ ہا سے — پزٕ زلیوم ڈیہہ پیٹ تہٕ نیشیم ذاتھ

(۶) لل بہٕ ژاۄس سوٕمن باغس — ڈیٹھم شیوس شکتھ میلیتھ تہٕ واہ

(۷) پانس منز پیلہ ڈیُوٹھکھ مےٚ ژےٚ — مےٚ ژےٚ تہٕ پانس ڈیتم ژھوہ

(۸) اندر آسِتھ نیبر ژھونڈم — پَوَن رِگِن کرٕ تم سَستھ

دھیان بہٕ کنہ ڈیسے زٕگہِ کیول زونم — رنگ گوسٕ گس میلیتھ کیتھ

(۹) اٹھ صبن آسے تہٕ گٹہ گھن گرشے — پکٕن گٹہ چھے دِین کیتھو دانہ

یوٕرِ آسے تُزری گٹہ گھن گرشے — کینہہ نتہ کینہہ نتہ کینہہ نتہ کیاہ

یمتھ واکھو تٕلہ چھُہ باسان زٕ للہِ پیٹھ کوتاہ چھُہ شیو فلسفُک اثر اوسمت۔ تکیاز یمن واکھن پیٹھ چھُہ شومتک بلکل چھاپ۔ یمہ چھُہ شومتکو بنیادی اصول پوٗرٕ کران تہٕ لل دیدِ شیو پُزاری بناوان۔

ژوداہیم صدی چھےٚ تاریخی لحاظ کٲشرِ ہندِ خاطرٕ اکھ بوٚڈ پاسے تہٕ روہ تبہ تھاوان۔ اَتھ وقتس منز اوس اکھ پرٕون زمانہ ڈٕم ہاران تہٕ اکھ نوٚو زمانہ زٕنم نیوان۔ پرٕون تہذیب اوس مُشراونہ یوان تہٕ اکھ نوٚو تہذیب اوس پننہ مول ڈٕرراوان۔ پرٕون ماحول اوس ختم سپدان تہٕ اکھ نوٚو ماحول اوس ہٮ۪تہ ہٮ۪نہ بارسس یوان۔ یانے مُسلم تہذیبک تہٕ تمدنُک وصمت مشدتہ پائدار اثر اوس پننہ وٕتھ شیران۔ یہ ماحول تہٕ تہذیب کیاز گوٚو والی ولی کشیر منز عام تہٕ لوکو کیاز کرُس نالہ متی۔ امیک وجہ چھُہ زٕ اسلام پھالنہ برونہہ اوس کشیر منز شیو تہٕ ویشنوی فلسفن سیٹھا چلے جاو۔ یمن فلسفن سیتو واتھ تھاون واجنہ تحریکہ آیہ

تہٕ روٗحٲنی طاقتھ حٲصِل اوس سپدان۔ یِم اَسۍ ظٲہِر دٲرِ تہٕ بدٕ ہیمتھ
شیٚخ خلاف۔ دُنیٖہس اَسۍ نیٚچہِ نظرِ وُچھان۔ لَل دید چھےٚ کَنہٕ خدس
تام اَتھہ عقیدس سیٖتۍ تہٕ ہٲشِر تھاوان۔ تمہٕ سٕنٛد ترک دُنیا کرُن یانے
دُنیاوی کھوٗرِ نِشہٕ آزاد روزُن چھُ اَمہٕ کتھہٕ ہُنٛد واضح ثبوت۔

ریشین فلسفس سیٖتۍ چھےٚ اَکھ کتھ یِوان منسوب کرنہٕ زِ یِم
اَسۍ تہٕ سبزی کھیوان بلکہ اَسۍ ہیٚکہِ ستیٚن کھیوان یانے ہٕنٛدۍ زُر
تہٕ ووہِل ہاکھ۔ لَل چھےٚ اتھ سیٖتۍ اتفاق کران وَنان ع

نار گرٕزِھ تہٕ ہُن آر گرٕزِھ گالُن      اَتھہ ہَر گرٕزِھ کُڑُن ووہِل ہاکس تہٕ ہٕنٛدے

ریشین اَسۍ دُنیاہس نیٚچہِ نظرِ چھیتہ ضبطِ نفسُک درس
دِوان۔ یانے کام، کرودھ، لوٗبھ، لوہ، متمتھ، اہنکار نِشہٕ لوٗب روزُن
تہٕ لَل چھےٚ اَتھہ نفس وَش کرنچہِ عملہٕ ہِنٛدۍ پٲٹھۍ وَنان ع

یٖمو لوٗب متمتھ، مَنہٕ ژوٗر موٗرُن
وَنہٕ نٲش مٲرِتھ تہٕ لوگُن داس
تمی سہزا ایشور گوٗرُن
تمۍ سورُے ووٚنُدُن سو اس

یا

لوٗب مارُن سہز وِچارُن      دُروٗگ زانُن کلپن ترٲو

سُہ بقولِ لل چھُ سہ لامکان واتان۔

گُلمے پوٚرُم گُلمے سوٚرُم — گُلمے پرژُم پَنُنے پان
گُلمے پَنُنے پَنُنے موٚیُن توٚرُم — اَدے لل وٲژس لامکان

(واکھ ۲۶۲، للہ دید، ایس. پی. کول)

اِسلام چھُ بُت پرستی تہٕ مورت پرستی سخ خلاف۔ اَتھ چھِ اِسلٲمی اصطلاحس منٛز بدعت یا شرک وَنان۔ یانے خودایس شریک کانٛہہ ٹھہراوُن تہٕ لل دید تہٕ چھےٚ پوتلی پوٗزا یہ خلاف اَمہ منٛز سوٗ چھےٚ اَتھ بیٚیتہٕ پأٹھۍ واضح کران ع

دیو وٹا دیوُر وٹا — ہیٚرہ بوٚن چھکھ یکہ واٹھ
پوٗز کس کرکھ ہوٹہ بٹا — کرمنس تہٕ پونس سنگاٹھ

کشیرِ منٛز بیٚیہ اکھ وجوٗدس آیہِ تنٛہ چھےٚ یہ ریشہ وارٕ رُوزِ منٛز یانے کشیپ ریش بیشہ وقتہٕ بیٚیہ چھےٚ بیٚیتہٕ ریشتیچ ریوایت رُوزِ منٛز ریشہ لفظ چھُ سنسکرت لفظ یانے "رِش" ییٚمیُک مانے چھُ منتری واتن، ییٚمیس نشس پٔرتھ کیٚنٛہہ نوٗن آیہٕ۔ پرہیزگار ییٚس ہیٚنز ہستی فنا کرتھ خودایس سیتۍ آسہ رلیومت۔ ریشہ عقیدس منز گژھ انسان دُنیایی کھٔرِ نش فارغ باد کرتھ دوٗر روزُن۔ ریشن ہُنٛز چھےٚ اکھ ریوایتھ روزِ منٛز ییٚم اَمہ ترک دُنیا، ضبطِ نفس، ترکِ لذت کرتھ خودایہ سُندِس عبادتس منٛز مشغول روزان[1]۔ ییٚمہ سیتۍ ہمن روحٲنی سوکوٗن

[1] ییٚتیتھ گوٚرہ سُہ لفظ روزان استعمال تکیا زِ دُنیکین چیٚنٛہ آسہ اکھ کانٛہہ ریوایتھ میلاپ دُنیکین گیاہ چھُ کانٛہہ ریشہ بنیومت یا اَتھ عقیدس پیٚٹھ یکیان۔ اگر چھُ تہٕ کانٛہہ محض ظاہرداری خاطرٕ

وۆہ تناوان۔ اَکھہ بَر عکس اُسہ تِھ شٲیرِ پٕٹھ سنہ۔ موضوع بٔر کھوت، لوٗدٕ تہٕ شہ چھہ
بٔتے اَثر تہٕ شمارِ چھہ کُنہِ چھہ بیہہ سبٕ۔ نہٕ رۆزان۔ حالانکہ لکانہِ نو نو ما کینٛہ
چھنہٕ کانہہ لوکُٹ کنہہ۔ البتہٕ نبٕو اَتھہ چھہ زِ شہ موضوع تٕرٕ دھ شارِ قاری بس
مُسر اُڑدہ قاریو بس الٲہ کماکن تہٕ بیانہٕ شٲیری مُنز زبان چھنہٕ پَر بس
عام اِنسانو ہُنز زبان۔ بلکہ چھہ شٲرٕ تہٕ بٕ دِ مُنز لفظن خصوصیہٕ اُپنہٕ مُرشِ رِتہ
پٔنِنس اوفٕد تہٕ چھو کس لفظس ہٕ شہرٕرات بأتحتہ تخیلیہٕ اُتا وحیہٕ تہٕ صفحہٕ منان
زٕ لفظ چھہ کمٕ ماتہٕ ہوت رۆزان یا غار منور گوری ماتہٕ بٕھوان۔ مگر لوٗمتہٕ گرِ تھہ
تہٕ چھہ شارِس مُنز شٲیرِ پُتشد شہ جند باقی رٕو کو تہٕ تہٕ کُنہ نہٕ تہٕ کُنہ پاکوزنہٕ شو
گرٕ ھان، یتھہ کٔن مجموعی طور تو شٕ و متہٕ لیہٕ۔ شارِ اَد بٕک مُرٕ مولِ باونہٕ
وزٕ چھہ تخلیقی عملہٕ کٔن نظر تراوتس سیتہٕ تمٕن کنٕن کٔن تہٕ دُبہِ
یہمہٕ کنٕن شٲیرٕ پُشدس موضوع ہٕس مُنز یس۔ یُس موضوع شٲیر سُند
مُطابِق باس دِ یِہ زِ تیمہٕ کوتاہ چھہ مُطالِہ تۆرمٕت تمہٕ کا بینا تیچہ کناپہٕ ہیشِد
ورتھِک یوس تَس بٕرو نیچھہٕ کنہٕ مُرشِ رِتھہ چھنہٕ اَکھہ مطالعس سیتہٕ چھنے
بٔنیہِ شٲیرٕ پُشدِس بیانس کٔن نظر پیوان۔ تہٕ دُچھٕن چھہ زِ شٲیرن یِم یِم
لفظ وٕ تھہ اُزمتہٕ چھہ تِمہٕ چھا سہ بہٕین والی کنہٕ نیہٕ تہٕ سیتہٕ چھا زبأ ذ
وسواد سٕیدٕ نمٕک موقعہ کینہٕ نہٕ۔ لفظ چھلے لوتام اَتہٕ شٲیرٕ پُشدِس ذہنس
مُنز آسہ تو تام کنہٕ میلہٕ شٲیرٕ پُشدِس زٕ حیثیتھ جوہرٕ Potentia
lity کلیہِ کرٕ نس موقعہ۔

اَکھہ شارِ زبأذ کٔن پیٹھو اُذ نظرو چھتھ تراوِ اُسہ لل دیدِ
ہُنزِ شٲیری کٔن تہٕ نظر، تہٕ بہٕ کرٕ اَمی تراپہٕ گرٕ اپہٕ تہٕ پرکھاونچ کوشش۔
پہٕ کنتھ چھنے ذہنس مُنز تھۆوتس لایق زٕ لل دید چھنے اَکھ Mystic

رشید راشد

# لل دید چھےٚ بٔڈ شاعر

شیشرس نہٕ ساتھس پۄتھس نہٕ رمس
سۄ شاہ ہیہٕ تکہٕ چھ چینہٕ سٕے واکھ
اندرم گٹکہ رٕٹھتھ تہٕ وۄگم
ژٕ ژیتھ تہٕ ژیتمس تتی چاکھ

انسان چھُ یتہٕ کائناتکس محض تۄجبہٕ ہستی ہُنٛدِس دِلس شرز دأیتھ مۄحسوٗس
کران یُس کہ ییتہٕ شکتہٕ مسلہٕ شرشہ جذباتن ہُنٛد تہٕ لو آسانن تہٕ میٚنے جذباتن ہِشرز
جایہ چھُ شاعر بیکار پواس زنگیا تہٕ شاعر یتہٕ قأدری پیٚرن ہنٛد عٔلی طور مطالہ کران۔
تہٕ چھُ یلان پنٕنیو اِحساساتو ہستی تہٕ تخیلہ ستی نوز پۄرکتان۔ امیہ یتہٕ چھُ سہ
زندگی ہِشرز ریز سیپتہٕ کشدان۔ اختہ باو تہٕ گأری شرز چھُ شاعر رازٕہ ہامس کام
ژیوان۔ ابہام گۄو شار کُس سہ صفحتہٕ زِ شارس ہیٚکنہٕ کأتہٕ تٕتھ ژٕ تُلتھ
ماتہٕ کلہٕ تہٕ پیمہٕ۔ بلکہ نیرن شارس اکہ علاوہ بہ ما۔ ہیٚکتہٕ سیٖتی شارس چھُ
چھۄن زٕ ال یا بۄدُن وولہٕ بکۆ زٕ پتھ یا پیٚر بُتھ بٔے شٔوٕ کہ یا شُکراہ استریچ شار
شعروتاں شاعرس ہِشرز شتہٕ چھےٚ المترا سیتھ پیٹھ ذٕرچ یا چھے کوتاہ
پیٹھ زندگی ہِسیٹھ ہُنٛز خیالات۔ زور وارتہٕ حسین انداز س شرنٹی کڈان
تہٕ نتیہٕ اخلاقی قدرتہٕ ونتہٕ اعتیکی، جذباتہ تہٕ اِحساسات، قوت شکرہ تہٕ
سماباقی ییٚژ ما چھےٚ زندگی ہِشرز آمیز شہ ستہٕ تیٚلہ س تکہٕ شرز و سما ر

emotinal complex in any instant of time.

(Literary essays of ezra pound)

ہیچہٕ وِہٲرِ رنجہ پیٚشہٕ ڈُکان گوم
ایکھ چھان پیوم پیٚتہٕ راز دانے
سیٚمتھ بازرس قلقلہٕ رۄٚس وان گوم
تیٚرہیتھ رۄٚس پان گوم کُس چالہٕ زانے

وُچھو توٚ یتھ وٲکھس منٛز چھِہ ورگیہِ ژوٚن مصرٕن ژور شبیہہٕ الگ الگ ووہ تلان ییمن ہٕنز سطحی طور اَکھہ اَکس سیتی کانٛہہ واٹھ چھیٚنہٕ شکارِی سُنٛد شکارس ہرُد شہہ کٕرِتھ وٲتتھ شکار کرنہٕ خاطرٕ کان لدِتھ تہٕ شہ پیٚشہٕ ڈیو لبُن تہٕ تتھ سیتی کمان ہیچہٕ ہٲرِ لبٕنۍ یا لُرٕ ہنا ونہٕ خاطرٕ رتبہٕ کرُن ووہ ژھانٛڈ تہٕ لرٕ وُچھتھ چھانہٕ شہرِ بے وُقوٗفی تہٕ چھِٹ ہیچھناوُن۔ جمہ گژھہٕ وٲلِس بازرس منٛز وان قُلقُلہٕ رۄٚس روزُن تہٕ تیٚرہیتھ خاطرٕ لگاتار یکُن مگر نیٚرہیتھ نہ لبُن، چھِہ پانہٕ وٲنۍ اَکھ اَکس نِشہ الگ الگ تصویرٕ ییٚتہٕ کو لاچہٕ وٲلِس تہٕ ژھینبہٕ ہٲرِ چھاپس منٛز اگر مجموعی طور ستۍ تتھ وُچھو اَکہ ڈرامہٕ کِس ژودہ ایکٹ یِن لبنہٕ ییمن پانہٕ وٲنۍ اَکھ سوٗن واٹھ چھِہ تہٕ یتھ مطلب کیٛتھ کٕنہٕ ہوس سو کتھ چھےٚ پرٕن وٲلِس پیچھے۔ لل دیدٕ ہنٛدِس کلامس منٛز چھےٚ یِژھہ کٲنٛژہٕ مثالہٕ ڈرشٹھو گژھان ییمہٕ شارٕکس عظمتس نِشہ وٲتتھ پور پٲٹھۍ وُترٲوان چھےٚ۔ تہٕ اَتھ منٛز ییمہٕ تشبیہہ کنٛز مثالہٕ چھےٚ تِمہ چھےٚ تینٛہٕ تہٕ ٹماکارٕ۔ آمہ پتہٕ سوٗدرس ناوِ ہِچِس لمان۔

یا    دیٚہ ہیچہٕ لَہ دارِ بر تراوٕ پرٕ مس

شاعرٕ۔ اَتھ کنٛہِ تہٕ چھِ یِنہٕ کانٛہہ شکھ زِ تِہندِس کلامَس چھُ اَلبتہٕ تہٕ وَلیہٕ ژرِ کا فلسفہٕ
آمت۔ تِہندِ رٔوحٲنی شخصیتھ پٕراوَن چھُ تَس سُہ مقام دِیتمُت یُس کٲشرِ
چھِ تِمَن شٲعرَن ناوٕ پَژھہ تہٕ پرٕژھتہٕ ہاواں۔ یِمَو سیتھ تہٕ خاص توجہ تِہنٛزِ شٲعرانہٕ امیجرِ
کُن دِنہٕ چھُ آمُت تہٕ تِہندِس کلامَس چھِ یِنہٕ شٲعری ہٕنٛزِ ڈٔنجہ کھٲطرٕ لِبتھ سٲلِہ
ہیوٚت پرکھاو آمُت کرنہٕ۔ حالانکہ للہ دیدِ چھےٚ یِم پدٕ لَلہ وٲکھ تِم ہرٕ دٕہ اَتھ —
وٕ رِتھ پرٕمن وٲلۍ تِہندِ ظہورٕ کلامَس کُن پُرٕپھ تہٕ ییٚنہٕ وَرنٕ لوٚژ مَژ۔ کٲشرِ شٲعرَن
چھِ شٲر وَنہٕ ہٕنٛزِ بڈٕ کاہ یِنہٕ للہ دیدٕ، یِمہ پنٕنیو لفظ کٕلِیو سٕنٛزِ تھِتھو
محاورٕ گرٕ ہیتھو چھِ یِم زٕن یہ کٲشرِ زبان پنہٕ پیٚشہٕ دَرہ ییٚن سیتھ اَبتہٕ
اَکھ ترقی یافتہ زبان آسنُک باعث دِوان۔ تخلیقی قووتھ کوتاہ تھوٚد آسہٕ شٲعرَس
سُہ چھُ تمہٕ ساتہٕ نوٚن گژھان ییلہٕ زٕن اَکھ پرٕن وول تِمہٕ حالژ مَنٛز
وٕسہ یُس بہ حالتھ شٲعرن تہ ووٚتھ کینہٕ تھوٚد مَژ آسہ۔ صرف حالیتھے یوت
تِمہِ مَنٛز ڈٔنگ دِتھ لال کھٲلِتھ چھےٚ دوٚیِم کنہہ، یِتھ لال کھالتھ مَنٛز
ابہامِکس شارٕ سوٚدرس ییلہٕ وٲلۍ پِیہٕ تفکرُک زال یِنہٕ اَنمانہٕ کام
کرنہٕ یِنہٕ عندلیبہٕ ژھاٹتھ مارہ۔ للہ دیدِ چھِ یہ بوٚڈ بارٕ صفتھ تہٕ یٔمہ
صفتھ چھُس کٲشرِن سارنے شٲعرَن مَنٛز عظمتھ بخشان زِ سُہ چھےٚ
شٲعری ہندِ بہت گوٚڈنیک مَنٛز وُستھ نیتھ نیٚبہ کرو نِس تہٕ نا کارہ موضوعس
لیہ کھووَل کران۔ شارُک مَژ گژھہ اَکس ریلہ ہِشدی یا بھٲوٕ جھیلن پرنُھک
کینہ تزٕ۔ سُہ چھُ شبیہہ کاکُن مَنٛز لیوان تہٕ یہ شبیہہ چھےٚ ارتقائی
تہٕ تفکرانہٕ میٚش حاصل گژھتھ عمرہ بازَس یوان Esrapound
پیٚشہ کنٛتھ

An image is that which
presents an intellectual and

لوٚلکہِ دٔہ کھسلہٕ واٲلنِج پشم
لا یہٕ دژایس کیٚمہ پوشہٕ شیژ سے

ژراوٕ تو تشبیہاتن کُن تہٕ نظر یمہ زن بۆڈ حقیقہٕ ہیٚند یا کھٹہٕ اُتھ جایہٕ ہیٚتھ چھہ۔ نفسے میون چھُے ہوٚستے یا
کیٚشرِ ژٲنی چھے شہج بٔرنی

علامژ تہٕ استعارس تہٕ اَر کرنس منز چھہ ژراگژ تمام پیوان ہیٚنہ تہٕ علامتھ چھُے مُبہم وحالتس منز لبنہٕ یوان۔

ہیچہ وِہار بجہ پیٚیژ لوٚ کان گوم
اکھہ چھان پیوم ییٚتھ راز دانے

منسے مان بچوسس یا
چھُر کوٚپ نیریس نارٕ چھکھ

لل دیٚدِ ہیٚند کلامس منز یُس ماشوق وٕ تلاش چھُ سہ چھُنہٕ اُدی جہ مازِ نہ حرکژ ال یا مجازی بلکہ چھُ غائر ارضی۔ یُس یہِتھ لل دیٚدِ ہاٚ منز جدوجہد روزہ ہِژ چھُے تہٕ سہ جدوجہد چھُے داخلی۔ تمہ منز یوسہ شاعیرِ شژ وٕ مٹھاژ تہٕ نارٕ تیٚوٚ ہکن ہُند ژاپ چھُ سہ چھُ داخلی کیفیژ منز اَیِتھ غائرجی کیفیژ منز گژھہ وسان۔

شوٚنگِتھ ماداتھ کوٚڈم پانس
مےٚ للہ روزمنہٕ بوٚہٕ ہوشس

یا لُتُن ہُند ماز لاریوم وٚتن
اٲکی ہاوُم آکہ چھی وٚتھ

یا لوٚلکہِ نارٕ واٲلنِج بُژم
شیٚنکر لوٚبم تمی ستہٕ

ما نابدِ کر یارس اٹھ گشنٛڈ ڈیوٚل گوم

یا موٗنِہ نارِ وائلنٛج بُزٕم

یا لٔلی لٔلی کران لالہ وُزنوٗم

ریم شار چھہ پنٕنہِ انمانہٕ پرٛنن وآلِس بٔڑ شوٗنکھ پآٹھی یکھن پیچھہٕ ٹھوٗ دٔلان تہٕ تیتھہٕ حسبأتی نظارس منٛز واتناوان یُس سُہ شار کرِ ذرٕ بہٕ وُچھان چھہ۔ یتھہٕ کنہ اکھ گتہ ریٚنو پنٕنین گٔھتن منٛز وُچھن وآلِس آوراوان چھِ تہٕ پنٕنین جذباتن تہٕ ایحساساتن منٛز والان یم تسٕن منٛز وُزیمتو آسان چھہ۔ بقول مرغوب بانہالی لفظِ وردن مانہٕ ہٕس موزوٗن کیٚشہ ورن چھہ فن۔ ورگہ وٕنٕنٕس منٛز علامژ سینہٕ ووہ گناوُن چھہ فنہ شاعرس نٔشس چھہ یوٗت ہیٚوٚ فن زٕ سُہ کیتھہٕ پآٹھو آوراوِ پرٛنن والِس پانس منٛز تہٕ اتھ منٛز یمہٕ فنی صلاحیژ شاعر بٕشو اکھی یوان چھِ تیمہ چھِ تشبیہ استعارہٕ علامژ بییترِ۔ علامتھ یا استعارہٕ آیتٕن ٹھوٗنسرٕ منٛز چھِنہٕ لٔل پیتھہٕ کیٚنٛہہ۔

نابدِ بارس اٹھ گنٛڈ ڈیوٚل گوم

ریم جزٕ چھہ شارس گوہ ہیٚرٕ مانہٕ ہٕک وُشبیر تہٕ خوش یوٗن رنگ بخشان۔ نابدِ بار استعارأتی ورتاوٕ سیتھو چھہ شارس ایہامک ناقابل بیان قوٕ وُتہٕ غط گژھان۔ یتھہٕ پآٹھو چھہ کیٚنٛہہ استعارأتی شار ریم زٕنن پروفیسر جیالال کولن تہٕ پروفیسر نند لال کولن لل دید کتابہٕ ہٕندِس مقدمس منٛز ژاگرٕہ چھہ ٹھوٗی ہٕنٛزٕ۔

آمہِ پنٕنہٕ سوٗدرس ناوِ چھٔس لمان

کیٚپہٕ نہٕ مارگ چھٕنٕ ہاکہ واوٕ

کاٹھ دینہٕ دوٚد شرٛماوُن

انتہٕ سکوٗل کیپٹہٕ ژٲرِتھ

پرٛیتھ اَکِس حِسہٕ ساوِی شخصس چھُ زندگی منٛز برٛونٛہہ کنہٕ اَکھ بوٚڈ بارٕ مسلہٕ گژھان آسان۔ یُس زٕن موٚنگُ مسلہٕ چھُ مختلف نظریہٕ وُچھان۔ یہ حِس چھُ کائیناتکس اَکھ بڈِس واقس کُن سیٖدِ سیٖود ظوٗبن نِشان تہٕ شاعیر چھِ تتھ اَکھ مطالِہ کرٕنہٕ نِشہٕ لوٚب رونرٲن شاعیرن یہ کینژھا اَمہ مطالِہ پتہٕ پیٚرٕن وٲلِس حِسن بخشمٕنت بہ چھُ۔ سہ چھُ۔

کینژھہ چھِ نیٚشِدرٕ ہیٚتی وٕرتھ

کینژن وِرین نِسر بہٕیمِ

**یا**

گرٕژہٕ بیبلِہ پھیٖرِتھ ژٲوِتھ نیرے

گوٚو دانہٕ یا نے گرٕژہٕ آبِل

لل دیدِ ہندِ عرفانی کمالس منٛز بحر پرٛاوِتھ چھِنہٕ نفسس موت وِہ پیٚر باسان یا کاشِہ کھوٚژ ناوَن دوٚل چھُ۔ البتہ چھُ اکثر جایَن خوشیوٗن لگِتھ بوان۔ یِکیاز سو چھےٚ زِندٕ زوٗ امریتہٕ نفسس تار دِوان تہٕ وَنان۔

کُسہ مرٕ تہٕ کسو مارِ ن            ہیٚر کُسہ تتےٚ مالِ کس

یُسہ ہرِ ترٛاوِتھ گرٕ گرٕ کرے      مرِ سُے تہٕ مارِ ن تمس

یہ موٚنگلہ تصور چھُ تَس اَوٕ خوشیوٗن باسیوٚمُت بیلہٕ وگیانُن منٛز برابر وٲژ ہیٚرِ آس۔ یُس گیان تَس کَل کرِتھ سیٚتہٕ اَتھ آو۔

ڈیانس اندر دَمہ دَمہ ہیلہٕ

گونٕ ژوٚدوم تمرٕژِتھ برٕ

## یا لُکہ لُکہ کران لالہ وُز نوو‌ُم

یہ اَندرِیُم شناخت چھےٚ للہ ہمیشہ کلامچ اَکھ نمایاں خصوصیت۔ تَمہ کارٕ چھُ فِکرٕ پروفیسر رحمان راہی یہِ شعر کٔنہِ " للہ ہُنٛد اَندرِم جنگ تہٕ تَمِیُک جدو جہد چھِ تسٕند ین گٔنہ تہٕ تجربَن ہُنٛز یُکہٕ وٕنو گٔنہ تہٕ ویژارس ہُنٛز تسٕنٛز involvement یانے آورنی ہُنٛد سبب بنان تہٕ تَمہِ سٕتی چھ تسٕندین کلامس ہُنٛز جانہ جابہ ایحساسک اَکھ وُبہٕ وُن تار وُزان تہٕ جذبچ اَکھ زورلاوار گیمت ہُران۔ یوسہِ تسٕندین خیالن تہٕ ویژارن، شعرن تہٕ رایِن بُژھن تہٕ یُژھن تسٕندین لفظن تہٕ کھنن بہلہ پایہٕ شاعری ہُنٛد اِنہسار بخشان چھےٚ "۔

تہٕ ییتھ پاٹھٕ یُس باضابطہٕ پاٹھٕ پییہٕ آمت شار اَکھ اَندرِک کوٗندٕرِ دُراے۔ آسہٕ سُہ آسہٕ نہٕ معولہٕ وُن ماَرِ موٗٹھد تہٕ اَدِ کیٛاہ۔

للہ دید چھےٚ اَکھ حسبہٕ ہُشار شخصیتھ۔ تَسٕنٛدِ اوٚنٛد پوٚکھ چھُیہٕ تسٕنٛز کامہِ ہُنٛز ژالتھ ہیٚوٗکھُت۔ یِم بیدار حِس چھ سٕنٛز سیٚٹھاہ شاعِر سٕنٛز عظمتھ آسنیچ ضمانتھ دِوان۔ یکیاز شاعِرس یُس اَندرِم ظلوٗنِ چھُ تَتھ ییمٕٹھ چھُ اوٚنٛدپکھ یا ماحول تہٕ اَتھ اَنٛداز روزان۔ تہٕ یا سُے چھُ سُہ ماحولے شاعِرس تحریک پیش کران۔

نیٚشہ بوٚد اَکھ بوٗ چھُم وازِن ماران
تَنہٕ لل چھس پٕرارن ژھیٚنم تا پراہ

یا

زل تھیٚنہ وُن ہیتواہ تمہٕ ناوٕن
دوٗر دوٗ کمن پیٚسرِ دَرٕ یتھ

# لل دید تہٕ شیخ العالمؒ

## (اکھ تقابلی جایزٕ)

●

یتھ بحثس منز شرکتھ کرن وٲلۍ نوجوان ادیب چھہ
وجے کمار مهنوری ؛ عزیز حاجنی ، ردیندر کمار کول ،
آشنا عزیز تہ بشر بشیر۔

●

تہٕ بیٚیلہِ یہِ بَرمَژر آوُ تھٕ تیمہِ نَظرِ دِژ تہٕ وُچھن "شوشکھ میلتھ
تہٕ کیاہ سے"۔ یہِ سورُے کیٚنہہ چھُ شاعرٕ سٕندِ مطالکُ باس دوان۔

شاعر چھُ پننہِ وَرتاوس منز تہٕ زبانہِ وارِیاہ کیٚنہہ نٔو بخشان
سُہ چھُ ورتاوس چُستی۔ ہُشارِ لفظ۔ وَیہِ وِزِ محاورٕ شاعرس منز آوراوِتھ
شاعرٕ چ اہمیت بڑراوان۔ تہٕ سُہ چھُ تتھۍ لفظ چھ پارسنس ۱۴ نو ۴ م
موزوٗلی لفظ اُ رتھ خوشی یوٚت لفظ باسان چھِ۔ تکیازِ یِہ شاعر
پننہِ تخیلہِ اُچھو وُچھان چھُ تہٕ لفظس منز اثر نس چھِ پننہِ تخیلہِ میاٗنز
پوٗرِ پاٹھۍ وسان۔ تکیازِ یِہ ہتھ کانہہ لفظ چھُ کَھرٕ کَرتھ ونہِ ونزٕ ژلانہِ
شاعر چھِ کوشش کَران تتھ خیالس لفظن منز اَنِنچ۔ اَدٕ یَکھ چھُ
نار نشو لۆکٕ لتہٕ یادٕ کران تہٕ لفظِ میٚل تہٕ ژھتس ھقوان۔ یمہِ سٟتۍ زبانہِ
ہِر جاۓ تہٕ بِچھر میلنک اکھ رَت موقہٕ چھُ اَتھہ یوان لل دید تہٕ چھے
زہتہ پاٹھۍ پنینز فلسفیانہٕ خنہ کتہٕ کاٗشر اوتھ اکہ خوشیوٗنز زینہ وِزِ دِژ ہِرش
یمہ پٲٹھۍ تخلیقی لایق چھے۔ وُچھو تۆ نوم کیٚنہہ لفظ۔ گیانہٕ مارگ۔ گیانہٕ رگ
رتنہٕ دیپچھ۔ ژیتہٕ توٗرگ۔ کالہٕ زال۔ بوٗدٕ پرکاش۔ سہز ومشار۔ وتہ
نامش۔ منہ چھیرِ نکل۔ ژھوپہِ منتہٕ۔ انتروٗلود۔ راون تیوٗل۔ بینتر بینتر۔

اوٚمے اَکےٚ اَچھُر پوٚرُم
مے مالہِ روٚٹھُم دوہ نِدَس مٔز
سُے مالہِ کیٚتہِ پیٚچھ گوٚرُم تہٕ ژوٚرُم
اَیس ساس تہٕ بَسپینس بعین (للہٕ دید)

وُچھ توٚ دوہ ژ یہٕ شِشرُک ۔

پوٚز دِیان پیٚن زن شٕکھ
اَپُز دِیان لگی رس
مُحمد ژراوِتھ ابلیس زٕتھ
خودائے دیٚتے تہٕ کھٕٹ کٕس (شیخ العالم)
.بیٚیتھ واکھس تہٕ شُرُکس منٛز چھُنہٕ بندشِہ یا تشکیلہٕ موجوب کانٛہہ بنیادی

فرق۔ فرق ہرگاہ چھُے سہ چھُے تجزیہ تہٕ ورتاوٕچ۔
حضرت شیخ تہٕ للہ دید دوشوٕنوے اُسی ماز کھینس خلاف یِمہٕ نِشہٕ عقیدٕ
اوس زٕ زوس ژو کھیٚنوٚن ڈیٚن چھُنہٕ کانٛہہ گاٹہ جار۔ تہٕ کیازِ مارنیٚ زوٚ ناژن
منٛز چھُ اَکےٚ دَسے مختلف روٗپن گِنٛدان۔

للہ دید چھےٚ ونان ۔

لَلہٕ کاسی شیت نیٚوا زی
ترٛن زل کری آہار
یہٕ کمہٕ دوہہ پدیش کوٚرُے بٹا
انٛدٕ پیٚتن ونٛتھس سہ ژیٚتن ڈیٚن آہار
تہٕ علمدار چھُ بیٚیہِ کتھہٕ بیٚیتھ پاٹھٕ ونان ۔
میشس کھش نا کرٕس پٕزے

# دیٖپے کُمار مہنوٗری



ییٚمہٕ ساتہٕ اَسہِ لل دیدِ تہٕ شیخ العالم سٕندِین کارناممَن وۄنٛ دوان
رٕچھہٕ اَسہِ چھُ یِہِنٛدِ عظمتُک احساس گژھان تہٕ ستی چھہٕ ہشِرکی تہٕ بیٚنِرکی
کیٚنٛہہ پہلوٗ ژٔرِ ژٔہہ کُن یِوان تہٕ ییٚمن پیٹھ سوچنہٕ ستی واریاہن کٔھڑن ہٕٹ
ہیٚکہٕ نیٚبر نِتھ۔

یوٚتام مُتھ زن کلامچ ہنبِشر تُہنٛد توکُق چھُ، باسان چھُ زِ واکھ تہٕ شُرُک
چھہٕ اَکی چیزِ کرٕ زٕ مٕنیوٗن بٕتھوٗن ناو۔ چنانچہ اَمہٕ کنہہ ہشِیر زینہٕ وَن چھپے "کلیاتِ
شیخ العالم" ییٚمِس گوڈٕ ووٗترِس منٛز یِتھے پاٹھو درج آمُت۔" لل دیدِ ہنٛدِس
واکھس تہٕ حضرت شیخہٕ سٕندِس شُرکس چھُنہٕ میانٛہِ کینٛہہ فرق۔ ییٚم چھہٕ اکی
صوٗرژ ہٕنٛدِ کرٕ زٕ ناو۔ ییٚتھہٕ کٔرا اَکہ راد چھُ تہٕ گرا بیاکھ۔ گیے چُھس ہوٗژنہٕ۔ یوٗدوے تہٕ
رادژ صوٗرٹ۔ کاشرِس منٛز چھِنے یہٕ سوہ شارِ ذاتھ ییٚتھ کانٛہہ صوٗرت یا پٕنٛدِش
چھنہٕ۔ یِتھہٕ پاٹھو لل دیدِ ہنٛدی واکھ گٔنِہ ژوٗر شطرِ یِرِمانہٕ تہٕ چھِنہٕ تِتھے
پاٹھو چھہٕ شیخہٕ شُرکو تہٕ شکل بدلاوان۔ شُرکن منٛز چھِہ شطرن ہُنٛد تیداد
دۄہ پیٹھ ژٕ تو دُہن تام واتان۔ مگر یِتھہٕ شُرکس منٛز چھُہ شطرن ہُنٛد تیداد
جُفت۔ کلیاتس گوڈٕ ووٗترِس منٛز ییٚمہٕ کنہہ ہشِیر باوتھ کرٕنہٕ چھپے آمٕژ تمیک
تصدیق چھُ واکھن تہٕ شُرکن پیٹھ غور کرنہٕ ستی تہٕ سپدان --

نیشہ یوّد اکھ وُچھُم دانہ سماران
نتہٕ لل چھس ژاران ژھینّم تاپراہ
تہٕ حضرت شیخ چھُ امہٕ کتھہِ ہنز رٕ دکھنے یتھہ پاٹھو کران سہ
کینژن ہتہٕ بدی دانکو گچھن
اَن گچھُن زنگ کہو چھتو
کینژن دسے نتہٕ موصُم بُچھن
پانہٕ آشن کسں پا دِتو

نفس عدرٕ ژٹھ چھُ للہٕ تہٕ شیخہٕ سُنُد مشترکہٕ اصول۔ دوشوے چھُ ژیو نعمت زیوٗ تام تہٕ نفس قوبو گژھ توٗ تام چھُ اعلا پیزرس تام اتن ناممکن۔ دوشوے چھُ تیزم وٕتھ اختیار کرنس پیٹھ زور دِوان یِل چھِنے ونان سہ

کھینہٕ کھینہٕ زیپا کُن نو واتکھ
نہ کھینہٕ گژھ ہاکھ اہنکارُے
سوٗمے کھنے مالہ سوٗمے آسکھ
سوٗمہ کھینہٕ مژرنے برہن تارُکھ
حضرت شیخ چھُ امہٕ کتھہِ یتھہ پاٹھو پھٹ کڈان سہ
تار گژھ سہن تہٕ آر گژھ گالن
افو ہر گژھ کرن دوہ پل ہاکس تہٕ ہندے
عدٕ گژھ ژٹھ تہٕ مد گژھ والن
ویتہ گژھ ژالن تہٕ توٕ اُتھو نو گژھ شدے
شوب گژھ کاچھن تہٕ لوب گژھ مارن

زان تہٕ وُچھ سٕۓ کیٚشان
یوٚد میون گوٚو یہ پدشرے
اُکےٚ زوٗ بڑٕ تُجھہِ گِثدان

لَلہٕ مأج تہٕ شیخ العالمؒ اسو وونِدس دوٚن دِتھ دے زھارہٕ پکو طرفدار۔ دوشوٚے اسو مذہبی ہاوِ پاوس خلاف۔ یمن کنکھن چھٕ یمو ؤنِنس کلامس منز تہٕ جاے دِتٕرمٕژ۔ لل چھےٚ ونان سہ

دیو وٹا دیوٕر وٹا
ہیہرٕ بوٚن چھےٚ یکہ واٹ
پوٗزس کرکھ ہوٚتہٕ بٹا
کرمنس تہٕ پوٚنس سنگاٹ

شیخ العالمؒ چھہ فرماوان سہ

پوٗزہ پوٚزہ بوزکھ پانٛژھ توٚ موٗرکھ
نتہٕ مازن موٗرکھ سوہے چھےٚ نماز
شوس تہٕ شنٛمخ ییہس میٚل یوٚدکرکھ
سیدو سوہے چھےٚ ونتھہٕ نماز

لل دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ چھہ تمہٕ دورکہ پاداواریٚیِنم ہراٗنی دوراوٚب۔ پرانہٕ قدرہٕ آسہٕ مُران تہٕ نوٚ آسہٕ زاٗیتھ لیان۔ سوٚرے اوس آورہ واریٚ عام انسانن کیٚتہٕ اوس اَمہٕ وقتہٕ گژھان۔ تمیٚک ماکارہٕ اثر چھہ یمیٚن ہٕندِس کلامس منز دِرٕشٹھ گژھان۔ لل دید چھےٚ اَمیچ باوتھ یتھہٕ پاٹھۍ کران سہ

گاٹلاہ اُکھ وُچھم بوچھہ سیتۍ مران
پن زن ہران پوٚہہ ننہٕ واوٕ لہٕ

روزان شیوٚ شکھ تھٕ نا اَستے

مہ تہٕ بیے کُہنہ تہٕ ژُسے دوہ پدیش

کوٚل مو لگی ژنگن تہٕ سنگن

کوٚل مو ہٕشگن لیکھنے آو

کوٚل مو اَشُد لگی انگن

دَرن عمل نتہٕ کوٚل کتہٕ آو (شیخ العالم)

یوٚت تام مَنٛز نفسانی خاہشن ہُنٛد تولُن چھُ دوٚنوے چھ یتھ کنٛتھ پیٹھ زور دِوان زِ یم گرٛھن قوبو کرنہٕ۔ اِنسانس گرٛھ ژٕکتہٕ قسمٕک طمع یا لالچ گرٛھن تہٕ نہ گرٛھ تتھ چیزس لول برٛن یُس نہٕ ابدی آسہ۔ تہٕ کیٛازِ خاہشن ہُنٛد دُنی یا چھُ وٕتہٕ ڈالان۔ یُس نفسانی خاہشہ گنٛڈس ثَل اَنہٕ۔ سُے چھُ دَے پراوان تہٕ دُنی یا چھُ تہٕ تمس برٛمراوِتھ ہیکان لل چھےٚ باوان ؎

یم لوٚب من منٛز مَدٕ ژوٚر مارن

وَتہٕ نامشی مارِتھ لاگن داس

یم سہزٕ ایشور گارن

تیمے سورُے وِچھ ہُن ساس

تہٕ حضرت شیخ چھُ وَنان ؎

کام کروٚد لوٚب مُہ تہٕ مد اہنکار چھے

وو ہُتِھ نار چھے دِوان براے

کرشے تہٕ بکارن اَندٕ آدار چھے

چھنٛدس دیار چھے مو کر ضاے

پان گرٛزھ تارٕن بۆ، ہیٚنٛدٕ رے

ہیم دِ نوٚرے چھہ گوٗرٕس سارِوٕے کھوٚتہٕ تھوٚد مُقام دِوان تہٕ گوٗرٕ
کنہٕ حرفِ آخر مانان۔ دوشوٕنی ہنٛد عقیدٕ چھُہ یہٕ زِ ییٚمہ چھےٚ سوٚدتھ ہوٚسہٕ
انسانٕس اعلاٰ حقیقتس تام واتہٕ ناوان چھےٚ۔ للہ ماجہ چھےٚ اَتھ بابتھ ییٚتھہ
پاٹھۍ گرٕمژ ـــ

گوٗرٕ ہیٚنٛدٕس یُس یٚژھ پٔرزھ برے
کیٛشاہ وِکہٕ ٹہٕ ژیٛتہٕ توٗرٕکس
ہیٚنٛدرے شوٗمرِتھ آنند کرے
اڈ یُس مرے تہٕ مارن کُس

تہٕ حضرت شیخ چھُہ گوٗرٕ (موٗرشد) ہیٚندٕس ہنٛجرِس ییٚتھ کٕنہ جایہ
وَلان ـــ

گوٗرٕ کنہٕ چھےٚ نابدتہٕ ٹنگ — یوٗد روٗژی تہٕ پرٛژیی
گرٛزھہ گوٗر گوٗرٕس منگ — توٚ وَنٛدٕس شٕشلٕتھ پیٚیی
توٗشے ژلی روٗزٕن بنگ — خودا تہٕ اَچھہ ییٚیی

لل دیدتہٕ شیخ العالمٓ ہٕنٛد کلامہٕ پٔرِتھ پَتہٕ چھُہ فکرٕ ژرٛان زِ دوٚشوے
چھہ ذات پاتس خلاف۔ ییم چھینہ انسانٕس تہٕ انسانٕس منٛز فرق کران تہٕ ییٚتھ
پاٹھۍ چھہ ییم انسانٕہ ہیٚنٛدٕس ہنٛجرِس تہٕ دیٚیہ ہیٚنٛدٕس گنٛزرِس گوٚڈ برابر۔ ییکیار
دوشوٕنی چھُہ ییٚمہ کنہٕ ہیٚنٛد تجربہٕ زِ دیٚیہ دربارس منٛز چھہ ساری برابر ـــ

واکھ مانس ہمول اکھوٗل نا آسے
ژھوٚکہٕ ہیٚمدہ اَتہٕ نا پرٛژیس

●

چھُ تجروبن ہُنٛد شعوٗر گنیرتہٕ شاعِرانہٕ صداقتک پرتو نظرِ گژھان چنانچہ
لل دید چھےٚ وَنان ؎

لل بۆ ژائیس سوٚمن باغچ برس
وُچھُم شوس شکھتھ میلیتھ تہٕ واہ کیات
شُتوٚے گٔرِم اَمرٕتہٕ سرس
زِنٛدے مرس مےٚ کرِ کیاہ

لۄلہِ مقابلہٕ چھُ حضرت شیخٕ شرٕ شاعِری منٛز گُنہ گُنہ تبلیغی رنگ نظر
گژھان تہٕ یہ شاعِری چھےٚ بیان بازی ہش باسان ؎

رٮ۪شہِ اُسو پٮ۪تھم رٮ۪شی
تِمن پیٚتھ جِنٛد یِتھ گرٕ پن
مشکِتھ کھارہن وُشکے کوٚشی
تیچہ ژرہن پیٚتھ وٕتن
اَزِ کو رٮ۪شی کیٚتھ رٮ۪شی
یمن ماز کھیٚتس بہم
کھاسو زٕ نقوت نِشم نِشی
اَکِس گوگل بیٚیس کٔرِم
نہٕ کھیٚتھ پٮ۪لہِ خداے مشی
رٮ۪شہِ ہےٚ توہمہ تہٕ ژوٗر کٔرِم

لل دید اُس دیہ ناوس منٛز لین گٔمژ۔ یمہِ کنہ تس پلوان پوشاکن
ہُنٛد کینٛہہ غم یا پرواے اوس نہٕ۔ سوٚ اُس ہمیشہ مست روزان۔ دُرے پژاوُتھ
تہٕ اصلیچ ذان سپدِتھ اوس تس سورُے تمثیلوٗدے جلو باسان ؎

